


یونیورسٹی تحقیقی رسالہ

نعتیہ ادب

# انہار

خاص شُمارہ

۱۹۹۲ء


نگران اعلیٰ ــــــــ پروفیسر مرغوب بانہالی

ایڈیٹر ــــــــ قاضی ظہور



مجلس مشاورت

- شفیع شوق
- شاد رمضان
- مجروُح رشید
- معراج ترکوی


شُعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی حضرت بل سرینگر








# انہار

وَری ـــــــ ۱۹۹۲ء

کوڈینگ چھاپ ـــــ اکھ ساس

خطاطہ تہ تزئین ـــــ مِعراج تُرکوی

موٗل ـــــ ۱۰۰ روٗپیہ

شالیمار آرٹ پریس سرینگر

شُعبہ کشمیری، کشمیر یونیورسٹی حضرتبل، سرینگر



# ترتیب

# پیش لفظ

انہارُک زیرِ نظر شمارٕ چھُ تمن تحقیقی مقالن پیٹھ مُشتمل یم کاشرِ شعبکِ طرفٕ منعقد سیدِ مِتِس "مُختلف زبانن منز نعتیہ ادب" عنوانس تحت سیمنارس منز فاضل مقالہٕ نگارو پٔرِ۔ اَلحمدُ لِلّٰہ کاشرِس شعبس سپز "انہارُک" یہِ خاص شمارٕ شایع کرنچ سعادت حاصل۔ یمہِ خاص شُمارُک بُنیادی موضوع چھُ آنحضورؐ ہنز نعت گوئی تہٕ امہِ موضوعُک تعارُف چھُ سہٕ استقبالی خُطبہٕ لیُس نعت گوئی ہندِس پوٗرٕ منظرس ژھوچرٕ سان مگر مکمل پأٹھۍ باوتھ کران چھُ۔

شایدے آسہِ دُنیہچ کانہہ زبان یتھ منز نہٕ شاعری یا نثرِس منز نعت وَنہٕ یا لیکھنہٕ آسہِ آمٕژ۔ یہِ چھےٚ واحد ادبی صنف ییمکِس ابتداہس تہٕ معنہٕ مفہوٗمس مُتعلق نہٕ کانٛسہِ تہٕ تنقید نگارس تحقیقی ژھانڈ دِنۍ پییہ۔ تِکیازِ یمی باری تعالیٰ ہٕنز آنحضور صلی اللہ علیہ وسلم تمام عالمن ہندِ




باپتھ رحمت بناوِتھ سوزِ سُے خُدایہ برزٕ چھُ تِہنٛد گوڈنیُک نعت خوان بنان۔ وماارسلنٰکَ اِلّا رحمۃً لِلعالمین ۰

یُوت یُوت وَق گُذران گژھ نعت خانی ہُند احساس تہٕ ضرورت گژھِ تیُوت تیُوت گنان، ہِکیازِ ییٚنٛز احسان اُمی شفیق تہٕ عظیم ترین انسانن کٔرُم انسانیتس کرِتھ چھِ تمِ نظرِ تل اَنِتھ ہکوٗ نہٕ سارِی انسانی تواریخہِ منز کانٛسہِ فردٕ سُنٛد یا کُنہِ جماژ ہُند مقابلس منز نادِتھ۔ محمدؐ چھُ تمہِ رُوحانی، فکری کیو عملی انقلابک ناوِ ییٚمکہِ برکتہ آدم ذاتھ وہمن، جہالژ تہٕ بدعملی ییٚن ہِند اَنہِ گٹہِ نشہِ نجات لبِتھ آگہی علم تہٕ نیک کردارِ ہِندیٚن نیٚبہِ ناوَس منز داخل سپز۔ یہ چھُ سُہ بے اند تہٕ بے وَنت سوٚدُر ییٚمہِ نشہِ عظیم انسانو رنگہِ رنگہِ تزلیش ہوٚمراو۔ یہ چھُ سُہ معنہٕ سوٚد رمز بیٚتھ باوَتھ کرِتھ کرِتھ تسلّاہ بخش باوَتھ پٲدان چھنہٕ۔ بقولِ غالب ؎

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمدؐ است



آنحضورؐ چھِ پرتھ اکس شخصس ہندِ باپتھ ہادی برحق
تہٕ یوہے رہبرِ صادق ینچہنا وِ مادی مفادن
ینِتھ پھلواہ گامتین پرستارن زِ عقلس کیتھ پاٹھی
ہنکہٕ ہونا کہ اقدامو بجایہ خاپرکنگ ذریعہ بنتھ تہٕ ابتلا ہس
منز ہینہٕ آمتین لوکن تہٕ ہیکہٕ یوہے عظیم ترین
مفکر دانشمندی تہٕ علم پروری ہند نور عطا کرِتھ
یُس کُنہِ شکہٕ شبہٕ ورأے تہندِ باپتھ مشعلِ راہ بنہٕ۔
اللہ تعالیٰ دِین اسہ ساریٖنے توفیق تمہٕ لبیک کرنک
یہ تمی قرآن و حدیثہ زِنگ اسہ تام واتنو۔

امین

آیۂ کائنات کا معنیٔ دیریاب تُو
نکلے تیری تلاش میں قافلہ ہائے رنگ و بُو

قاضی ظہور
ایڈیٹر

# خطبۂ استقبالیہ

بسم اللہ الرحمٰن الرحیم

نحمدہٗ و نصلی علیٰ رسولہ الکریم

وفی نعتہٖ

| | |
|---|---|
| بلغ العلیٰ بکمالہٖ | کشف الدجیٰ بجمالہٖ |
| حسنت جمیع خصالہٖ | صلوا علیہ وآلہٖ |

| | |
|---|---|
| حق تعالیٰ پیکرِ ما آفرید | وز رسالت در تنِ ما جان دمید |
| از رسالت در جہان تکوینِ ما | از رسالت دینِ ما آئینِ ما |
| از رسالت صد ہزار ما یک است | جزوِ ما از جزوِ ما لاینفک است |
| از رسالت ہمنوا گشتیم ما | ہم نفس ہم مدعا گشتیم ما! |
| معنیٔ حرفم کُنی تحقیق اگر | بنگری با دیدۂ تصدیق اگر |
| قوتِ قلب و جگر گردد نبیؐ | از خدا محبوب تر گردد نبیؐ |

★

| | |
|---|---|
| محمدؐ کی غلامی ہے سَنَد آزاد ہونے کی | خدا کے دامنِ توحید میں آباد ہونے کی |
| محمدؐ کی غلامی دینِ حق کی شرطِ اول ہے | اِسی میں ہو اگر خامی تو سب کچھ نامکمل ہے |

قابلِ قدر وائس چانسلر صاب، ذی عزت پروفیسر صاحبان تہٕ علم دوست خواتین و حضرات۔

## السلام علیکم

اُکس خاص الخاص روح پرور سیمنارس دس تلناونگ یہٕ اجلاس چھُ واقعاً سادٕ



# نعتیہ ادب

خاطرِ اکہِ انتہأیی خوشی تہٕ خوش نصیبی ہُند موقعہ فراہم کران۔ تکیازِ یمیُک پیشِ نظر موضوع چھُ تَس شانہٕ بُڈِس پیغمبرس کُن منسوب یَس بَندِس شانس منز پانہٕ حق تعالیٰ لَوْلَاکَ لَمَا خَلَقْتُ الْاَفْلَاکَ فرماوان چھُ۔ ساڈٕ یمہِ سدٕآہِمہ سالانہٕ سیمنارُک مُدعا چھُ اُمہِ محبوبِ کبریا، خاتم الانبیا، حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلم سٕندِ پاکیزہ صوٗرتُک تہٕ تقدیہ ساز سیرتُک جمالیاتی پرتو ہاوُن وول نعتیہ ادب یُس زِ پاٹھۍ زیرِ بحث انُن نعتہٕ کِس ناوس پیٹھ کمو کمو صاحبِ دل شاعرو کتھو لافانی ادب پارہٕ چھِ کاشرِ علاوہ عربی، فارسی تہٕ اُردو وس منز تہٕ وِزہ وِزہ بارسس اُنۍمتۍ؟ یا تمو دِلنواز نعتیہ ادب پارو کُنہٕ کور چھُ واریاہن آوارہ دِماغن تہٕ پریشان دِلن صحت مند تبدیلی انٕنس منز اکھ عارفانہٕ تہٕ حکیمانہٕ رول اداکورمُت؟ از چھُ اَسہِ تی وُچھنہٕ خاطرٕ مختلف مشرقی زبانن ہنٛز مہارت تھَون والین اہلِ علمن تہٕ اہلِ قلمن باہم تبادلۂ خیال کرنُک دعوت دِتیمُت۔ اَسہِ چھےٚ ووٚمید زِ تِہند سنجیدہ تہٕ عالمانہٕ تبادلۂ خیال سٟتۍ گژھہِ سو کمی دوٗر یوسہٕ نعتس پیٹھ وُنتام سیٹھاہ کم کام سپدنہٕ کِنۍ محسوس کرنہٕ چھےٚ یوان۔

عوأمی سطحس پیٹھ اگرچہِ نعتُک مفہوم صرف مدحِ رسولِ اکرم ؐ کرنس تام محدوٗد زانہٕ چھُ یوان۔ مگر عالمانہٕ تہٕ دانشورانہٕ سطحس پیٹھ چھُ اَمیُک معنوی باڈٕو سیٹھاہ تِہندار تہٕ وسیع تکیازِ اتھ سطحس پیٹھ چھُ نعت رسول شناسی تہٕ دین فہمی ہُند اکھ بااثر تہٕ مُستقل اِدارہ زانہٕ یوان۔ سُہ اِدارہ یُس خُلفائے راشدین، حسان بن ثابت تہٕ کعب بن مالک ہِوٕ برگزیدہ صحابہ صابو عہدِ رسالتس دورانے قایم چھُ کورمُت۔ سُہ اِدارہ یِیمہِ گُذشتہٕ ژوٕدہن شتن وریٚین دوران مِلی سطحس پیٹھ واریاہن ہُندرِ کمین دِلن سوزِ ایمان تہٕ واریاہن دَم بستہٕ ٹُنتی ین اِظہارُک اِطمینان مُیسر کورمُت چھُ۔ اَمہِ لحاظ ہیکو کھِنہٕ اَسۍ نعت لفظکۍ ساری پہلو بٟیہ کُنہِ زبانہِ منز اِحاطہ بنہٕ کٔرِتھ مثلاً اگر اَسۍ انگریزۍ لوغاتہٕ کِس سطحس پیٹھ اپی تھیٹ (EPITHAT) پریز (PRAISE) ٹرِبیوٹ (TRIBUTE) ڈیووشن (DEVOTION) تہٕ ڈسکرپشن (DESCRIPTION) ہِوۍ لفظ تہٕ یکجا کرو کھ تو تہٕ باسہِ نعت وسیع تر۔ البتہٕ یُس نعت لفظکۍ مشخص مفہوم پراوان برونٹھ یِہ پہلو تہٕ زیرِ نظر اَنُن زِ بطورِ اکھ صنف شاعری ورتاوس منز آسنہٕ

باوۄجوٗد چھُ آنحضورٕنۍ ہُند موزوٗن ذکرِ خیر کرنُک یا تِمن سِتۍ شرفِ ہمکلامی لبنُک اکھ مخصوٗص مقبوٗل تہٕ مُشخص وسیلہٕ زانہٕ برونٹھ نعت لفظ کالنہٕ تہٕ اسم شخصہٕ ہندِس تعریفس تہٕ توصیفس ونہٕ اوسمُت یوان۔ چنانچہ چھُ مولانا جامی ہیو عظیم نعت گو شاعر تہٕ نعتُک صیغہٕ جمع یعنے "نعوت" نوٗمہِ صدی ہجری دوران عام تعریفن ہندِس مفہوٗم سے منز ورتاوان مثلاً یِیلہِ سُہ "لوایح جامی" ناوچہِ کتابہِ منز حق تعالیٰ ہندِ حقیقتکۍ پانژہ مرتبہٕ زیرِ بحث انان تہٕ گوڈنیُک مرتبہٕ یِمَن لفظن منز بیان کران چھُ :-

"موجوٗدِ حقیقی یکے بیش نیست۔ امّا اورا مراتب است۔ اوّل مرتبۂ لاتعیُّن، کہ مُنزّہ است از اضافتِ جمیعِ نعوت وصفات"

یا یِیلہِ مولانا جامی شاعری ہندِس جوہرس خُدائیٔ امانت نہٕ زانن والین ضمیر فروش شاعرن سِتۍ پننۍ دلی نابرابری ہِتھ کنۍ ظاہر کران چھُ :-

چیست شُغلِ شاعران تنسیقِ اوصاف ونعوت
دارد از آوای زاغان طوطئِ طبعم اِبا

سر کرِدہٕ عربی، فارسی، اردو تہٕ کاشرِ نعت گو حضراتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ نَنان زِ تلامذالرحمٰن قِسمہِ کِہن اخلاص مند شاعرن ہنز کلُہم شاعری خاص پاکھٕ تھہنز نعت گوئی چھےٚ پاکیزہ دِلن ہنز تتھ وُزنہِ تہٕ بصیرت یاب اچھن ہنز تتھ نظرِ تھٔنہٕ پیوان یتھ منز دُنیائی آغوبجایہِ سُہ آقائے نامدار تہٕ پیغمبرِ نازنین تمام حسینن ہُند سرتاج زانُنک اعتراف کرنہٕ چھُ یوان نہٕ سُے تمام پاکبازن ہُند صاحب خراج مانُنک اعلان کرنہٕ چھُ یوان۔ یُس اخلاقِ عالیہ کِنۍ انسانِ کامل، تکمیلِ وحی کِنۍ خاتم النبین تہٕ سخی نوازشاتو کِنۍ رحمۃ للعالمین چھُ۔ اُمی ہیے رسولِ محترم صلی اللہ علیہ وسلم سندِس پُرجمال خُلقس تہٕ باکمال سیرتس چھُ پانہٕ حق تعالیٰ قرآنِ شریفچہ شکلہِ منز خراجِ محبت پیش کران۔ بلکہ چھُ اُمی سے ٹاکھِس تہٕ آخری نبی یس نوٗرانی گرائِن تہٕ بے سایہٕ نزاین لول برنہٕ زنگ اللہ تعالیٰ ملایک ہتھ درود و سلام سوزنس منز خاص ربّانی مسرت محسوس کران چنانچہ چھُ قرآن حکیم کِہن لافانی لفظن منز اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ ونِتھ حق تعالیٰ پننہٕ اَمہِ قلبی کیفیتُک ٹاکارہ اعلان کران۔ بلکہ چھُ پننِن ایماندار بندن اَمہِ ربانی مسرتک

بوگ لبناونہ خاطرہ تمن تہ درود و سلام کرس اکھ دلنواز کارِ سعیدس منز شامل گڑھنک تاکید کران تہ ونان "یا ایُّھا الّذِینَ اٰمنُو صلّو علیہِ وَ اسلمُو تسلیما ۰" یعنے اے اہلِ ایمانو سوزان رُوزِو میانس اُمس ٹاٹھس رسولس پیٹھ تمیتھ درود و سلام یُس اُہندس انتہائی شفیق تہ سراپا رحمت ذاتس شایانِ شان آسہ۔ درود و سلام شایانِ شان پاٹھو سوزنک یہ تاکید چھُ اکھ زبردست لمحۂ فکریہ پاداہ کران۔ خاص کرتھ درود حضورس تہ نعتس وجد آفرین بناون والین تمن اہلِ ایمانن ہندِ خاطرہ یمن آنحضورؐ ہندِ معراج بالجسدی پاٹھو تہندس حیات جاودانس پیٹھ ترٹھے پرٹھ چھُنے پڑھ اکھ کتھ پیٹھ پژھ چھکھ زِ

"اَلسَّلامُ عَلیکَ ایُّھَا النّبی" پرنہ روس ہیکہ نہ کانہہ نماز شرفِ قبولیت لبتھ۔ اُتھی یقینس حاصلِ یقین زانن والین مولانا رومی، شیخ سعدی تہ مولانا جامی ہوین صاحب دلن ہندی پاٹھو چھُ علامہ اقبال تہ "بل احیاء" کس وسیع تر تناظرس منز نہ فقط آنحضورؐ حیات زانان بلکہ چھُ تمن اُمتی بندس دِلس منز گژھن واجنہ مختلف رایہ پرزناون والہِ خاص الخاص حیاتک ماتک تہ زانان توے چھکھ یمہ آیہ نادلایان:۔

| | |
|---|---|
| اے فروغت صبحِ اعصار و دہور | چشمِ تو بینندہ ما فی الصدور |

ہیاری چھُ شایانِ شان پاٹھو درود و سلام سوزنک یہ قرآنی تاکید بوزتھ انسانی اظہار و بیانس اُکس نازک امتحانس منز تراوتہ پننک باس تہ لگان۔ چنانچہ چھُ لوہے احساس بڈین خوش فکر دانشورن ہینی آس ہزار بار عطرِ گلابہ ستی چھلنہ باوجود آنحضورؐ ہُند اسمِ پاک زیوِ پیٹھ ہیون اکھ کارِ دشوار باسہ نادان۔ اُتھی مرحلس پیٹھ چھُ حیاتِ رسول اللہؐ تہ احساناتِ رسول اللہؐ پرزناون واکس پژیتھ نفرس خود کلامی تحت شاعرِ مشرقس ستی ہم آواز بنن پیوان تہ پانس کُن ونُن پیوان زِ:۔

| | |
|---|---|
| چون بنامِ مصطفےٰ خوانم درود | از خجالت آب مے گردد وجود |
| عشق مے گوید کہ اے محکومِ غیر | سینۂ تو از بتان مانندِ دیر |
| تا نداری از محمدؐ رنگ و بو! | از درودِ خود میالا نامِ او |

بہ کرہ یمن فارسی شعرن ہُند مفہوم تہ پیش۔ ونہ چھُ آمت:۔

"ییٚلہِ یہ آقائے نامدار حضرت محمد مصطفےٰ اصلی اللہ علیہ وسلم ہٕندِس نام پاکس
بیٹھ درۄدہ سوزُن چھُس ہیوان۔ اَتی چھُم مێنٛ وجود خجالتہٕ کِس عرقس منٛز غرق گژھن
ہیوان۔ یہ سوٚنچھ زِ یہ کتھِس لاثانی شاہہٕ بُڈس آخس کیٚت خجل زد تہٕ نابکار اُمتی
چھُس۔ یہ چھُس پتہٕ زانان زِ درۄد وسلام چھُ عشقِ رسولُک لازمی اظہار مگر اَتھ
چھامیانہِ طرفہٕ مطلوبہ کِردار ڈٲکھس؟ ضمیرُک یوٚہے سوال بوٗزِتھ چھُ مےٚ پنٕنہِ عقیدُک
شعبہٕ عشق لشہٕ ژٕٹھِتھ وٕنُن ہیوان زِ پنٕنہِ زوال پذیر کِردارہ سیتۍ اِسلامُک ناوٕ ندٕ چھاون
والیا زٕے پرٕ یا اُمہٕ آیہ آنحضورنٛ ہُند ناو ہیوٚن؟ ژہٕ چھُکھا تمن قابلِ قبوٗل درۄدچ ڈٲلۍ
پیش کرنس لایق بنیومُت؟ چون سینہ ہے عشقِ رسوٗلُک رٕنٛگِ طلایک مقام بنٕنہ
بجایہِ وُسی پایہٕ بوالہوسی ہندِن پوٚتلِن ہُند ٹھکانہ بنیومُت چھُ۔ نابکار پانا ہنا کر اُمہٕ رنٛگہٕ
شرم پاٹھ زِ یوٚت تام نہٕ ژٕ پننِس گفتارس تہٕ کِردارس منٛز محمد عربیؐ سُند رنگ و بو
پاٹھہٕ کرکھ توٚت تام چھُکھنہٕ تمن یہ درود وسلام سوزان بلکہ چھُکھ ژٕ غیر ذمہ دار بے حیا نہٕ
ناہنجار پاٹھۍ صریحاً تہٕنٛد نام پاک آلوٗدہ کرنُک اِرتکاب کران۔"

عظیم نعت گو شاعرن ہنٛز نظرِ منٛز چھُ انفرادی تہٕ ملّی سطحس پیٹھ پننِ گفتار
وکِردار شیرنُک یوٚہے تقاضہٕ نعت گوئی ہُند بنیادی تقاضہٕ بنان تکیازِ یوٚہے چھُ
خُلقِ محمدیؐ یُک تہٕ شمعِ رسالتُک حقیقی پرٕوانہٕ بناونُک ضامن۔ نعتیہ سوز وگداز کِ اُمہٕ
تقاضہٕ کی پاٹھۍ چھےٚ فنی شناختکہِ تقاضہٕ زِنگی یہ کتھ تہٕ ذہن نشین کرنۍ لازمی زِ نعت چھنہٕ
ہیٔتی لحاظہٕ کُنہٕ خاص شعرہ ذاژ ہُند ناو۔ بلکہ چھُ یہ ژکہ اکہٕ تھ مختلف الاصناف موضوعُک
ناو یُس شاعری ہندیو مختلف قالبو علاوہ نثرِ کِین مختلف مُقفٰی تہٕ مسجع قالبن منٛز تہٕ
بہار لبِتھ چھُ ہیکان۔ نعتیہ اظہارِ کِس کثیرالجہت موضوعس ہیکو اَسی اختصارٕ حسان آنحضرتنٛ
ہندِس مثالی صوٗرتس تہٕ سیرتس باوتھ کرنُک موضوع وٕنِتھ۔ اَتھ موضوعس چھِ نعت گو
حضرات حسبِ توفیق تہٕ حسبِ استعداد مختلف فکری تہٕ فنی موج تُلِتھ ہیکان۔ مثلاً
بعضے چھِ تِم آنحضورنٛ ہندِس عشقس منٛز شائستہٕ دیوانگی ہندِن حدوٗدن اندر تمن
عاشقانہٕ آلودِ تھ پننہٕ ذاتی واراگ تہٕ اَشکہ حارثات تہٕ باوان۔ بعضے چھِ تِم تہندِ
حیاتکہِ انقلاب پرور واقعات باوِتھ ناموسِ دینِ کِس تحفظس منٛز سرگرم روزنس ن

غازِین پنٕنزن شمشیرن کھٔے ژٕلناونٕک سُنز کران تہٕ لبعضے چھ تم آنحضوٗرن ہند لاثانی صوٗرتکہ تہٕ سیرتکہٕ دلنواز مناظر نوٗ آیہ ہاوِتھ تبلیغی تہٕ اِصلاحی فرض انجام دِوان۔

اَتھی بِس منظرس منز چھ رِوایتی نعتو علاوہ مغازیٔ النبی، معراج نامہ تہٕ شمایٔل شریف ہوی نعتیہ اظہارتہٕ کاڈکڈان۔ البتہ چھ عشقِ رسولُک ذاتی اظہار لبعضے نعت گوشاعرن تعزہکہ جایہ دلناوِتھ ذاتی وِیدکھن ہُند تیُٹھ مرزٕ تہٕ انان زِ تِم چھ غرق دردمندی سیدِتھ ابتذالہٕ کین سرحدن کُن تہٕ لاینہٕ یِوان۔ مگر اُکس حقیقی نعت گوشاعرس چھ بہرحال تمہٕ ادبُک لحاظ تھوٗن یِوان۔ تیُتھ نشاندہی نہ فقط یہ وٕنِتھ کرنہٕ چھٔے آمٕژ ز

ع "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار" بلکہ یِمکہٕ اِحتیاطچ ژٕینہٕ وَن یمہٕ آیہ تہٕ دِنہٕ چھٔے آمٕژ زٕ ؎

ادب گاہیست زیرِ آسمان از عرش نازک تر
نفس گُم کردہ مے آید جُنیدؒ و بایزیدؒ اینجا

دُنیاہچ کانہہ اہم زبان چھنہٕ تتھ یتھ منز نہٕ اکہ یا بیکہ طریقہٕ نعتیہ اظہار پیٚدٕ مُت آسہٕ کینژن خاص مشرقی زبانن ہندی پاٹھو چھ کاشُر زبانی اتھ معاملس منز اکھ امتیاز حاصل نہ فقط اَمہِ انمانہٕ زِ اَتھ اندر چھ نعت گوئی ژٕدہ داہمہٕ صدی پیٹھے حضرتِ علمدارِ کشمیر ہوی عظیم دیندار شاعرن دِس تُھمُت یا اَتھ منز چھ مسلمان شاعرو علاوہ غیر مسلم شاعرو تہٕ باضابطہٕ پاٹھو نعت لیکھنُک مظاہرٕ کوٗرمُت بلکہ اَمہِ لحاظہٕ تہٕ زِ کاشُر زبانی چھ لغتہٕ کِس معاملس منز تہٕ بیٚین اہم زبانن خاص پاٹھو فارسی تہٕ اردو زبانن منز بیٚزٕ نعت گوئی بھرپوٗر استفادہ کرنچ کوشش کٔرمٕژ۔ بہرحال نعت چھ دراصل دنیاہٕک ادبس منز دین و دنیاہُک عرفان تہٕ رٕژر لبناون وول اکھ شہ پٕرٕ نوٗر اِدارہ یُس انسانن ذہنی تہٕ اخلاقی تربیت کرنُک اکھ موثر رول اداکرتہٕ زٕنگ تا ابد ہنٛز معنویت قایم تھوٗتھ ہیکہٕ۔ اَسہٕ چھ نعتیہ ادبہٕ کِس روشن موضوعس پیٹھ اظہارِ خیال کرنہٕ خاطرٕ یتھ سیمنارس منز واریاہن قابلِ رسائی باسمنین عالمن، ادیبن تہٕ دانشورن دعوت دِیتمُت۔ یہ چھٔے وونٕ تہنز کام زِ تِم کرن زبانی ہند کُنہ تخصیص ورٲے اَمہِ ادبکین مختلف گوشن ہنز فکری، اخلاقی، عقیدتی تہٕ جمالیاتی برتری ثابت، یتھ زن یہ کتھ واضح سپدِ زِ نعت چھ بحیثیت مجموعی اکھ شہ سرچشمہٕ عرفان یُس پاک احساس

پوچھر دِتھ واکھس یا شُرکس تہٕ گاشدار بناوان آوتہٕ دُنونس تہٕ رُوٗ بھس تہٕ اکھ سنجیدہ اظہار بخشنُک باعث بنیوو۔ یُس مثنوی ہندِس آنس منز تہٕ آگہی ہُند عکس ووتلاوان چھُ یُس غزلہٕ ہندِس بانس منز تہٕ معرفتُک مس باگران چھُ۔ یُس ترجیع بند تہٕ ترکیب بند کی پاٹھۍ مُسدس تہٕ مخمس ہِوین فنی قالبن منز تہٕ نقشِ صداقت ووتلاوان چھُ تہٕ یُس رُباعی کیو دُبیتی ہندِس ڈٲکس تہٕ عشقِ رسولُک مخنہٕ جران چھُ۔ بہرحال کُنہِ خاص زبٲنی ہنز لفظی پابندی تہٕ کُنہِ خاص شعرہ ذاتٕ ہنز ہیتی پابندی قبول نہٕ کرن وول نعت چھُ موضوعی لحاظ پریتھ صنفِ سخنس تھزرٕ کٕ شہپر عطا کرنُک ضامن بنیوو مُت۔

بہٕ یرٕ ژھینہٕ تو ہہٕ تہٕ باقی مُقررین حضراتن درمیان زیادہ کالس حایِل پیدُن نہٕ یژھ بہٕ مختلف مشکلاتو باوجود گذشتہ وُرِیُس دوران شعبس منز انجام دِنہٕ آمژن تسلی بخش کامن ہندیا تمن کتابن ہُند کانہہ جایزہ پیش کرُن یمہٕ از رونمائی کرنہٕ ییہ۔ لہاذا کرہٕ بہٕ مختلف صنفن منز کرنہٕ آمژ نعت گوئی ہُند صرف اکھ اکھ نمونہٕ پیش کرنس پیٹھ اکتفا یُتھ زن پمہٕ سیمنارچن باقی نشستن منز شرکت کرنُک فایدہ تہٕ ثواب حاصل کرنہٕ برونٹھ پریتھ کانہہ دوست متعلقہ موضوعس پیٹھ سوال پرژھنہٕ خاطرہ پننس پرژھلس دِلس اشتیاقہٕ سان تیار تھَوِ تہٕ یتھ زن اشارہ پاٹھۍ یتہٕ ژینہٕ ییہ زِ مشہور مشرقی زبانن اکھ اکِس نکھہٕ اَنِن وول تہٕ تمن سارنی ہند اندرٕ وٗن عشقِ رسولٕ کہٕ گاشہٕ سِتۍ گاشراوان وول نعت کُوتاہ وسیع الاصناف اِدارہ چھُ۔

گوڈٕ کرہٕ بہٕ مولانا جامیُس برونٹھ ۲۸ وری زامتس علمدارِ کشیرٕ ہندِ نعتیہ شُرکیک اکھ شعر پیش۔ شہ چھُ فرماوان :۔ ؎

| | |
|---|---|
| پٲرِ پٲرِ لگو زِ تس پیغمبرس | یندِس دورس رحمت۔ چھے جاری |
| کالِ یلہِ حق لگہِ روزِ محشرس | تس کُن اُمید وار آسن ساری |

اَمہٕ پتہٕ چھُ کشیرِ ہندِس عظیم غزل گو غنی کشمیری سنز اکہٕ غزلہٕ ہُند شہ نعتیہ شعر پیش یتھ منز شاعر یتہٕ قحط الرجال والہِ دورُک مختصر ترین شہر آشوب پیش کرنہٕ برونٹھ آنحضورٕ ہندِ کثرتُ الرجال والہِ دورِ رحمتُک اِمتیاز یتھ پاٹھۍ لفظاوان چھُ :۔ ؎

| | |
|---|---|
| نو شاعہدِ یکہ مُردم آدم بے سایہ را دیدند | غریب است این زمان گر سایۂ آدم شود پیدا |

وۄنی چھِ مولانا حالی ہندِ مُسدسکی فقط ۲ نعتیہ بند پیش۔ فرماوان چھُ :-

وہ نبیوں میں رحمت لقب پانے والا　　مُرادیں غریبوں کی بر لانے والا

مصیبت میں غیروں کے کام آنے والا　　وہ اپنے پرائے کا غم کھانے والا

فقیروں کا ملجا ضعیفوں کا ماوا　　یتیموں کا والی، غلاموں کا مولا

خطا کار سے درگذر کرنے والا　　بداندیش کے دل میں گھر کرنے والا

مفاسد کا زیر و زبر کرنے والا　　قبائل کو شیر و شکر کرنے والا

اُتر کر حرا سے سوئے قوم آیا!

اور اک نسخۂ کیمیا ساتھ لایا!

یۆدوے مولانا جامیؒ ہندی بیشتر نعت ہیتی لحاظِ غزل صنفِ منز چھِ، مگر تمن پیٹھ چھُ چونکہ مئے یتھ سیمنارس اندر اکھ مفصل مقالہ پرنُک ارادہ لہاذا کرِ بہٕ ییٚتہِ نی صرف تمہِ نعتکی ژور شعر پیش یُس مثنوی منز ونہٕ آمتین تہندین نعتن اندر سرفہرست چھُ۔ ۸۸۸ ہجری اندر تصنیف کرمژ یوسف زلیخا ناوچہِ مشہور مثنوی منز چھُ مولانا جامیؒ آقائے نامدارسؐ پیٚمہٕ آیہٕ اُمتُک حال باوان:

زِ مہجوری برآمد جان عالم　　ترحم یا نبیؐ اللہ ترحم

نہ آخر رحمۃٌ للعالمینی　　ز محرومان چرا فارغ نشینی

برون آور سر از بُردِ یمانی　　کہ روے تُست صبح زندگانی

شب اندوہِ مارا روز گردان　　زِ رویت روز ما فیروز گردان

ہِنسوانی لیہٕ پاکیزہ اظہار پرٛاوِنکُ اکھ صحت مند موٗڈ دِنہٕ خاطرہ چھُ کُیثرِ ہند مشہور نعت گو عبدالاحد نادم وَنوِنس تہٕ روٗپھس نعتکی یِم لفظ آیراوان :

نبی یُس کُن سہ ہے کروے ڈری یے　　زٕری یے درۄدہ پٔری تو ری

مدِ دس ہتی ہیتھ حوٗرہ پنہٕ یرٕ یے　　زٕری یے درۄدہ پٔری تو بی

درۄدہ سۆزنس یاپہٕ داوٕ ری یے　　آیہ قرآہکی سُرِ تو ری

ملکو پتہٕ وَتھ درۄدہ پٔری یے　　زٕری یے درۄدہ پٔری تو سی

کلمکہِ آگرہ علمکہِ سُری یے　　بانن آباہ بٔری تو بی

پۆتُس کرٕہ بہٕ رباعی تہٕ دُباتی منز کرٕ نہٕ آمژٕ نعت گویی ہُند اکھ عربی فارسی آمیز نمونہٕ تہٕ اکھ کاشُر نمونہٕ پیش حضرت جامیؒ چھِ ونان:

یا صاحب الجمال و یا سید البشر
من وجہک المنیر لقد نوُر القمر
لا یمکن الثناء کما کان حقہ
بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

تہٕ سون ہم عصر بزرگ نعت گو میر غلام رسول نازکی چھِ ونان ؎

محمدؐ بیکسن ہُند کُس محمدؐ
دلک آرام رُوحک رس محمدؐ
نجاتچ چھےٚ کُنی وَتھ رٕژھیٚے وَتھ
محمدؐ بس محمدؐ بس محمدؐ

خواتین و حضرات مےٚ چھُ اَمہٕ کتھِ ہُند احساس زِ خطبۂ استقبالیہ چھُ اَکِس تنگ ناے اظہارس ناو۔ اگر مےٚ ژُور وقت نیوٚمُت آسہٕ تیٚتھ چھُس بہٕ ؏

لذیذ بود حکایت دراز گفتم

دِنِتھ معذرت خواہ۔ یِی وَنِتھ چھُس بہٕ توہہِ پننہِ طرفہٕ تہٕ پننین رُفقاہِ کارِ منتظمین ہِندِ طرفہٕ وُزِھ واَنجہٕ استقبال کران۔ یہٕ بابرکت سیمنار منظم کرنس منز دِیُت اَسہٕ وایس چانسلر صابن، رجسٹرار صابن تہٕ باقی یونیورسٹی ایڈمنسٹریشن بھرپور تعاون یمہٕ خاطرہ باضابطہٕ تحریکِ تشکر پیش یِیہٕ کرنہٕ۔ اَسہٕ چھُ اَمہٕ کتھِ ہُند تہٕ احساس زِ مختلف وجوٚہاتو کِنہِ ہیٚکِ نہٕ دارِیاہ عالم تہٕ فاضل یتھ سیمنارس منز شامل سپدِتھ۔ البتہ یِم شامل سپدان چھِ تِم کتھس موسمس تہٕ ماحولس منز چھِ یور تشریف اَنِتھ یتھ سیمنارس رونق بخشان تہٕ سونچِتھ چھِم یِنہٕ پھوران زِ اللہ تعالیٰ دِین توہہِ یتھ جلسس تہٕ باقی نشستن منز شامل گژھنک بہترین معاوضہ۔ جزاکم اللہ احسن الجزا

پروفیسر مرغوب بانہالی
صدر شعبہ کشمیری

# محمد رسول اللہ ﷺ

## صلاح الدین پرویز نِژ اکھ نظم

پروفیسر حامدی کاشمیری

صلاح الدین پرویز چھُ "صلاح الدین پرویز کے خطوط" (۱۹۸۸ء) ناؤوی پننس مجموعہٕ کلامس منز سارِنے نظمن بطورِ خط پیش کران۔ یمن نظمن منز چھ کینہہ خط رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلمن ہنٛد ناو، یم نظمن ہنٛدِس صورتس منز چھِ۔ ظاہر چھُ زِ یم چھِنے نعتیہ نظمہٕ، یمن منز آنحضورنٛ ہنٛز حیات طیبہ تہٕ پاک سیرژ ہنٛدی کینہہ پہلو گاشراونہٕ آمتی چھِ۔ یم نظمہٕ چھِنے نعت گویی ہنٛدِ رِوایتی تہٕ مروجہ اندازٕ نِشہٕ انحراف یِیہٕ رٕژ مثالہٕ۔ رِوایتی نعت گویی مطابق چھُ شاعر پننس عقیدتکِس جذبس تحت سرورِ کایناتنٛ ہنٛد سراپا، تِہنٛز زندگیہ یا تِہنٛزن عظیم انسانی قدرن ہنٛدی تمہٕ کامل تجسیم چھِ، تعریف کران تہٕ اَمیک انداز چھُ عام پاٹھۍ خطابیہ یا بیانیہ آسان۔ کینٛژن بہلہٕ پایہٕ شاعرن مثالے رومی، خسرو یا اقبال ہنٛدِ نعت چھِ رسول مقبولنٛ ہنٛز بابرکت ذات شخصراونہٕ علاوٕ تمن نِسبت شاعر سنٛدِ بے پناہ لولہٕ جذبٕچ پیکر تراشی کران۔ یتھہٕ نعت چھِ بے شک نعتیہ ادبس موٕلۍ بڑٕ زکران۔ تاہم چھُ یِہنٛد اُسلوٗب تہٕ بیانیہ تہٕ باقے بے شمار نعت چھِ عام پاٹھۍ رِوایتی اندازٕ۔ یوت زِ کینہہ جدید شاعرن تہٕ چھِنہٕ رِوایتی اندازٕ نِشہٕ آزاد سپدِتھ ہیکِمتۍ۔ اکھ لوٗت منظرس منز چھِ صلاح الدین پرویز سنٛدین نعتن ہنٛد منفرد تہٕ مخصوص انداز توجہ طلب بنان۔ تِہنٛدِ مجموعہٕ کلام کِ آخری خطُک عنوان چھُ محمد رسول اللہ ﷺ تہٕ یہ چھُ آنحضورنٛ ہنٛدین تعریفن تہٕ توصیفن منز نِرل تہٕ امتیاز تھون وول اکھ دلِس پرٛیہ وُن نمونہٕ۔ اَمہٕ نعتٕچ بنیادی خصوصیتھ

# نعتیہ ادب

چھنے یہ زِ یہ چھُپہٕ فقط اُکِس عاشقِ رسول سٕندِ بے پناہ عقیدت کہ جذبکٕ والہانہٕ اظہارٕ یوت بلکہ اُکِس برٕ بس شاعرٕ سٕندِ تخلیقی شعوٗرچہٕ پاکیزگی تہٕ بیٚہٕ نادرِ ک آیینہٕ دارتہٕ۔ یہٕ چھُ جذباتی ڈھوارِ کہٕ ہنگامی وِو پرٕ او بجایہٕ شخصیژ ہٕندِ سو کھساوی سوٗ درچہٕ بیکراںی ہنز دلالت کران۔

وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
سپید شب کی مسافری سے
سیاہ سورج کا غم اُٹھانے۔ وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا
وہ شام ابرو — وہ رات گیسو
وہ جسم چھایا — وہ چاند ماتھا
وہ آنکھ شمعیں — وہ ہونٹ صبحیں
سپید پھولوں کا باغ نیارا
اُداس بچوں کا باپ پیارا

کہ جس کی آنکھوں میں ان کے غم
جگمگا رہے تھے
وہ رحمتوں کا عظیم والی
وہ برکتوں والا آسمانی
وہ جنتوں کا حسین مالی
دعاؤں کے راستے بناتا
زمیں کی گرمی پہ چل رہا تھا
وہ دشمنوں میں گھرا ہوا تھا
"تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں
تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں
کئی رحیم و کریم جگنو
تمہاری راتوں کے منتظر ہیں




کہ اے مرے آسمان لوگو!
تمہاری راتوں میں بارشیں ہوں
تمہاری راتوں کی بارشوں میں
تمہارے جگنو چمک رہے ہوں"

وہ اب پہاڑی پہ آگیا تھا
کہ منتہیٰ تھی سہیلی اس کی
ہوا نے دیکھا
تھکی ہوئی سانس کی تہوں سے
اسے پکارا
سمندروں کی غلاف آنکھیں
صداؤں کی بے حجاب سانسیں
سمٹ کے اس کے قریب آئیں
ہوا تھا لیکن ہوا نہیں تھا
صدا تھا لیکن صدا نہیں تھا
خدا نہیں تھا، خدا نہیں تھا
وہ میٹھے پانی کا ایک جھرنا
خدائے برتر کا آئینہ تھا

وہ جا چکا ہے
وہ جا چکا ہے
وہ موتیا جیسے پاؤں والا
وہ چمپئی چاند نور والا
وہ بیلیا وہ مرا پیارا



اسے بلاؤ کہ ٹوٹ جاؤں میں اس کی آنکھوں میں نیند بن کے
اسے بلاؤ کہ پھوٹ جاؤں میں ان کے سینے میں بوند بن کے

وہ جا چکا ہے
وہ جا چکا ہے
وہ راہ اسریٰ کا کبریائی
وہ شاہ معراج وہ خدائی
وہ جا چکا ہے
مگر یہ گھر کیا گھر ہے اس کا
یہ کیا گھر ہے
مہک رہا ہے
یہ کیا بستر ہے
چل رہا ہے
یہ اسپ از حد مکان والا
ابھی تلک سامنے کھڑا ہے
عباد توں سے بنا پرندہ

ابھی تلک آنکھ مل رہا ہے
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا کے کاندھوں پہ چل رہی ہے
روایت ہے.... مگر بدن ڈر رہا ہے اس کا
صدا صدا بے صدا فقیری
ہوا، ہوا بے ہوا سواری
بدن بدن، بے بدن نمازی

خموش خاموش ہے خموشی
وہ جا چکا ہے

وہ جا چکا ہے
کواڑ کی نرم گرم دستک ابھی تلک اسکی منتظر ہے

★

دُلوٚ یہِ نعتیہ نظم وٕرٕتھاوون ۔

نظمِ چھِ لوٚکٕٹ بٕڑی پانژھ بند تہٕ یہ چھےٚ آزاد نظمِہ ہندِ ٹیکنیکہٕ حسابہٕ تہٕ گوڈنکس بندس چھِ ہنداہ مصرٕ۔ گوڈنکس مصرس منز چھ کُنہٕ تمہید تہٕ تعارفہٕ ورأے ذکر رسول پاکؐ اُسی پننہٕ گرٕ دراہتی " وہ اپنے گھر سے نکل پڑا تھا " چھُ تہندِس ہجرت کِس واقعس کُن اشارٕ۔ شاعر چھُ نظمِ منز ہجرٕچ وجہ تہٕ نتیجہ صرف شین لفظن منز موٚثر راوان۔ اَمہ پتہٕ ژٕ مصرٕ چھِ ہجرت کِس پوٚت منظرس یعنے آنحضورنؐ پتہٕ قریشن ہندِ دشمنانہٕ دلوٚ ہ رٕچ علامتی پیکر تراشی کران۔ " سپید شب کی مسافری سے " اور " سیاہ سورج کا غم اٹھانے " چھُ گرٕ نتہٕ بے گربیدُن، مقصد رسا پتھ عدم تکمیل، مستقبلچ وٕنل تہٕ پننہٕ مشنچ کال ہشن کیفیژن ہُند علامتی اظہار۔ یہ چھےٚ سفرس دوران پیش پنہٕ والین مصیبتن تہٕ اذا ژ منز ی لکہٕ غیچ ژرینہٕ دن تہٕ۔ شاعر چھُ فوراً آنحضورنؐ ہندِ جسم پاکُک نقشہٕ ووتلاوان یُس سراپا، نزاکت تہٕ جمال چھُ۔

وہ شام ابرو　　　وہ رات گیسو
وہ جسم چھایا　　　وہ چاند ماتھا
وہ آنکھ شمعیں　　　وہ ہونٹ صبحیں

تہٕ پتہٕ چھُ یہِ مصرٕ برٕ وٕنہ کُنہ یوان ۔

سفید پھولوں کا باغ پیارا

یہ مصرٕ چھُ آنحضورؐن ہندِ وجودٕچ خوشبوے، نفاست، نوزکی، نرلتا تہٕ سادگی ہُند جساوی پیکر۔ تہٕ پتہٕ

اُداس بچوں کا باپ پیارا
کہ جس کی آنکھوں میں انکے غم
جگمگا رہے تھے

چھُ تہندِ باوصف ذاتِ اقدسُک بیا کھ اکھ پہلو ووتلاوان یعنے اُمت خاطر تہندِ دردمندی ہُند احساس، بینہٕ تہندِ رحمژن، برکژن تہٕ جنتن ہُند ذکر کرِتھ پتہٕ تہندِس ہجرت کِس کرٕیتھس سفرس کُن اشارٕ ۔

دعاؤں کے راستے بناتا
زمین کی گرمی پہ چل رہا تھا

تِم آسۍ دزوٚنِہِن تاپہٕ صحراوَن منز پکان پکان دُعاہِ خیرن ہنز وٕہ شیران ۔ پانہٕ سفرُک کرٕ کِھپُر وٕہتراوِتھ فدائے ہندِ بندن ہندِ راحتُک تہٕ رحمتُک سامانہٕ کران ۔ دوٚیِمِس بندس منز یُس منظر بروٚنہہ کُن یوان چھُ سُہ چھُ غزوات ژھٕتِس پاوان ، یِمن ستۍ آنحضورنۍ ہنز زندگی وابستہ روٗزمژ چھے ۔ تِمن چھُ ابتدا بیٹھے لوٗکن ہندِ دشمنانہٕ دِلوٚہارُک مقابلہ کرُن پیوٚمُت تہٕ پزرٕچہ سربلندی خاطرٕ چھُ تِموٚ کیتہٕ پھرٕ ماُدانِ جنگ پارٕ ووُنُت ۔ ژٕ گہِ آسۍ ہم انسان دوس تہٕ دشمن ستۍ تہٕ آسۍ دوستانہٕ ورتاوٕکۍ روادار ۔ اَدے کٕنۍ چھِ حضورؐ لوٗکن مخاطب بنٕتھ فرماوان "تمہاری آنکھوں کے بادلوں میں" اور تمہارے خوابوں کے جنگلوں میں" کئی رحیم وکریم جگنو" تمہاری راتوں کے منتظر ہیں" یعنے تِمن (لوٗکن) ہندِس دُوجودس منز چھے نیکی ، مرحمت تہٕ گاش گیُتھ . یُس اظہار نا آشنا چھُ تہٕ دعا چھِ کران زِ تِہنز ن اَچھِن ہُند اوٚبرٕ کرُن اَش ورٕشن تہٕ راژن منز . ڈٕسن روٗدٕ شرانہٕ ژیتھ زن تہنز . گاشہِ زٕنتہٕ پزٕرلس یعنے تِہنز ازلی نیکی ین بروٚنہہ کُن ۔

ترٕیِمِس بندس منز چھُ منظر بدلان ۔ ووٚنۍ چھِ حضورؐ بہاڑس پیٹھ اِستادٕ نظر یِوان ۔ اَمہٕ بندکہٕ گوٚڈنکہٕ مصرعہٕ ستۍ چھُ معراجس کُن دیان گرٕنھان ۔ معراجس متعلق چھِ اُمِّ ہانی ، یِہند گرٕ حضورؐ تشریف فرما آسۍ ، رِلوانٕتھ کران زِ خوفتن نمازِ پتہٕ شوٗنٕتھۍ تِم تہٕ یِیلہِ تِمن ستۍ صبحن نمازِ فجر ادا کرٕنہٕ آے تِموٚ کوٚر انکشاف زِ تِم آیہٕ صبحِچ نماز بیت المقدس پرٕتھ ، انبیاء پرناوٕی تِمو امام بنِتھ نماز ، پتہٕ کوٚرُکھ آسمانن ہُند سال تہٕ انبیاہن ستۍ تِہندِ ن مقامانن پیٹھ سمکھان سمکھان وٗاتۍ سدرۃ المنتھیٰ تہٕ تتہِ پیٚدُکھ قربِ حضوری حاصل تہٕ رنگارنگ وحی یوٚم ستۍ پیدی مُشرف ۔

یہٕ سوٗرے پیٚد اُکس ژٕرِس منز ۔ آسمانن ہُند سال کرِتھ پھیرۍ تِم گرٕ واپس تہٕ "کواڑ پر نرم وگرم دستک ابھی تک اسکی منتظر ہے" صلاح الدین پرویزن چھُ اشارن منز معراجِ نبوی یُس کُن ظوٗن پھیرمُت ۔ تِموٚ چھُ ہوا تہٕ سمندر ہوٕن

قدرت کین فطری مظاہرن ستی آنحضورﷺ ہند قربُک تہ تمن منز جذب پیدنُک ذکر کورمُت تہ پتہ پھِکھ تم خالق کائنات ہندی اَبہ قرار دِتی متی۔

اَتھ بندس منز چھُ "وہ جاچکاہے" لفظن ووج دِنہ آمُت۔ اَمہِ تلہٕ چھُ ظاہر پیدان زِ تم چھ کُنہ زِیٹھِس سفرس دلہٕ ابتی۔ اَتھ مقامس پیٹھ چھُ شاعرس آنحضورﷺ ہند سفر باپتھ رواںہ پدلس پیٹھ جذباتی طور ارتعاش تہ ترُدُد پیدان تہ سُہ چھُ پننہٕ والہانہ جذبُک اظہار کران۔ باتن منز سادگی تہ فطری زبان پھِٹے جذبچ برجستگی تہ لولہ منزُک ٹاکار اظہار کران۔

وہ موتیا جیسے پاؤں والا

وہ چمپئی چاند نور والا

وہ بیلیا وہ میرا پیارا

تہ مُتی پتہ والین دوٚن مصرن منز چھُ شاہِ افلاکس ستی جذباتی ربط، جُدائی ہند احساسچہ تِرس کرن واجنہ شُدُت منز تبدیل پیدان۔ جذباتن ہندی یم بدلہٕ وٕلی رنگ چھ پریتھ لفظ تلہٕ بریڈان۔

اُسے بُلاؤ کہ لوٹ جاؤں میں اسکی آنکھوں میں نیند بن کے

آخری بندس منز چھُ شعری کردار مُدیہ موٚت بنتھ حضورنﷺ ہُند گرہ تراونہ پتہ کہ زِلہٕ ونہ ساعتُک لازمانی آہنگ تہ پتی اَتھ دوران تہندس گرس منز تہنز نکھ نکھاٹے ہنز خوشبوے تہ وُشنیر، براقہ سنز موجودگی، عبارت گذاری، دعوتِ اسرا، بےنا وخوف تہ بینیہ بہ جسد یا بہ روح معراج ہوین واقاتن ہنز موروضی تہ اشارتی صورت گری کران۔ بے شک چھُ اَتھ بندس منز تخلیقی سحر دُسی اَکھ زِیٹھ پھہلنہٕ لامتنہاہی زمانہ بنان۔

تہ نعتکی آخری مصرہ

وہ جاچکاہے

کواڑ پر نرم وگرم دستک ابھی تک اس کی منتظر ہے

چھ اَتھ ترہس ابدیت عطا کران، یُتھ منز معراجُک عمل شروع پیدان چھُ تہ

معراج چھُ لازماً نی پیدان۔

صلاح الدین پرویز چھُ تِکیازِ اکھ بہلہِ پایہ تخلیق کار۔ سُہ چھُنہٕ تفسیر دان، مورخ، راوی یا شرح کرن وون۔ تِمو چھے حضورن ہندس ذاتِ اقدسس سٟتۍ وابستگی ہندس والہانہ جذبس تحت تِہنز پاک سیرژ ہندین کینژن نقشن ہنز تخیلی بازیافت کرمژ۔ یتھ کنۍ یِمو نعتن وٕجود پرووُمت چھُ سُہ چھُ اکھ بہلہِ پایُک تخلیقی نظم۔ اَتھ منز چھے محمد رسول اللہؐ ہنز پاک زندگی ہندین کینژن اہم واقاتن ہنز کلُہم پاٹھۍ تصویر کاری کرنہٕ آمژ تٕھیمیٹک پیٹھ کُنہٕ ذکر پیدمُت چھُ۔ یہ چھُ شاید اَوے کنۍ ممکن پیدمُت تِکیازِ شاعرن چھے حضورن ہُند ذاتِ اقدس لولہِ جذبس تحت محسوس کرمژ۔ یہ جذبہ چھُ تِہندِ وٕجودکین سٟترن منز شر پیومُت۔ یِیلہِ اَمیُک لسانی بازیافت کرنہٕ چھے یوان تہٕ نظمہِ منز چھُنہٕ فقط حضورن ہنز نورانی شخصیتُک پرتو وۄتلان بلکہ چھُ شاعرُند داخلی وٕجود تہٕ پرٛژھ تہٕ کاینات چھے اکہِ نوِ تہٕ نِیرِل گاشہِ گہہ تراوان۔

یہ نظم چھے حضور پرنورن ہنز بسیار جہژِل ذاتُک مرقع کاری۔ تیمِنز جہژ چھے دیدمان یوان زِ اَمِچ چھُ زُ تہٕ زول پیدان۔ نظمہِ ہُند پرتھ لفظ چھُ اوٚچھ معنوی امکانن پیٹھ پھہلتھ۔ صلاح الدین پرویزن یِمہِ شعورِ تہٕ سرژہٕ تخلیقی احساسہ آنحضورن سٟتۍ شخصی تعلق پننہِ نظمہِ ہُند موضوع بنومُت چھُ تہٕ آنحضورن ہندِ بے پناہ لولہِ مرژھہ جارِ باوٕجود شخصی ولوہار برقرار تھوُن چھُ صلاح الدین پرویزنے کمال۔ چنانچہ نظمہِ منز یتھ حدس تام شاعر سُنز ذاتی شخصیژ ہُند دخل چھُ تیوٗتے چھُ سُہ لوٗب تہٕ روزان تہٕ یہ چھُ تِہندِ حد درجہ محتاط روزنہٕ کنۍ ممکن پیدمُت۔

اختصار، ڈرامایتھ، خود کلامی، لفظ شعور، تخاطب، واقع نگاری تہٕ شعری کردارہندِ لہجک تُہٕ ترٛاو تہٕ مجموعی تخیلی فضا چھُ نظمہِ ہندِ تخلیق نیہ نادرک راز۔ آنحضورنؐ ہنز مدح سرائی چھے شاعرن شخصی تجربہ بناوِتھ پیش کرمژ تہٕ پننہِ لفظ ورناوِ ہتۍ چھن اَمِچہ واریاہ جہژ گاشراومژ۔ اَتھ نظمہِ اَخری خط ونہٕ باوٕجود چھُ شاعر خطوط نگاری ہندِ لورِ رِوایتی لوازماتو نشہِ مُچھ روزان۔ اَمیُک ابتداء تعمیر تہٕ

اند چھُ نظمہِ ہندی ہیئیک آہ۔

صلاح الدین پرویزن چھُ معراجس متعلق زِ مقبوٗل نظریات یعنے جسمانی معراج یا روحانی معراج اکھ ترنزہ بلہٕ مش کیفیتھ شاعرانہ تعبیر بناوتھ پیش کرِ مژ زِ دوشوٗنی سنز چھُنہٕ کانہہ بِن روزان۔ محسوس چھُ پیدان زِ معراج چھُ روٗحانی تہ تہ جسمانی تہٕ۔ یہ چھُ حقیقت تہِ تہ خاب تہٕ۔

صدا صدا بے صدا فقیری

ہوا ہوا بے ہوا سواری

بدن بدن بے بدن نمازی

یہ نعت چھُ بلا شک اردو نعت گوٗیی سنز اکہ نوٚ تہ پرزلونہ بابک اضافہ کران تہ یہ کتھ چھےٚ واضح پیدان زِ عقیدہ چھُ شعر بنتھ زمان تہ مکان چہٕ حدبندیہ پھُٹرِتھ اکھ ماورایی تجربہ بنان تہ لازوال پیدان۔

ترجمہ

**شاد رمضان**

---

دیوانہ شُدم در آرزوٗیت

اے چشمِ ہمہ جہان بسوٗیت

خسرو بکمندِ توٗ اسیر است

بیچارہ کجا رود ز کوٗیت؟

(امیر خسروٗ)



# قرآن تہٕ نعتِ رسولِ رحمت

پروفیسر غلام رسول ملک

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب (اقبال)

غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم
کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است (غالب)

قرآن تہٕ صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم چھ اصلاً اکی حقیقتکۍ زٕ رۄخ۔ قرآن چھُ قرآن لفظی تہٕ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھ عملی قرآن۔ ییٚتھ پاٹھۍ زن حضرت عائشہ صدیقہ رضی اللہ عنہا چھ فرماوان زِ کَانَ خُلُقُہُ قرآن (مسلم) یعنی تہند کردارے اوس قرآن۔ تہُند وجودِ اقدس چھُ قرآنُک عملی پیکر تہٕ زندٕ تفسیر تہٕ تہندِ وجودِ اقدسُک تفصیل تہٕ تعبیر چھ قرآنکۍ اوراق۔

وۄنۍ چھُ دۄیمہ عرضہ اگر اَسی قرآنس پیٹھ نظر ترٛاوَو تیلہِ چھ اَسہِ وُچھان زِ قرآن چھُ نعتس متعلق ناطق حکم تہٕ صادر کران، اَمچہِ فکری بُنیادٕ تہٕ سرحد تہٕ مقرر کران تہٕ اَمکۍ بہترین نموٗنہ تہٕ اَسہِ بروٗنہہ کُنہ پیش کران۔

نعتس متعلق قرآنُک حکم چھُ بالکل صاف تہٕ واضح:

اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰٓئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰٓاَیُّھَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا صَلُّوْا عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا (الاحزاب)

خُدا تہٕ تمۍ سٕندۍ ملائک چھِ نبی یس درودٕ سوزان
ایمان دارو تُہۍ تہٕ سوزِو تمن پیٹھ درود و سلام

گویا کایناتُک پاد کرن وول تہٕ اُمہِ کِس انتظامس پیٹھ مامور ملکوتی طاقت چھِ سارۍ نبی برحقہٕ سندِ حقہٕ درود و سلامس، تعریفس تہٕ دعاہس منز مصروف۔ یعنی نعت چھُ کائناتُک زمزمہ تہٕ افلاکن ہنز موسیقی (MUSIC OF THE SPHERE)!

گردتو گردد حریم کائنات

بندِ لحاظ لَوْلَاكَ لَمَا خَلَقْتُ الْاَفْلَاكَ کِہ حیثیت کیا تہٕ اُسی تن اَتھ کتھِ منز چھُنہٕ کانہہ شک زِ اُمہِ کہ معنی تہٕ سپرٹ کِنۍ چھُ یہ قرآنی تصریحاتن سٕتۍ مطابقت تھاوان۔

خُدا چھُ پانہٕ نبی یس ؐ درود و سلام سوزان، تہٕ کیازِ تم چھِ تمۍ سٕندِ تخلیقکۍ سارِوے کھوتہٕ بٔڈۍ شاہکار تہٕ انسانیتہٕ خاطرٕ تمۍ سٕندِ سلسلہٕ ہدایتکۍ تکمیل۔ ملکوتی قوت چھِ نبی سٕندۍ تعریف کران، تہندِ خاطرٕ دعا و سلامس منز اَمہِ کِنۍ مصروف، تکیازِ نبی ین اوٚن انسان پننِہ اختیاری زندگی منز تہٕ تتھ وَتہِ پیٹھ یوس سارۍ کایناتچ وتھ چھےٚ تہٕ یتھ وَتہِ پیٹھ کایناتس چلاونہٕ خاطرٕ ملائک مختلف کامن پیٹھ مقرر کرنہٕ چھِ آمتۍ۔

انسانس پیٹھ کوٚر خُداین نبی یس ؐ درود و سلام سوزُن تہٕ تہنز تعریف کرٕنۍ اَمہِ کِنۍ فرض تکیازِ تم چھِ انسان ہندۍ سارِوے کھوتہٕ بٔڈۍ محسن۔ بلالحاظ رنگ و نسل تمام انسانن ہندۍ سارِوے کھوتہٕ بٔڈۍ غمخوار۔ تم چھِ رحمۃ للعٰلمین تہٕ تہندِ ورأے چھِ انسانی زندگی بے معنی۔ بے مطلب تہٕ بے منزل۔ تم چھِ تمہٕ رحمتکۍ سارِوے کھوتہٕ عظیم مظہر یمہٕ کہ برکتہٕ کائناتُک پرتھ کانہہ مخلوق بامقصد زندگی گذاران چھُ۔ یوہے رحمت مورد گأمتس زمینس نوٚ زندگی عطا چھےٚ کران، یوہے رحمت بنجرن منز بارانِ کرم بنتھ گلزار چھےٚ پھولہٕ راوان، یوس رحمت کِنہٕ تل کِس کیٚمس چھےٚ غذا واتناوان، یوس رحمت زمین تہٕ ماچھ ترٕپن تام معجزاتی تہٕ حیرت ناک طریقس پیٹھ لُسُن لُسُن چھےٚ ہیچھناوان، یوس رحمت بچس زِ لوٗتے

ماجہِ ہِندِس وُچھِس کُن چھےٚ رہنمائی کران، سوے رحمت چھےٚ پننِس بچرِس تھزرس تہٕ کمالس واتہٕ رحمۃٌ للعالمینی ہنز شکل اختیار کران۔

کارِ تقدیر و ہدایت ابتداست

رحمۃٌ للعالمینی انتہا است

اَمی کِنہِ فرموو ربّن حضرہ سان کہ یا نبی تُہند سوٗزُن چھُ اَسہِ تمام عالمن ہِندِ خاطر رحمت بنأوتھ۔ وَمَا اَرسَلنٰکَ اِلاّ رحمۃً لِلعٰالمین (الانبیاء) رحمۃٌ للعالمینہٕ ہِندِ احسانہٕ ورأے کیا آسہِ ہے انسان؟ اکھ حیوان یُس کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاک لاگنُے یوت پننُ مقصدِ زندگی آسہِ ہے زانان، یَہِندی اصول تہٕ یِنہِنز قدرہِ تمے آسہِ ہن یم چاروائن ہِندی اصوٗل تہٕ چاروائن ہنز قدرہِ چھےٚ آسان۔ ہوٗنی چھہٕ اُڈجہِ بیٚٹھ اکھا اکس خوٗن والان، درندن منز چھہٕ شکارہِ خاطر چھپنیا جھپٹی گرٹھان، جنگلن منز چھُ سُے زندہٕ زوٗتھ ہیکان یُس بیٚیس مارِتھ ہیکہِ۔ یٚمِس طاقت چھُ آسان سُے چھُ باقین پیٹھ بالادستی حاصل کران۔ انسان تہٕ یِیلہِ رحمۃٌ للعالمینہٕ ہِندِ دامانہٕ رحمتہٕ نِشہِ دوٗر چھُ گژھان تمہٕ ہندی اصوٗل واقدار تہٕ چھہٕ یمے آسان۔ رحمتکی نبی یَن وَوٚن تہٕ علمہٕ ہستی ہووُن۔ زِ زندگی چھنہٕ کھیوٚن، چیوٚن تہٕ پوشاکھ لاگنُے یوت۔ زندگی چھےٚ اعلیٰ اخلاقی تہٕ انسانی، اصوٗل تہٕ اقدار پھانپھلاونہٕ خاطر۔ یم اعلیٰ قدرہِ چھےٚ حق، عدل والصاف تہٕ رحمت ورافت۔ بجر چھُنہٕ جبرا حیوانی طاقتس منز بلکہ یمن قدرن پیٹھ پرٛتھ پرٛتھ آسنس تہٕ عمل کرنس منز۔ رحمتکی نبی ین وُچھ زِ انسانہٕ سُند کلہٕ چھُ ذلت سان نوٚمرِتھ۔ پتھرن برونہہ کنہٕ، حیوانن برونہہ کنہٕ، جابر انسانن برونہہ کنہٕ، اوہامن تہٕ خرافاتن برونہہ کنہٕ تہٕ بےجا رسم و رواجن برونہہ کنہٕ۔ تموٚتُل یہ کلہٕ تھوٚد تہٕ وانٛنوُکھ تتھ تھزرس پیٹھ پیٚتہٕ نہٕ خدائس ورأے انسانس کھوٚ تہٕ کانہہ تھوٚد تہٕ بوٚڈ چھُ۔ انسان بنیوو مسجودِ ملائک تہٕ خلیفۃ اللہ فی الارض۔ انسانس پیٹھ نبی صؐ سُند احسان یاد کران چھُ قرآن ونان، وَیَضَعُ عَنهُم اِصرَهُم وَالاَغلٰلَ الَّتِی کَانَت عَلَیهِم۔ (الاعراف)

تِم چھِہ تہندِ پوٚپھکیو پیٹھ بور والان تہٕ تِہنزِ وگردنوٗ منز غلأمی ہِندی طوق نیبر

کڈان ۔

مول موج چھُ انسانس گوشت پوست تہٕ جسم دوان ۔ آباء واجدادن نشہٕ چھُ سُہ دنیاوی مال وجائداد حاصل کران مگر تمہ ہنز روح ، تمہ ہنز اخلاقیچ تہٕ تمہ ہنز انسانیتیچ پرورش تہٕ پرداخت چھُ کران نبی رحمتؐ ۔ امی فرماوان قرآن ۔

اَلنَّبِیُّ اَولٰی بِالْمُؤْمِنِیْنَ مِنْ اَنْفُسِہِمْ ۔ ( الاحزاب )

نبی صلی اللہ علیہ وسلم چھِ مومنن ہندِ خاطرٕ تہندِ پنٕ پانن ہندِ کھوتہٕ زیادٕ مقدم ۔

خدائس پتہٕ چھِ مومنن ہندِ خاطرٕ کائناتچ سارِوٕے کھوتہٕ محترم شخصیت نبی ؐ برحق تمٕ گژھن تہندس ہر اکس اشارس پیٹھ بلا چون وچرا قربان گژھنہٕ خاطرٕ تیار آسنٕ تہندِس جنابس منز تہنزِ آوازِ کھوتہٕ تھز آوازِ منز کتھ کرنہٕ سیتی ہنکہٕ ایمان غارت گژھتھ :

یٰاَیُّہَا الَّذِیْنَ اٰمَنُوْا لَا تَرْفَعُوْا اَصْوَاتَکُمْ فَوْقَ صَوْتِ النَّبِیِّ وَلَا تَجْہَرُوْا لَہٗ بِالْقَوْلِ کَجَہْرِ بَعْضِکُمْ لِبَعْضٍ اَنْ تَحْبَطَ اَعْمَالُکُمْ وَاَنْتُمْ لَا تَشْعُرُوْنَ ۔ ( الحجرات )

ایمان دارو پننِ آواز مہٕ کرِو نبی سنزِ آوازِ کھوتہٕ تھزٕ بتہ مہ کرِوتمن سیتی تتھے پاٹھی بڈٕ بڈٕ کتھٕ یتھ پاٹھی پانہٕ واں چھو کران ۔ یتھ پاٹھی چھُ خطرٕ زِ تہندی اعمال گژھن برباد تہٕ تو ہہ لگہٕ وٕ نہٕ خبرٕے ۔

تہندِس حکمس پیٹھ اگہٕ ذرا برابر ناگوأری ہُند احساس پادٕ گژھِ ، ایمانک دعوٕے چھُ باطل ۔

فَلَا وَرَبِّکَ لَا یُؤْمِنُوْنَ حَتّٰی یُحَکِّمُوْکَ فِیْمَا شَجَرَ بَیْنَہُمْ ثُمَّ لَا یَجِدُوْا فِیْٓ اَنْفُسِہِمْ حَرَجًا مِّمَّا قَضَیْتَ وَیُسَلِّمُوْا تَسْلِیْمًا ۔ ( النساء )

پس نہ ( یا نبی ) قسم چانٕس ربہٕ سُند یم چھِنہٕ توٕت تام مومن

یوٗت تام تِمٕ پننِین تمام فیصلہٕ طلب معاملن منٛز یِم توٗہی فیصلہٕ کرن واجِلی بناوان تہٕ تمہٕ پتہٕ گژھِکھ نہٕ تُہند فاصلہٕ ہیتھ دِلس منٛز گراے نہٕ بلکہ کرن (خوشی سان) سر تسلیم خم۔

اَمِچ تشریح کران فرموو نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمو

لَا یُؤْمِنُ اَحَدُکُمْ حَتّٰی اَکُوْنَ اَحَبَّ اِلَیْہِ مِنْ وَّالِدِہٖ وَوَلَدِہٖ وَالنَّاسِ اَجْمَعِیْنَ۔ (بخاری ومسلم عن انس)

توٗہہٕ منٛز چھُنہٕ توٗت تام کانٛہہ شخص ایماندار یوٗت تام نہٕ بہٕ تمس پننِس مٲلِس ماجہ تہٕ پننِو اولادو کھوتہٕ زیادٕ لوٗٹھ آسہ۔

بێیِس اَکِس حدیثس منٛز فرموٗوکھ زِ پننہِ نفسہٕ کھوتہٕ تہٕ گژھہ بہٕ توہنس ٹوٗٹھ آسُن۔

مگر نبی یَس ستی بے پایاں محبتُک تہٕ احترامُک یہ تعلق چھُ اَمہِ حیثیتہٕ زِ تم چھِ خُدایہ سٕندی رسوٗل تہٕ عالم انسانیتُکی ہادی برحق۔ اسلامس چھِ پیغمبری متعلق سارنے گمراہیین ہٕندی موٗل پراٹھی ہتی بیتہٕ نہٕ چھُ نعوذ باللہ من ذالک کانٛہہ شخص خدایہ سٕند اولادٕ نہٕ انسان شکلہٕ منٛز خدا۔ پیغمبری ہٕندِن سرحدن ہٕند تعیُن کران چھُ قرآن فرماوان:

قُلْ اِنَّمَا اَنَا بَشَرٌ مِّثْلُکُمْ یُوْحٰی اِلَیَّ اَنَّمَا اِلٰـھُکُمْ اِلٰہٌ وَّاحِدٌ۔ (الکھف)

وَناٗوِو (یا رسول اللہ) بہٕ چھُس تُہندی پاٹھی اکھ انسان یێمِس پیٹھ وحی چھِ نازل پیدان کہ تُہند معبود چھُ اکھ ذاتِ پاک حضرت اللہ۔

بێیِس جایہ چھُ ارشاد سپدان:

وَمَا مُحَمَّدٌ اِلَّا رَسُوْلٌ قَدْ خَلَتْ مِنْ قَبْلِہِ الرُّسُلُ اَفَاِنْ مَّاتَ اَوْ قُتِلَ انْقَلَبْتُمْ عَلٰٓی اَعْقَابِکُمْ۔ (آل عمران)

محمد صلی اللہ علیہ وسلم چھِ خُدایہ سٕندی رسوٗل۔ تمو برونٛہہ تہٕ چھِ پیغمبر آمٕتی۔ اگر تم یمہٕ عالمہٕ تشریف نِن یا شہید سپدن تہٕ تُہ ژلو اتھ پتہٕ

پوت پھیر تھ ۔

احادیثن منز فرمووُن یِمَن نصاراہن ہندی پاٹھۍ میون درجہ بڑاوتھ گمراہی ہنز وتھ اختیار کرو ۔

لَا تُطْرُوْنِیْ کَمَا اَطْرَتِ النَّصَارٰی اِبْنَ مَرْیَمَ فَاِنَّمَا اَنَا عَبْدُہٗ وَرَسُوْلُہٗ فَقُوْلُوْا عَبْدُ اللّٰہِ وَرَسُوْلُہٗ ۔

(بخاری و مسلم عن عبداللہ بن عمرؓ)

میے مہ بڑھاو وینہ حد نش یتھ پاٹھۍ نصاراہو بڑھوو حضرت عیسیٰ ابن مریم ۔ بہ چھس بس خدایہ سُند بندہ تہٕ رسول لہٰذا ونو میے خدایہ سُند بندہ تہٕ رسول ۔

بییس اکس حدیث پاکس منز فرمووکھ :

اِنَّ مَنْ کَانَ قَبْلَکُمْ کَانُوْا یَتَّخِذُوْنَ قُبُوْرَ اَنْبِیَآءِھِمْ وَصَالِحِیْھِمْ مَسَاجِدَ اَلَا فَلَا تَتَّخِذُوا الْقُبُوْرَ مَسَاجِدَ اِنِّیْ اَنْھَاکُمْ عَنْ ذٰلِکَ ۔ (مسلم عن جندب)

توہہ برونہہ یم لوکھ اسی تم آسی پننین نبین تہٕ نیک انسانن ہنزن قبرن سجدگاہ بناوان ۔ خبردار تُہۍ بناوی زِ توہہ قبر سجدگاہ بہٕ چھُس توہہ اَمہٕ نش منع کران ۔

قرآن و سنتکی یم ارشادات چھ نعت گوئی ہنز فکری اساس تہٕ امِچہ سرحدہ واضح پاٹھۍ مقرر کران تہٕ قرآن چھُ بذاتِ خود نعت گوئی ہندِ بہترین نمونہ پیش کران ۔ اکہ لحاظہ لوزو ییلہ چھُ سورے قرآن نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز نعت ۔ الحمد پیٹھ الناسس تام کُس آیۂ کریم یا سورۂ شریف چھُ نہ یُس نہ کُس پوت منظرس منز صاحبِ قرآن صلی اللہ علیہ وسلم سِنز پاک تہٕ مقدس ذات موجود چھنہٕ ۔ داریاہ عظیم صوفیاء مثلاً شیخ محی الدین ابن عربی تہٕ شیخ سید عبدالقادر جیلانیؒ چھ نبی اکرم صلی اللہ علیہ وسلمنے لوحِ محفوظ تہٕ حقیقت الاسمائیہ مانان ۔ چنانچہ شیخ جیلانی سُند یہ مشہور شعر چھ اتھ حقیقتس کُن اشارہ کران :

اَفَلَتْ شُمُوْسُ الاَوَّلِیْنَ وَشَمْسُنَا
اَبَدًا عَلٰی اُفُقِ الْبَقَاءِ لَا تَغْرُبُ

برونہم ساری افتابہ لوسی مگر سون آفتاب
روز ہمیشہ بقاءِ دو افکس افقس پیٹھ چمکان

اقبال چھ امہ کھوتہ زیادٕ صراحتہ سان ونان :

نگاہِ عشق و مستی میں وہی اول وہی آخر
وہی قرآن وہی فرقاں وہی یٰس وہی طٰہٰ

تاہم چھ قرآنس منز کینہہ مقام تم ییتہ کاینا تک پادٕ کرن وول سیٚد سیوٚد پننس تخلیقی شاہکارس تہ حاصلِ کون و مکانس نعت خوانی چھ کران ۔ کنہ چھ تہند عبدیتک مجبوبانہ تذکرہ ۔ عبد نہ بلکہ عبدہٗ آسنک تکیاز

عبد دیگر عبدہٗ چیزے دگر
ما سراپا انتظار او منتظر

خدا فرماوان :

سُبْحَانَ الَّذِیْ اَسْرٰی بِعَبْدِهٖ لَیْلًا مِّنَ الْمَسْجِدِ الْحَرَامِ اِلَی الْمَسْجِدِ الْاَقْصٰی (بنی اسرائیل)

پاک چھے سو ذات ییمی پننس بندس رات کیت سال کرنوو
مسجد حرام پیٹھ مسجد اقصیٰ تام کنہ

کنہ چھ تہند منزگی تہ معلم کتاب و حکمت آسنکی تعریف :

لَقَدْ مَنَّ اللّٰهُ عَلَی الْمُؤْمِنِیْنَ اِذْ بَعَثَ فِیْهِمْ رَسُوْلًا مِّنْ اَنْفُسِهِمْ یَتْلُوْا عَلَیْهِمْ اٰیٰتِهٖ وَیُزَکِّیْهِمْ وَیُعَلِّمُهُمُ الْکِتٰبَ وَالْحِکْمَةَ وَاِنْ کَانُوْا مِنْ قَبْلُ لَفِیْ ضَلٰلٍ مُّبِیْنٍ ۔ (آل عمران)

بیشک کور اللہ تعالیٰ ہن مومنن پیٹھ احسان ییلہ تمی تموے اندر تمن کنُ پیغمبر سوزِ یس تمن برونہہ کنہ خدایہ سندی آیات

تلاوت چھُ کران ، تہند نفس پاک چھُ کران تِمن
کتاب و حکمتچ تعلیم چھُ دِوان اگرچہ امہِ بردہٕ
تِم ننہٕ وانہٕ گمراہی منز مبتلا اَسی۔

کُنہِ جھنے تہنز شان رحمۃٌ للعالمینی ہنز مدح خوآنی :

فَلَعَلَّكَ بَاخِعٌ نَّفْسَكَ عَلٰٓى اٰثَارِهِمْ اِنْ لَّمْ
يُؤْمِنُوْا بِهٰذَا الْحَدِيْثِ اَسَفًا۔ (الکہف)

یانبی رحمت ) باسان چھُ اگر یِم ایمان انن تۄہیہِ ژھنو
پہند دادِ کِمن پتہ پنُن پان گالتھ۔

لَقَدْ جَآءَكُمْ رَسُوْلٌ مِّنْ اَنْفُسِكُمْ عَزِيْزٌ
عَلَيْهِ مَا عَنِتُّمْ بِالْمُؤْمِنِيْنَ رَءُوْفٌ رَّحِيْمٌ۔ (التوبہ)

تۄہہِ کُن آو تۄہہِ اَندرٕ اکھ رسول یُمِس تہنز تباہی تہٕ نقصان
ستہٕ دِس تکلیف چھُ واتان بیٚیہ یُس مومنن ہند خاطرٕ رحیم
تہٕ شفیق چھُ۔

کُنہِ چھُ تہندِ محمودیتُک تہٕ رفعِ ذکرُک دلنواز بیان :

عَسٰٓى اَنْ يَّبْعَثَكَ رَبُّكَ مَقَامًا مَّحْمُوْدًا (بنی اسرائیل)

جلدے کرِ تۄہہِ تہُند رب مقام محمود عطا۔

اَلَمْ نَشْرَحْ لَكَ صَدْرَكَ وَوَضَعْنَا عَنْكَ
وِزْرَكَ الَّذِيْٓ اَنْقَضَ ظَهْرَكَ وَرَفَعْنَا لَكَ
ذِكْرَكَ۔ (الانشراح)

یا نبی کیا اَسہِ کھوٗل نا تہُندِ خاطرٕ تہُند سینہٕ تہٕ یِیمہٕ لورَن
تہُند کمرٕ مبارک تھوٗکروٗمُت اوس سُہ ووٗل نا تہُند بوجھکو
بنیہٕ کوٗرنا تہُند ذکر بلند و بالا۔

اِنَّآ اَعْطَيْنٰكَ الْكَوْثَرَ ۝ فَصَلِّ لِرَبِّكَ وَانْحَرْ ۝
اِنَّ شَانِئَكَ هُوَ الْاَبْتَرُ ۝ (الکوثر)

یا نبی اَسہٕ کوزٕ توٗ ہہ کوثرٕ عطا۔ پس پرٕو تہٕ نماز تہٕ کرٕو قربانی۔
تُہُند دُشمنے آسہ پتو بے نام ونشان۔

کنہٕ چھُ تُہُند معصومیتک اعلان جانفزا

وَمَا یَنْطِقُ عَنِ الْھَوٰی۔ اِنْ ھُوَ اِلَّا وَحْیٌ
یُّوْحٰی (النجم)

تم (نبی برحق) چھنہٕ خواہش نفسہ مطابق کلام کران یہ چھ
وحی یُس تمن پیٹھ نازل چھ سپدان۔

کنہٕ چھُ سرٕ دلبراں انتہائی خوشتر پیرایس منز ظاہر سپدان درحدیث دیگراں
ییلہٕ زن ربّ کائنات بنٛزٕ جوبہٕ سنز شانِ محبوبی تہندین دُشمنن عتاب کرٕتھ
جتلاوان چھُ مثلاً

قَدْ نَعْلَمُ اِنَّهٗ لَیَحْزُنُكَ الَّذِیْ یَقُوْلُوْنَ فَاِنَّهُمْ
لَا یُكَذِّبُوْنَكَ وَلٰكِنَّ الظّٰلِمِیْنَ بِاٰیٰتِ اللّٰهِ
یَجْحَدُوْنَ۔ (الانعام)

اَسہٕ چھے خبر (یا نبی صلی اللہ علیہ وسلم) یہنزٕ وکتھو سنٛز چھُ تُہندِس دِلس
تکلیف واتان۔ یم چھنہٕ توٗ ہہ جھٹلاوان بلکہ چھِ اللہ تعالیٰ سندین آیاتن
ہُند انکار کران۔

وَاِنْ كَادُوْا لَیَسْتَفِزُّوْنَكَ مِنَ الْاَرْضِ لِیُخْرِجُوْكَ
مِنْهَا وَاِذًا لَّا یَلْبَثُوْنَ خِلٰفَكَ اِلَّا قَلِیْلًا (بنی اسرائیل)

یا نبی یمو منکر داوس کمر گوٗ ندمُت توٗ ہہ یتھہٕ سرزمینہٕ منز نیبر کڈنہٕ خاطرٕ
مگر اگر تہٕ سپدہے تیٚلہ روزہن نہٕ یم توٗ ہہ پتہٕ زیادٕ کالس زندٕ۔

تَبَّتْ یَدَاۤ اَبِیْ لَهَبٍ وَّتَبَّ۔ (اللھب)

اتھہٕ پھٔٹ وٕنتھ ابولہب بنیہ سپُد سُہ نامراد۔

کنہٕ چھُ تُہُند قربِ الٰہیک پُراسرار تذکرٕ۔

مَا زَاغَ الْبَصَرُ وَمَا طَغٰی۔ لَقَدْ رَاٰی مِنْ اٰیٰتِ

رَبِّہِ الْکُبْرٰی (النجم)

نہ گوو تہنز نظر پھیر نہ گئیس کانہہ غلطی۔ بے شک وُچھ تمو پننس ربہ سندی عظیم نشانہ۔

وَالضُّحٰی۔ وَالَّیْلِ اِذَا سَجٰی۔ مَا وَدَّعَکَ رَبُّکَ وَمَا قَلٰی۔ (الضحیٰ)

صبحکہ گاشک قسم۔ راتہ ہند قسم ییلہ سو چھپا وان چھئے۔ نہ ترووکھ ژٕ پننہ ربن نہ چھئے سہ ناراض ژٕنے۔

وَمَا رَمَیْتَ اِذْ رَمَیْتَ وَلٰکِنَّ اللّٰہَ رَمٰی (الانفال)

یا رسول اللہ صلی اللہ علیہ وسلم ییلہ تو ہہ (معرکہ بدرس منز کفارن پیٹھ بکھ) چھیپو سو چھیپو نہ تو ہہ بلکہ چھیپ اللہ تعالیٰ ہن۔

پتہ کنہ چھُ ساری پرد تُلتھ خالقِ کائنات پننس محبوبہ سند جانک قسم کھیوان۔

لَعَمْرُکَ اِنَّھُمْ لَفِیْ سَکْرَتِھِمْ یَعْمَھُوْنَ۔ (الحجر)

چانہ جانک قسم (یا نبی) اتم (قوم لوط) آسی نشس منز انی گامتہ۔

اَللّٰھُمَّ صَلِّ وَسَلِّمْ عَلٰی حَبِیْبِکَ مُحَمَّدٍ وَّعَلٰی اٰلِہٖ وَ اَصْحَابِہٖ اَجْمَعِیْن۔

---

"ناو چون کرِ انکھ زن کلیچہ واجے
شاہِ معراجے کر سون پاے"

مقبول کرالہ واری

---

چون گُل رُوخ چھُ بلبلن اوراد
کھوٗد وہ تھکھ سیوٗد خم گرِتھن شمشاد

پروفیسر رشید نازکی

## عربی شاعری منز مدحِ رسولکۍ تہٕ

# نعتیہ اظہارکۍ ابتدآئی نقوش

ڈاکٹر شاد حسین

عربی شاعری منز خیرُ البشر حضرت محمد مصطفیٰ ﷺ ہندین تعریفن تہٕ مدحن ہنز ورٕتھنے کرنہٕ برونٹھ چھُ یہ ضروٗری باسان زِ گوڈٕ ییہ موختصر پاٹھۍ تمن مدحن ہُند پوٚت منظر پیش کرنہٕ ۔ آنحضرتن ﷺ ہندِ نبوت کہ زمانکۍ چھِ زٕ اہم حصہٕ ؛ اکھ گوو مکُک زمانہٕ تہٕ بیاکھ مدینُک زمانہٕ ۔ یمن منز روزنس دوران آو نہٕ شاعری منز تہُند جمال و جلالُک خاص تذکرٕ کرنہٕ ۔ اما پوٚز تہندس چچہٕ بابہٕ ابوطالب صابس کُن چھِ کینہہ قصیدٕ منسوب کرنہٕ یوان ، یمن منز تہُند تذکرٕ میلان چھُ ۔ ابوطالب چھُ یمن قصیدن منز یہ باوان زِ تمِس چھُ پننِس باپتھرس پیٹھ ناز زِ سُہ کرِ اُمی ہنز رٲچھ راوُٹھ بامے تمِس کیاہ تہٕ بنیہ برداشت کرُن ۔ اَمی قسمُک اکھ قصیدٕ چھُ آنحضورن ﷺ ہندِس بٔیہ اَکِس چچہٕ بابس یعنے حضرت حمزہس رضؓ کُن منسوب کرنہٕ یوان ۔ دپان یہ قصیدٕ وون تمۍ تمہِ وِزِ ییلہِ تمو اسلام قبوٗل کوٚر ۔ اَتھ منز چھُ سُہ پننِس باپتھر ہندِس نبی آسنس پیٹھ توشان تہٕ یہ کتھ ذٕ راوان زِ ہاشمی خاندان کرِ تہنز حفاظت ہرگاہ اَمہِ قصیدُک تہٕ ابوطالب صابنین قصیدن ہُند اصلی موضوع فخر چھُ مگر یمن منز چھے آنحضرتن ﷺ ہندِ مدحچ پرلو تہٕ نظر گژھان ۔ اَدٕکنۍ ہیکن یم حضورن ﷺ ہندِ مدحچ گوڈنچہِ کوٗششہ مانہٕ یتھ ۔ مثالہٕ پاٹھۍ چھُ ابوطالب صابس کُن یم شعر منسوب یمن منز چھُ سُہ آنحضرتن ﷺ کُن مخاطب سپدتھ ونان :-

ودعوتنی وزعمت انك ناصحی — ولقد صدقت وكنت ثمّ امینا

وعرضت دینا لا محالة أنه — من خیر أدیان البریة دینا

لولا الملامة أو حذار مسبة — لوجدتنی سمحا بذاك مبینا

ترجمہ :- اے بیانہ بابہ! ژٕ ےٚ وٕ نُتھ مےٚ اسلامُک دعوت تہٕ ژٕ ےٚ
کوٚرُتھ خیال زِ ژٕ چھُکھ میٚون رُت کانٛہہ ودل۔ ژٕ ےٚ سوٚ چھُکھ
صحیح تہٕ ژٕ چھُکھ امانت دار۔

- ژٕ ےٚ کوٚرُتھ اکھ تٔژیتھ دین پیش یُس بےٚ شک پاٹھۍ مخلوقن ہنٛدیو تمام دینو منٛز بہترین دین چھُ۔
- ہرگاہ مےٚ لُکن ہنٛدِ طرفہٕ تنقیدُک تہٕ ملامتُک ہابتھ آسہےٚ تہٕ ژٕ چھُکھ زِ بہ آسہ ہا یہ دین قبول کرنس منٛز سخی تہٕ فیاض۔

ذکر کرنہٕ آمتیو یمو قصیدو علاوٕ آیہ تہٕ آنحضورنﷺ ہنٛدِس مکی دورس منٛز بیٚیہ کانٛہہ خاص قصیدٕ ونہٕ۔ یہ کیٚتھ کُس چھُنہٕ زانان زِ مکہ شریفس منٛز اوس اسلام سیٹھاہ کرٕ ہیٹھی مرحلہٕ طےٚ کران۔ تتھ آزمایٔشی دورس منٛز ونہٕ آمٕتۍ مدحِ رسولﷺ پیٹھ مشتمل سوٗرۍ کلام رٕ ژھرتھ نہ ہیکنہٕ ہٕنکۍ وجوہات چھِ قابلِ فہم۔ تتھ دورس منٛز یمو کم کینژھا لُکو ایمان اوٚن تم تہٕ آسی پننِس سماجس منٛز تختۂ مشق بنان۔ کافر آسی مسلمانن کُن دٕ دلہٕ وُچھان تہٕ تہنٛز کوٗشش آس زِ تم ژھتہن نوٗرِ خدایہ ژھیٚو رٲوِتھ مگر اللہ تعالیٰ ہس اوسنہٕ تہٕ منظور۔ اکھ لوٗزُک مرحلس منٛز آس واقعاً ژھو یہ رہ یہ ہشنز۔ اَدٕ کِنہٕ روٗدۍ مُسلمان خاموشی سان دینُک دعوت پیش کرنس ہِتی زیادہ آہ دٕرِکہ۔

ابتدأیی دورس منٛز آسی مککۍ قریش عام پاٹھۍ اسلامس ہٕنس پیٹھ۔ مگر اللہ تعالیٰ ہن دِتٕ مدینہٕ کیٚن لُکن سُلہ گرِ یہ توفیق زِ تم کرن اتھ برکتٕ واٲلِس پیغامس یکدم دِلس منٛز جاے۔ مدینہٕ بنیوو اسلامُک منزِل۔ خدا صابُن سوزِ پینہٕ نبس نبی یُس کُن یہ شیچھ زِ پنُن وطن تہٕ گھر بار ترٲوِتھ واتن تم مدینس اندر تہٕ اتہٕ کرن پننہٕ مشنُک صدر دفتر قایم۔ مدینہٕ کیو لُکو کوٚر تمن دُرژھہ وانجہ استقبال۔ تہنٛدِ خاطرٕ آس یہ اکھ بٔڈ بار عید۔ مدینکۍ شُرۍ کیٚو بٔڈۍ آسی خوشیہ مناوان۔

کور بوکوٗر روٗف تمن توگ یمہ آیہ مدحِ رسولس دِس تھٲنی ۔

طَلَعَ البَدرُ عَلَینا | مِن ثنیاتِ الوداع
وجب الشکرُ علینا | مادعا للہ داع
ایُّھا المبعوثُ فینا | جئتَ بالامرِ المطاع

ترجمہ :۔ • وداع ناوکہِ بالہٕ تھوٚنگہٕ پیٹھہٕ آو اَسہِ کُن یہ پھلہٕ ژٔندر (یعنی رسول کریمؐ) ییٚنہٕ جلوٕ ہاوان ۔

• اَسہِ پزِ خدا صابنُ شُکر کرُن تکیازِ اُمی دعوت دِنہٕ والی دیُت اَسہِ کُنس خدایہ سُندِ عرفانُک دعوت ۔

• اے اَسہِ کُن سوزنہٕ آمتہٕ شانہٕ بڈِ پیغمبر جانہٕ ژٕسی پیش سپدن وٲنس حُکمس پیٹھ پزِ نہٕ پانٛٹھ تعمیل کرنہٕ ۔

باسان چھُ زِ نعتہٕ گوڈنیوے شعر وِستی آنحضرتؐ سُندِ مدحک پزر لوٗن زمانہٕ پزِ پانٛٹھ شروٗع ۔ مدینس کُن ہجرتہٕ پتہٕ آو اسلامُک شاندار تواریخ وجوٗدس ۔ اَتہٕ کٔر اللہ تعالیٰ ہن اسلامس سیٹھاہ بُڈ یاری ۔ یہ سوٗرے شہر پزِ زلیو و اسلامہٕ کہِ نوٗرہٕ ستی ۔ مسلمان آسی نبیؐ یس اَندی اَندی زِن گنٛڈ کران ۔ مدینس منٛز آسی زٕ بٔڈی قبیلہٕ اَکس آسی اَوس وَنان تہٕ بٕییس آسی خزرج وَنان ۔ تِم آسی پانہٕ وٲنی زنٛس رکھہٕ کران ۔ مگر مسلمان بنٛنہٕ پتہٕ سپُد تِمن نمکُ تہٕ ماڈک ہیوٗ میٖل ۔ مدینس منٛز اسلامُک یہ وۄدھ جار کتہٕ یہٕ ہاد دُشمنن پزِ روٗنہٕ ۔ لہاذا روٗدی ملکی کاٗرِ مدینس اَندی پکھی تہٕ مقامی یہوٗدین ستی پکہٕ وُنٛہ سنٛز داری کران ۔ تِمو کٔر مسلمانن خلاف تلوار تہٕ نیزٕ استعمال مگر خجل خاری تہٕ پسپائی سواے میوٗ لگھ نہٕ کینہہ ۔ اَمہِ ستی میوٗل تِہندین انتقامی جذبن وَتش تہٕ تِہند یو شاعرو کھوٚج مسلمانن تہٕ آنحضرتؐ خلاف زلو تہٕ وٕنکھ تِہندی ہجو ۔ یہ بےٚ بُنیاد بروٚپہٕ گنڈٕ اہینکہ ہا اسلامس سیٹھاہ زکھ واتہٕ ناوِتھ تکیازِ شعر آسی عربن ہنٛدین دِلن منٛز سٔنتھ گژھان ۔ مشہور مستشرق ( R.A NICHOLSON ) چھُ اسلامہٕ برونٛٹھ ین عرب شاعرن ہنٛزٕ اہمیت پیٹھ گٔنی باوان ۔




EVERY TRIBE HAD ITS POETS WHO FREELY UTTERED WHAT THEY FELT AND THOUGHT. THEIR UNWRITTEN WORDS FLEW ACROSS THE DESERT FASTER THAN ARROWS AND CAME HOME TO THE HEARTS AND BOSOMS OF THOSE WHO HEARD THEM.

A LITERARY HISTORY OF ARABS: P. 73

کاُفرو بیٚلہٕ مسلمانن خلاف شاعری ہنٛدِ ذریعہٕ تہٕ اَمہٕ قسمُک جنگ شروٗع کوٗر تام لوٗگ آنحضورؐ بِتھنہٕ خاص بصیرتہٕ ہِتھ اَمہٕ قسمِچہ غلط شاعری ہنٛدِ ناکارہ اثرُک انداز۔ تِمو دِژ فوٗلی مُسلمانن ژٕینہٕ وَن تہٕ وونُہکھ "یِمو لوٗکو خُدایس تہٕ تٔہندس پیغمبرس ہتھیارو سٟتۍ مدد کوٚر تِم کیازِ چھینہٕ پننہِ زِیوٚوٕ سٟتۍ تِمن مدد کران"۔ یہٕ نبوتُک اشارہٕ لٔبتھۍ دراے حسان بن ثابت کعب بن مالک تہٕ عبداللہ بن رواحہٕ شعرٕ مٲدانس کُن تہٕ کٔرکھ شاعری ہنٛزٕ تلوارو سٟتۍ تہٕ اسلامٕچ راچھ اوٚت۔ یِم شاعر اَسۍ پننہِ شعرو سٟتۍ دشمن ہنٛدِن اَسن ٹھوٗپ دِتہٕ علاوٕ اسلامٕچ فضیلت تہٕ آنحضرتن صؐ ہنٛد ٹھزر تہٕ بجر تہٕ وٕرٕھناوان۔ یِتھٕ کٔنۍ آو عربی ادبس منٛز آنحضرتن صؐ ہنٛد مدح باضابطہٕ پٲٹھۍ بارسس اَمہٕ پتہٕ ہاوی شاعرو اَتھ مدحس منٛز نٔوۍ نٔوۍ رنگ تہٕ نٔوۍ نٔوۍ طرح۔

عہدِ رسالت کین ییٚن ترٛین اہم عصر شاعرن متعلق چھُ اَکس دوٚن کتھن کُن ضمنی اشارہٕ کرُن پننہِ لٔس مُفید تہٕ دلچسپ باسان۔ تکیازِ تِمو سٟتۍ چھِ اسلامس منٛز شاعری ہنٛدِس مقصدٕتس تہٕ اہمیتس بلیغ پٲٹھۍ باوتھ سپدان۔ مثلاً یہٕ کتھ یٚیچھ رٕوایت علامہ ابن اسحاق حضرت تمیم داری ہنٛدِس غلام ابوالحسن سُند حوالہٕ دِتھ یِتھہٕ پٲٹھۍ کران چھِ زِ بیٚلہٕ "وَالشُّعَرَآءُ یَتَّبِعُهُمُ الْغَاوُنَ" (ترجمہ: شاعرن ہنٛز پیروی چھِ تِم کران یِم گمراہ چھِ) آیت نازل سپُد تہٕ اصحابن اَمِچ خبر لٔج تام آیہٕ حضرت کعب بن مالک، حضرت حسان بن ثابت بٔیہِ حضرت عبداللہ بن رواحہ حضورن ہٕنٛدِس خدمتس منٛز دوان تہٕ کوٚرکھ عرض "یارسولؐ اللہ



یِمہٕ وقتہٕ اللہ تعالیٰ ہن یہ آیت نازل کوٗرتھ اوس بخوٗبی پیتہٕ زانان زِ اُسی تِہنٛدی فدوی تہٕ چھ شاعر" حضورو دیُت تِمن دِلاسہٕ تہٕ فرمووکھ تُہۍ چھِوٕ نہٕ تِمن شاعرن منز شامل یِمن ہنز نشاندہی اَتھ آیتس منز سپر ہرٛ چھےٚ بلکہ چھِوٕ تُہۍ تِمن شاعرن منز شامل یِن ہنز نشاندہی اَمہٕ پتہٕ کِس آیتس منز یِتھ پاٹھۍ سپزٕ ہرٛ چھےٚ "اِلّا الَّذِینَ اٰمَنُوا وَعَمِلُوا الصّٰلِحٰتِ وَذَکَرُوا اللہَ کَثِیْرًا" ترجمہ:۔ (اما پوز تِمن لُکن (شاعرن) ہنز کتھ چھےٚ بدل یِموٚ ایمان اُنتھ تہٕ نیک عمل کٔرِتھ اللہ تعالیٰ بکثرت یاد کوٗر)

بییہٕ اکہٕ دفعہٕ کوٗر حضرت کعبن حضورنٛ التماس "یا رسول اللہ شعرو نِس متعلق کیا حُکُم چھُ تُہنٛد خیال؟ حضورٛ فرمووُس درجواب "شعرو نِس چھےٚ نہٕ کانہہ ٹھاک، اکھ مسلمان چھُ تلوارِ ستۍ بییہٕ زیوِ ستۍ یعنے یِموٚ دوشوٕنوی ستۍ جہاد کران"

حیات اقدسس دوران دربار رسالتس ستۍ وابستہٕ روزن والیو یِموٚ شاعرو کوٗر مدح رسول کٔرِتھ بالمشافہ پاٹھۍ آنحضورنٛ ہنز خوشنودی حاصل۔ پتہٕ ییلہٕ آنحضرتؐ عالم عقباہس کُن منتقل پیِیۍ مسلمانن ہنٛدِ خاطرٕ اوس تِہنٛد فراق سیٹھاہ کرٛدٕ کھ۔ تِہنٛدِس غمٕ کین جذبن لوٗگ وُتلنہٕ تہٕ تِموٚ وُنہٕ کینٛہہ مرثی یِمن منز شاعرو تِہنٛدِ فراقُک دود باوُنہٕ علاوٕ تِہنٛز خوٗبیہٕ تہٕ برتر بییہٕ فضیلتہٕ تہٕ برکژ وِرٛتھناوٕنچ کوٗشش تہٕ کٔر۔ یِتھ کٕنۍ سپُد عربی ادبس منز آنحضرتنٛ ہنٛدِ مدحُک اکھ قابلِ قدر ذخیرٕ جمع۔ یِم مدح چھِ عام پاٹھۍ قصیدن تہٕ شعر صِنفن منز درگہٕ پاٹھۍ۔ وونۍ زن گوو کینٛہہ قصیدہٕ تہٕ نظمہٕ آیہٕ ترتیب تہٕ وُنہٕ یِمن منز خالص حضورنٛ ہُنٛد تذکرٕ میلان چھُ۔ مدحکۍ یِم مختلف نموٗنہٕ ہیکن اسلوبہٕ کنۍ ژورن صوٗرتن منز باگرنہٕ یِتھ۔

۱، تقلیدی مدح

۲، فخریہ مدح (فخر کین قصیدن منز)

۳، مرثیہ مدح (مرثیہ کین قصیدن منز)

۴، سیدٕ سیوٚد مدح۔

بوٚنہٕ کنہٕ پیہ یِمن ساری شکلن ہنز مثالوٚ ستۍ وِرٛتھنے کرنہٕ۔

۱. تقلیدی مدح :۔ آنحضرتؐ ہندِس زمانس منز ؤنی واریاہ شاعرو روایتی اندازس منز قصیدہ۔ یم قصیدہ آسہ جاہلی رسمہ موجب غزل یا تشبیب سنز شروع گژھان۔ یتہ اوس شاعر اونٹہ، صحرا یا باقی نظارن ہند وصف بیان کرِتھ دشمن سند ہجو یا پننہ قومک یا خاندانک فخر بیش کران۔ چھیکرس اوس سہ ممدوح۔ سند تذکرہ کران۔ حسان بن ثابتؓ چھ تھی واریاہ قصیدہ موجود۔ یہ کتھ چھے بیتتھ ضمناً عرض زِ حسان بن ثابتؓ آسہ انصارو منز تہ آسہ آنحضرتؐ ہندی بڈی صحاب صابوتن۔ تم چھ آنحضرتؐ ہندی گوڈنکی شاعر مانہ یوان۔ حضورؐ آسہ تمن ہکہ شاباش کران تہ وننان "اے حسان ژِ دِ بدزبانن میانہ طرفہ جواب، اے خدایہ حضرت جبرئیلؑ نہ ذریعہ کرامس مدد" [ أجب عنّی اللّٰھمّ أیّدہ بروح القدس ]۔ حضرت حسانن اکھ مشہور قصیدہ چھ یتھ کنی شروع گژھان۔

عفت ذات الأصابع فالجواءُ

إلى عذراءَ منزلُها خلاءُ

امہ قصیدک اصل غرض چھ مشرکن ہنز مذمت کرنی تہ حضورن ہندی تعریف کرنی۔ ابوسفیانن اوس فتح مکہ سیدہ برونٹھ پننین شعرن منز آنحضرتؐ سند ہجو کرمُت۔ حضرت حسان چھ تمس اتھ بیتھ جواب دوان :

| | |
|---|---|
| هجوتَ محمّداً فأجبتُ عنه | وعندَ اللهِ في ذاكَ الجزاءُ |
| أتهجوه ولست له بكفءٍ | فشرّكما لخيركما فداءُ |
| هجوتَ مباركاً برّاً حنيفاً | أمينَ اللهِ شيمتُهُ الوفاءُ |
| فمن يهجو رسولَ اللهِ منكم | ويمدحه وينصره سواءُ |
| فإنّ أبي ووالدَه وعرضي | لعرضِ محمّدٍ منكم وقاءُ |
| لساني صارمٌ لا عيبَ فيه | وبحري لا تكدّره الدلاءُ |

○ اے ابوسفیانہ ژے کرِتھ حضورن متعلق بدکلامی تہ مے دیتمے جواب۔ امیک بدلہ میلہِ مے خدایس نِشہ۔

- تژے وُنی تھا تمۍ ہندی ہجو بیٚمِس لتِشہٕ نہ تژے کاہنہ حیثیت چھے۔ سون دُعا چھُ زِ تو ہہ دہ یو منٛز یُس اکھ بد چھُ سُہ اُمن نیک اُکس پیٹھ فِدا۔
- تژے وُنتھ اُکس برکنہٕ واُلس ہیک نہ خُدا پرست النان ہنٛز ہجو، یُس خُدایہ سُند امانت دار چھُ نہ بیٚمی ہنز خصلت وفاداری چھنے۔
- تو ہہ منٛز یُس آنحضرتؐ ہند ہجو وَنہٕ (تمہِ ستی بلیٚہ نہ تہندِس ذاتس پیٹھ کاہنہ فرق) یتھ کنی نہ تمن کاُنسہٕ ہندہٕ پلزِنہ نہ مدح کرنہٕ ستی کاہنہ سوچھ واتہٕ (انکیاز خُدا چھُ تمن پانہ مددگار)
- میانی آبا و اجداد نہ بیون حسب و نسب چھ آنحضرتؐ ہندِس عزتس تہ شرفس باوتھ کرِتھ تو ہہ بد زبانن ہندہٕ منٛز نژہٕ راچھ کران۔
- میانی زِ لوچھے ایزس وچھ زٹن واجنی تلوار نہ اکھ منٛز چھینہٕ کاہنہ عاب۔ میانِس کلامہٕ سوٚدرس ہکن نہ بد زبانن ہندی آبہ ملٕر گرُوٹھ بناوِتھ۔ غالباً چھُ شاعر یتھ آخری شعرس منٛز سوٚدرُ وُنتھ آنحضرتؐ ہندِس ذکرِ خیرس کُن اشار کران۔

ردائی قصیدکُ بیا اکھ نموٗنہ چھُ کعبؓ بن زہیرُن مشہوٗر "لامیہ قصیدہ" یتھ قصیدہ بُردہ نہ وَنان چھِ تکیازِ آنحضورؐ کرِی یم قصید لوزِنہ پتہ حضرت کعبس پننی ردائے مبارک (ژادر) عنایت۔ کعب اوس مکہ مکرمہ فتح سپدان برونٹھ مسلمانن ہُند سخت دُشمن۔ یہ دُشمنی ورتاوِ تمۍ پننین شعرن منٛز نہ امہِ کنی آوُ سُہ واجب القتل قرار دِنہ۔ پتہٕ لس بأے ہندِس مشورس پیٹھ اوٚن تمۍ طائفہ کہ غزوہ پتہ حضورؐ ہندِس دربارس منٛز یتھ ایمان۔ حضورؐ کوٚر تہنٛد جرم معاف۔ اتھ موقعس پیٹھ کوٚر تمۍ اکھ قصید پیش یمیک وُنی تذکرہ کرنہ آو۔ امہِ قصیدُک گوڈنیُک شعر چھُ یتھ کنی:

بانت سعاد فقلبی الیوم متبول ۔۔۔ متیمٌ اثرھا لم یفد مکبول

امہِ قصیدکہِ آخرس پیٹھ چھُ کعب پننی صفائی پیش کرِتھ حضورؐن نہ

یہاجرن ہند مدح کران تہٕ ونان

اُنبئت اَنَّ رسول اللّٰہ اَوعدَنی
والعفوُ عِندَ رسول اللّٰہ مأمُول
مھلاً ھداك الّذی اعطاكَ نافلۃَ ال
قرآن فیھا مواعیظُ وتفصیلُ
لاتأخُذَنی باقوال الوُشاۃِ ، ولم
اُذنب ، ولو کثُرت فیَّ الاقاویلُ
اِنَّ الرّسول لنُورٌ یستضاءُ بہٖ
مُھنّدٌ مِن سُیُوفِ اللّٰہ مسلوُلُ

ترجمہ: • مےٚ آو وننہٕ زِ حضورؐ چھےٚ مےٚ دھمکی دژمٕژ حالانکہ ( بہٕ چھُس وچھان زِ ) تمن نِشہٕ چھےٚ ہمیشہ معافی ہنز ووُمید آسان ۔

• ( اے حضورؐ ) ٹھہر وحص سو ذات کرٕو نو حص تو ہہ رہنمائی ، ییمی تو ہہ قرانٕچ نعمت عطا کرٕ نوٚ یتھ منز نصیحت تہٕ ( خدایہ سندین ) حُکمن ہنز ورٕژنے چھےٚ ۔

• ( اے حضرت نبیؐ ) چُغلی کھینہٕ والین ہنزن کتھن پیٹھ مہٕ حص ژٕ تو مےٚ ۔ یوٚزےٚ یوٚزو مےٚ چھُنہٕ کانہہ جُرم کوٚرمُت اگرچہ مےٚ متعلق واریاہ کتھ کرنہٕ چھ یوان ۔

• رسول کریمؐ چھ اکھ نور یہند ستی ژو یارٕ گہہ چھُ پیوان ۔ تم چھ ( ظُلمس تہٕ کُفرس خلاف ) اللّٰہ تعالیٰ ہنز اکھ ہندی تلوار یوٚ ہہ غلافہٕ ژٕ دس چھےٚ ۔ آخری شعرس متعلق چھُ یہ ونن ضروٗری زِ پرٲنس زمانس منز اُس ملک ہندٕچ تلوار ٹھز کالٹی ہنز مانٕنہٕ یوان ۔

۲ ، فخر یہ مدح : ۔

کُفرس خلاف جہاد کرنس دوران آسہٕ مسلمان شاعر کافرن پیٹھ نفسیاتی دباو تراونہٕ خاطرٕ فخر چہ تہٕ حماسچہ شکلہٕ منز شعر ونان ۔ یہ اُس اکھ حکمتِ

عملی۔ شاعر اُسی مسلمانن ہندِ روعبکی تہ دبدبکی باتھ گیوان تہ پتہ پتہ اُسی آنحضرتؐ ہنز بہادری تہ تہنزن باقی خوبین ہند تذکرہ کران اُمہ قسمک اکھ قصید چھُ حضرت کعب رضؓ بن مالکن یتھ کنہِ شروٗع کورمُت۔

قفینا من تہامۃ کل ریبٍ وخیبر ثم اجمعنا السیوفا

• تہامہ تہ خیبر چوٗ جایوٗ کاسی اُسہ (کفرکی تہ شرکی) ساری شک اُمہ پتہ کرِ اُسہ تلوار جمع۔

یہ کتھ چھےٗ ونہ لس لایق زحضرت کعب اُسی آنحضرتؐ ہندی خاص صحابی۔ تم اُسی حضرت حسان رضؓ بن ثابتس پتہ آنحضرتؐ ہندی دوٚیم شاعر مانہ یوان۔ بیلہ مسلمان جنگِ طائفس کُن درائے۔ کعب بن مالکن ووٚن اکھ قصید یتھک وِنی تذکرہ کرنہ آو۔ سہ چھُ طایفکین لوٚکن اسلام قبوٗل کرنک مشورہ دِوان تہ پتہ پتہ چھکھ مسلمانن ہند طاقتک ہاونہ تہ ترٛاوان۔ اُتھی قصیدس منز چھُ سہ حضورنؐ ہند تذکرہ یتھ کنہِ کران۔

رئیسھم النبی وکان صلباً نقی القلب مصطبرا عزوفا
رشید الامر ذا حکم وعلم وحلم لم یکن نزقا خفیفا
نطیع فینا ونطیع ربا ھو الرحمن کان بنا رؤوفا

ترجمہ:۔ اتھ (مسلمانن ہندس پرشوکت لشکرس) چھُ پانہ حضرت نبیؐ سردار۔ تم چھہ کاٚزن بیٛٹھ سیٹھاہ ڈری، تم چھہ پاک دل، صبر وٲلی تہ سیٹھاہ سنجید مزاز وٲلی۔

• تہُندہ پرتھ معاملہ چھُ سہنزس بیٛٹھ قایم، تم چھہ گاٹلی تہ علمہ وٲلی۔ بیٛلیہ چھہ نم بردبار، نہ چھہ تم طیشس یوان لاینہ تہ نہ چھکھ لوٚزر۔

• اُسی یکوٚ پتہ لس نبی لیس پتہ پتہ، بیٛلیہ کرو پتہ لس پروردگارس منز اطاعت سہ چھُ رحم کرن ودل تہ اُسہ بیٛٹھ چھُ سیٹھاہ شفیق۔

غزوہ خندقس منز پیوٚو مسلمانن سیٹھاہ ہیکُن۔ یہ جنگ لوٚڈ مسلمانو مدینہ ہسے منز روزِتھ۔ آنحضرتؐ ہنز رہنمائی منز کھٚنز مسلمانو شہرس

شمالہ کنۍ اکھ سرنیٚو کھۍ (خندق)۔ کافر رودۍ تقریباً اَکس رتس اَمہ کھیٚہ اپار ڈیر ترادِتھ تگر پوتس کر کھ خداصابن چھلہ ڈیر۔ اَمہ جنگہ پیٹھ دِژ اکۍ کافر شاعرن یُس ضرار بن خطاب ناو اوس۔ مسلمانن پامہ زِتموتھاوی مسلمان اَکس رتس ولہ پاٹھۍ آوری۔ تہٕ ہرگاہ کھۍ بُتھہ آسہان تہٕ تمو (کافرو) آسہن مسلمان نعوذ باللہ ختمے ژھہٕ مبی کرمہ۔

کعب رض بن مالک چھ اُمس کافرس اَکس قصیدس منز جواب دِوان تہٕ ونان

صَبرنا لا نری لِلّٰہِ عدلاً — علیٰ ما نابنا متوکّلین

وکان لنا النبی وزیر صدق — بہ نعلو البریۃ اجمعینا

ترجمہ :۔ • یہ کینژھا اَسہ پیش آو، خُداصابن ستھ ہیتھ کور اَسہ تتھ پیٹھ صبر۔ اَسہ چھُنہٕ خُداصابس ہیو کانہہ باسان۔

• حضرت نبی ص چھ سون پزُ ہِیور مشورٕ دِنہٕ وول تہٕ وتہٕ ہاوک تہندی حُکم پالتھ کرو اَسی سارنے مخلوقن پیٹھ تھزر حاصل۔

غرض مسلمانن اُس خداصابنہٕ مدتھ آش تہٕ وومید۔ بیٚیہ اوس اکھ گاٹُل وَنیہ ہاوُک ییٚتہٕ ستۍ اَدکنۍ اوس پنہٕ تمن کانہہ پرولے۔ دوٚیمِس شعرس منز چھ شاعر آنحضرت ص ہنز جنگی حکمت علی کُن اشارٕ کران۔ اَمہ پیٹھ چھُ حضرت کعب رض مسلمانن ہنز بہادری تہٕ تہند روعبہ تہٕ دبدبُک نقشہ پیش کرتھ منزٕ ونان:

لننصرن احمد اوالله حتی — نکون عباد صدق مخلصینا

(مسلمانن ہنز سرگرمی چھے اَمہ موجُب) تاکہ اَسی کرو اللہ تعالیٰ اَس تہٕ آنحضرت ص مدد۔ تیلۍ بنو اَسی پزٕ کنۍ خدایہ سند مخلص بندہٕ بنتھ خدایی مدد کہ حقدار۔

موختصر پاٹھۍ چھ یہ عرض زِ فخریہ کین قصیدن منز اوس شاعر موقعہ میلہ تھۍ پنٕنس رہبرس تذکر کران تہٕ دشمنن برونہہ کنہ تہنز شانہ برٚز تشبیہ (ایسج) پیش کران تاکہ کافر گژھن اسلامس کُن مایل۔

۳۔ مرثیہ مدح :۔ آنحضرت ص ہند انتقال پیٹھ وُنۍ واریاہ صحابیو تہندس ذاتس منز قصیدہ یمن منز غم تہٕ دُکھ باونہ علاوہ یُسلہ پاٹھۍ تہندی تعریف

کرنہ آے۔ مثالہ پأٹھۍ چھ حضرت ابو سُفیانؓ بن حرب اکھ ژٕتھے قصیدہ یتھ کِنۍ
شروع کران:

أرقتُ وَباتَ لیلی لایزولُ — وَلیلُ أخی المُصیبۃِ فیہ طُول

منے گئے ینٛدر کامن تہٕ میأنۍ راتھ سوریہٕ نہٕ۔ پوز گوو یہٕ زِ مصیبت زدہ
ہنز راتھ چھِ زیٹھے آسان۔

یہٕ مصیبت کیاہ اوس؟ یہٕ اوس نبیؐ پاکن ہُند دنیا ترأوُن۔
اَیہِ باوتھ چھُ ابو سفیانؓ سیٹھاہ پُر اثر اندازس منز کران۔ مسلمانن چھُ وحی ہُند
سلسلہٕ ژھینہٕ نس پیٹھ سیٹھاہ افسوس۔ تِمن چھِنہٕ کانہہ اَتہٕ وَتھ لبوان۔ ابو سُفیان
چھُ سیٹھاہ واویلا کران تہٕ چھُ آنحضرتؐ ہندی احسان یاد کران تہٕ ونان:

أصبنا بالنبی وَقد رزانا — مُصیبتنا فنحملها ثقیل
نبیٌ کان یجلو الشك عنا — بما یوحی إلیہ وما یقولُ
ویھدِ ینا فلا نخشی ضلالاً — علینا والرسول لنا دلیلُ
فلم نر مثلہ فی الناس حیا — وَلیس لہٗ من الموتیٰ عدیلُ

ترجمہ: • نبی پاکنہٕ دنیا ترأوِنہٕ سٟتۍ ووت اَسہِ مصیبت۔ اَسہِ دٕژ دوو
اَتھ مصیبتس نکھ مگر یہٕ بار وترأوُن چھُ مُشکل۔

• سُہ عظیم نبی یُس تمہِ سٟتۍ سأنۍ شک کاسان اوس۔ یہٕ کینژھا
تس کُن وحی پیدان اوس تہٕ یہٕ کینژھا سُہ زبانِ رسالتہٕ سٟتۍ
پانہٕ فرماوان اوس۔

• سُے اوس اَسہِ ییٚنز وَتھ ہاوان۔ اَمِ کِنۍ اوسنہٕ اَسہِ وَتھ راونک
کانہہ اندیشے آسان۔ حضرت رسولؐ اکرے اوس ناسون مُرشد۔

• اَسہِ وُچھنہٕ لوکن منز تِمن ہش کانہہ زِندہ شخصیت۔ نہٕ چھُ توتگ
جام چینہٕ والین منز تِمن برابر کانہہ نظر گژھان۔

اَتھ قصیدس منز چھُ ابو سُفیان رضؓ حضرت فاطمہسؓ تعزیت کرِتھ تس
کُن ونان:

وقولی فی أبیكَ ولا تملی — وھل یجزی بفعلِ أبیكَ قیلُ
فقبرُ أبیكَ سیدُ كلِّ قبرٍ — وفیه سیّدُ الناسِ الرسولُ
صلاۃ اللہ من رب رحیم — علیه لا تحول ولا تزولُ

ترجمہ: ۔ اے فاطمہؓ پنہٕ نِس بابہٕ صابٕس متعلق روزٕ تٕ (نیکیہ نہٕ ہٕزرم) تھکہٕ ورٕاے گنزران ۔ (اگر پوزٕ گوویِ زِ) تہنزٕ نیک کامہٕ کیتھٕ ہیکو گزنرمنزٕ تہٕ باوٕٹ سنزانھ ۔

• چانِس بابہٕ صابٕن روضۂ مبارک چھُ تمام قبرن ہُند سردار تہٕ تتھ منزٕ چھُ لوکن ہُند سردار حضرت رسولؐ تشریف تھاوِتھ ۔

• تمن پیٹھ آسن عالم رچھِن والیس تہٕ رحم کرن والیس خُدایہٕ سُند طرفہٕ لچھ بٕذٕ سلامہٕ ۔ یمہٕ سلامہٕ روزن تمن پیٹھ برابر جاری تہٕ یمن منزٕ یمن کانہہ سوزٕر ۔ آمین ۔

۴۔ سیّد سیّود مدح : آنحضرتؐ ہندی صحابی آسی تہند لولہٕ تہٕ عقیدتہٕ سٕتیٕ سرشارٕ ۔ منزٕ ی اوس کانہہ صحابی نبوت بیتاب سپدان زٕ شاعری ہندی رسم تہٕ رلواج اذک طرف ترٕاوتھ اوس سُہ تہندس شانس منزٕ پننی شعر ڈالی پیش کران تہٕ پانس تسکین دِوان ۔ یتھین نظمن تہٕ قصیدن منزٕ چھُ نبی صابٕن تذکرہ بیدٕ سیّود میلان ۔ بوٕ نہٕ کنہٕ چھِ یتھ کیتھہ نموٕنہٕ پیش کرنہٕ یوان ۔

آنحضرتؐ ہندی چچہ بابہٕ حضرت عباس صابٕس کُن چھُ امہٕ نوٕ ترٕایہٕ ہُند اکھ قصیدہٕ منسوب ۔ یتھ منزٕ زن آنحضرتؐ ہند مدحک نوٕوے انہار درینٹھ چھِ گژھان ۔ شاعر چھُ ونان زٕ حضورؐ چھُ اکھ تیُتھ نور یُس حضرت آدمؑ، حضرت نوحؑ، حضرت ابراہیمؑ تہٕ بییہٕ وارہین پاکباز صاحبن ہُندین پُشتن منزٕ منتقل گژھان رُود ۔ حضرت عباسؓ چھ اتھ نورس کُن ونان ۔

من قبلها طبت في الظلال وفي — مستودعٍ حيث يُخصف الورق

تا

فنحن في ذالك الضياء وفي النو — ر وسُبل الرشاد نخترق

(اُتھ شعرا) ترجمہ تہٕ مفہوم:

- (اے نورٕ نبی) یٚمہٕ عالمہ برونٹھ اوسکھ ژٕ (آدمس سٟتۍ سٟتۍ) جنتہٕ کین شیٖہجارن تل سوکھ سان روزان ۔ یٚمہٕ اوسکھ ژٕ جنتچہٕ تتھ جایہ تہٕ حاضر یٚتہٕ ننگہٕ پانن پیٚتہٕ ڈھرو سٟتۍ وَلُت کرنہٕ یوان اوس۔
- پتہٕ دوٚنھک ژٕ یتھ دُنیاہس کُن تیٚلہٕ نہ اوسکھ ژٕ بشر ہٕندس حُلیس منز تہٕ نہ اوسکھ ماذیا نطفہٕ لوکھرہٕ تشکلہٕ منز۔
- بلکہ اوسکھ ژٕ اکھ مبارک قطرٕ چہٕ حالتس منز یُس (اکہٕ زمانہ حضرت نوحؑ سٟتۍ) ناوِ کھوٚت یٚلہٕ 'نسر' ناوکس بُتس آبن ژھٕٹھ کرٕ تہٕ کافر پھٕٹ آبس۔
- ژٕ روٗدکھ برابر مبارک پُشتو کِنۍ مبارک رحمن کُن منتقل گژھان۔ اکھ عالم اوس سوران تہٕ بیاکھ پٮ۪ہ آس بارسس یوان۔
- حضرت ابراہیمؑ سٕند نار آو (خاص تیٚژ کِنۍ) بدلاونہٕ۔ تہٕندس پُشتس منز اوسکھ ژٕ گُپتھ لہاذا کتھہٕ کیٚنہٕ دزہن تم۔
- (یہٕ سلسلہٕ روٗد برونٹھ پکان) یوٚتتھ تانۍ چانس محفوظ گھرس اَندٕ اَندٕ بھدٕ بھدٕ تم جمع گےٚ یمن لرٕ اکھ کتھ کرٕ وُن گاش وجودس منز آو۔
- (اے حضرت نبیؐ) یٚلہٕ حض تۍ زاۍ دٕ زمین حض گےٚ روشن تہٕ تہٕندٕ نوٗرٕ سٟتۍ حض پرزلیٖہ اُفق۔
- اَسۍ چھِ تتھۍ گاش تہٕ نوٗرس منز حق چین وتن بیٚھ (عشقہٕ ناہر) دزان۔

اتھ قصیدس متعلق چھُ ابنِ اثیر "اسد الغابہ" ناوچہ کتابہٕ منز یہ روایت پیش کران زِ اکہٕ دۄہ ہیوٚت حضرت عباسؓ آنحضرتؐ اجازت زِ سہٕ وَنہٕ ہا تہٕندس شانس منز اکھ قصیدٕ۔ آنحضورؐ ووٚنہس "ژٕ وَن، اللہ تعالیٰ مہ یھمہٕ راوِن چانۍ دَند" یعنی خدا صاب بخشِن تس خوشگفتاری۔

حضرت عباس رضؓ کیاز وۄن سُہ قصید ؛ اُمیکُ چھُنہٕ کانہہ پےٚ پتہٕ میلان ۔ باسان چھُ زِ حضرت عباسؓ اوس آنحضرتن ہِندِ بجرُک تہٕ عظمتُک سیٹھا احساس ۔

سیدِ سیوٚد مدیح تراے چھِ حضرت حسانؓ ہندِس اُکِس قصیدس منز تہٕ درینٹھِ گژھان ہیٚمیک مضمون فخر تہٕ حماسہ چھُ ۔ سُہ چھُ وَنان :

مستشعری حلق الماذی یقدمهم     جلد النحیزة ماض غیر رعدید

تا

مبارك کضیاء البدر صورتہ     ماقال کان قضاء غیر مردود ۔

(نو شعر) ترجمہ تہٕ مفہوم :

- جنگی لباس لاگتھ تم (بہوٚدُر صحابی) یِمن برونہہ کنہٕ (بصورت حضورِ اکرمؐ) صبرُک تہٕ برداشتُک اکھ نوٗرانی پیکر موجود چھُ ۔ تم (ساری صحابی) چھِ ثابت قدم تہٕ بُزدل چھُنہٕ کانہہ ۔
- یعنی سُے حضرت رسول اکرمؐ یس خُداصابن تقوی تہٕ سخاوتہٕ ہِنزِ تمام مخلوقن پیٹھ بجر تہٕ شرف بخشمت چھُ ۔
- اے مشرکو توہہ ما آسوہ گُمان زِ تُہی کرِو یِمن عیالن ہِنز راچھ تہٕ راوُٹھ ، بینیہ واتہٕ تہٕ بدرکِس آبس نشہٕ کانہہ (مسلمان) ۔
- مگر اُسی واتی توٚہی تہٕ تتہٕ لۄٚرتہٕ کانہہ کنھاہ ۔ اُسہ چھِنیہ کھُلہٕ تزویش تہٕ کالنہ روٗد نہ کم آب ۔
- اُسی چھِ اُکِس تیٚزِ رزِ تھٕچھ کٔرتھ یوٚسہ نہ زانہہ ژھینہٕ ۔ یہ چھےٚ خداصابنیو رزو منز اکھ ڈٕر تہٕ زیٚٹھ رز ۔
- اُسہ منز چھُ پیغمبرِ خُدا پانہٕ موجود ۔ تہٕ زن گوو اُسہ منز چھُ حق تہٕ پزر یتھ اُسی مرنہٕ کِس دمس تام پتہٕ پتہٕ یکان روزو یہ چھےٚ اُسہ پزٕ خُداصابنٕ تُنٕز یاری ۔
- ییٚلہٕ تِم (کافر) دُشمنی پیٹھ لوان چھِ رسولِ محترم چھِ لڑایہ تہٕ جہادکِس یِہ پٔتہٕ پُر خطر مرحلس منز     پیدل کیٚو سوار ہیمیٚ پاٹھۍ

پکان روزان۔ تی وُچھتھ چھ تمن مقابلہ جنگی سامانو ستی ملبوس سپاہ ینٔس لشکرس منز کھٹہٕ کھٹہٕ روٗزتھ پان بچاوُن یژھان۔ تکیازِ رسول کریمؐ چھ ژکہٕ سیٹھا دلہٕ ڈری تہٕ بہودُر۔

- تم چھ وفادار تہٕ شبقہٕ ارادٕ والی تہنٛد ظہوٗر چھ اُکس تتھس روحانی گاشہٕ مالہ کہ ینٛد ظہوٗریُس خاص گاش دِوان چھُ۔ بلکہ چھ تہنٛد وجوٗد اکھ نِنیُنھ پھلہٕ ژٕندریُس تمام شریف تہٕ عزتہٕ والین گہہ چھُ بخشان۔
- تم چھ برگزیٖدٕ برتھ۔ انہار چھک ژوہ داہمہٕ زوٗنہٕ ہیوٗ۔ یہ تم ونان چھ تہٕ چھُ سپدان تہٕ تہنٛد ونُن چھُنہٕ زانہہ ردگژھان۔

ابن ہشام چھُ پننہٕ سیرتچہ کتابہٕ منز ونان زِ یہ قصیدٕ وۄن حضرتِ حسانؓ بدرکہٕ جنگہ پتہٕ آنحضرتن بروٗنہہ کنہٕ خوشی ہندِس حالس منز۔ شاعر چھ آنحضرتنؐ ہنز بہودری تہٕ تہندس اعتمادس تعریف کران تہٕ ستی ستی تہندِس خولقس تہٕ عظمتس پوٗش وتھراوان۔ چھیکرس چھُ سُہ کافرن یہ چیس دِوان زِ ہرگاہ تمن گاشچ تہٕ بزرچ وَتھ لبنی چھےٚ تیٚلہٕ چھُ تمن دیدمان رسولِ محترمؐ اکھ گاشہٕ منارٕ۔

آنحضرتنؐ ہنز اکھ بٔیچنٕز حضرت صفیہؓ چھ تہنٛد اکھ مرتیہ سیٚدِ سیٚودُنہجہٕ منز یتھٕ کٔنٕز شروٗع کران:۔

| | |
|---|---|
| اَلَا یَا رَسُوْلَ اللّٰہِ کُنْتَ رَجَاءَنَا | وَکُنْتَ بِنَا بَرًّا وَلَمْ تَکُ جَافِیًا |
| وَکُنْتَ بِنَا رَؤُوْفًا رَحِیْمًا نَبِیَّنَا | لِیَبْکِ عَلَیْکَ الْیَوْمَ مَنْ کَانَ بَاکِیًا |

- اے خدایہ سنٛدِ پیغمبر! تہؠ آسوٕ سأنی آش تہٕ ووٚمید۔ تہؠ آسوٕ اسہٕ پیٹھ احسان کران، تہؠ آسوٕ نہٕ بدلحاظ۔
- تہؠ آسوٕ اسہٕ پیٹھ شفیق تہٕ مہربان، تہؠ آسوٕ سأنی نبی۔ تہؠ گےٚوٕ اسہٕ نِشہٕ جدا نوٚے چھ تہندِس فراقس منز اززودن والی اوٚش ہاران۔

اہلِ بیتن ہنٛد تذکرٕ کرتھ تہٕ تمن ستی پنٕنہٕ محبت ہاوِتھ چھےٚ حضرت صفیہؓ آنحضرتنؐ کنٕ ونان:

## نعتیہ ادب

صبرت وبلغت الرسالة صادقا — وقد مت صلب الدین ابلج صافیا
فلو ان رب العرش ابقاك بیننا — سعدنا ولكن امره كان ماضینا
علیك من الله السلام تحیة — وادخلت جنات من العدن راضیا

- توہہ حض کوٚرو (دشمنن تہ نادانن ہنزن بیوقوفین بیٹھرتہ) صبرتہ پوٚرٕ زٕنتھ واتہ نووُو توہہ حقُک پیغام پرتھ کانٛسہ تام۔ توہہ کوٚرو اکھ اوٚرتہ دوٚر دین بیش یُس روشن تہ چھٕلتھ کیٚو ژھکتھ چھُ۔
- اگر عرشُک مالک توہہ اسہ منٛز موجود تھاوِہے اسی آسہو سیٹھاہ خوش قسمت مگر خُدا تعالیٰ سُند حکم چھُ لاگو سپدتھ روزان۔
- بے عیب تہ بےٚ نوقص خدایہ سند طرفہ روٗزِن توہہ بیٹھ ساپہ پٕز سلامہ جاری۔ اللہ تعالیٰ کرِی توٗ توہہ لازوال جنتن منٛز داخل یتھ تہٕ خوش تہ راضی روٗزِو۔

---

مدینُک شام زُلفن شانہ طوٗرس
مدینچ رات چشمن سورمہ نوٗرس
مدینُک صُبح پرتوشش جہاتس
مدینُک دوہہ جلادِل کس حضوٗرس

(میر غلام رسول نازکی)




پروفیسر رحمٰن راہی

(" شاعری ہُند مُطالعہ تہٕ عقیدُک مسلہٕ " عُنوانہٕ تمہٕ طویل مقالہٕ منٛز اکھ اقتباس یُس نومبر ۱۹۹۱ء کاشر ڈپارٹمنٹ کرِ اہتمامہٕ منعقد سپدی مِتس سیمنارس منٛز پیش کرنہٕ آو )

..... اما پوز یہٕ سوٗرے کیہنہٕ نظرِ تل اَنِتھ تہٕ پییہٕ شاید مانُن زِ کم از کم فارسی زبانی ہندین "خوش بیانن" مقابلہٕ چھہٕ ساری کاشرۍ نعت گو معراج نامہٕ وَنان وَنان پایسان زنتہٕ بسترٕ کانٛہہ ہیتھ یوسفؔ ٹُلی ہیتہٕ دراہتی۔ مےٚ چھُ وُنی کیٛن صرف "سکندر نامس" منٛز شامل نظامی گنجہ ای سُند معراج نامہٕ دردست تہٕ ہیتھ چھُم زِ اَسہٕ سارِنے کاشرِن عاشقن گژھہِ بقولِ ناظم ژھوپہٕ تہٕ گژھ و کرنس تہٕ روزنہٕ دارِ ہرگاہ کانٛہہ فن شناس یہٕ فارسی شہکار پیش کران کران بلا تشبیہہ و تمثیل یہٕ چلینج کرِ زِ فاتو بسُورۃٍ من مثلہ

در معراج نبی صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم

شبی کاسمان مجلس افروز کرد — شب از روشنی دعویٰ روز کرد

سراپردۂ ہفت سلطان سریر — برآمود گوہر بچینی حریر

سر سبز پوشانِ باغِ بہشت — بسرسبزی آراستہ کار و کشت

محمدؐ کہ سُلطانِ این مہد بُود — زچندین خلیفہ ولیعہد بُود

زنافِ زمین سر باقصیٰ نہاد　　سرِ نافہ در بیتِ اقصیٰ کُشاد
زبندِ جہاں داد خود را خلاص　　بہ معشوقیٔ عرشیاں گشت خاص
بُنہ لیست زین کوئی ہفتاد راہ　　بہ ہفتم فلک بُرزدہ بارگاہ
دل از کارِ این حجرہ پرداختہ　　بہ نہ حجرۂ آسمان تاختہ
برون جست زین کُندۂ چاربند　　فرس راند بر ہفت چرخِ بُلند
بُراقی شتابندہ زیرش چو برق　　بتامش چو خورشید در نور غرق
سُہیلی براوجِ عرب تافتہ　　اَدیم یمن رنگ ازو یافتہ
بریشم دُمی بلکہ لُو لُوء سُمی　　رَوَندہ چو لُو لُو بر ابریشمی
نہ آہُو ولی نافش از مُشک پُر　　چو دندانِ آہو بر آمودہ دُر
ازان خوش عنان ترکہ آید گُمان　　وزان تیز رَو تر کہ تیر از کمان
شتابندہ تر وَہم علوی خرام　　اَزُو باز پس ماند ہفتاد گام
بعالَم کُشائیٔ فرشتہ وَشی　　نہ عالَم کُشائی کہ عالَم کُشی
بہ شبرنگی آن شبچراگشتہ مست　　چو ماہ آمدہ شبچراغی بدست
چُنان شد کہ از تیزیٔ گامِ اُو　　سبق بُرد بر جُنبشِ آرامِ اُو
قدم بر قیاسِ نظر می کُشاد　　مگر خود قدم بر نظر می نہاد
پیمبر بران ختلیٔ رہ نوَرد　　برآورد ازین آبِ گردندہ گرد
ہم اُو راہ دان ہم فرس راہوار　　زہی شاہ مرکب زہی شہسوار
چو زین خانقہ عزم دروازہ کرد　　بدستش فلک خرقہ را تازہ کرد
سوادِ فلک گشت گلشن بدو　　شُدہ روشنان چشم روشن بدو
دران پردہ کز گرد ہا بودِ پاک　　نشالیست شُد دامن آلودہ خاک
بدریایٔ ہفت اختر آمد نخُست　　قدم را بہ ہفت آبِ پاکی بشُست
رہا کرد بر انجُم اسباب را　　بہ مہ داد گہوارۂ خواب را
پس آنگہ قلم برعُطاردِ شکست　　کہ اُمّیِ قلم را نہ گیرد بدست
طلاقِ طبیعت بناہید داد　　بہ شُکرانہ قرصی بہ خورشید داد

به مریخ داد آتشِ خشم خویش — که خشم اندران ره نمی‌رفت پیش
رعونت رها کرد بر مشتری — نگینِ دگر زد در انگشتری
سوادِ سفینه به کیوان سپرد — بجز گوهرِ پاک با خود نبرد
بپرداخت نزلی به هر منزلی — چنان کو فرو ماند و تنها دلی
شده جانِ پیغمبران خاکِ او — زده دست هر یک به فتراکِ او
کمر بر کمرِ کوه بر کوه راند — گروه گروه جنیبت جهاند
بهار و نیش خضر و موسیٰ دوان — مسیحا چه گویم به موکب روان
نه اندازهٔ آن که یکدم زنند — نه دم بلکه چشمی که برهم زنند
ز خر پشتهٔ آسمان برگذشت — زمین و زمان را ورق در نوشت
ز پرتابِ تیرش دران ترکتاز — فلک تیر پرتابها مانده باز
ندیده ز تعجیلِ ناوردِ او — کس از گرد بر گردِ او گردِ او
تنیده تنش بر رصدهای دور — بروحانیان بر جسدهای نور
دران راهِ بی راه ز آوارگی — همش بار مانده همش بارگی
پرِ جبرئیل از رهش ریخته — سرافیل زان صدمه بگریخته
ز رفرف گذشته بفرسنگها — وزان پرده بنموده آهنگها
ز دروازهٔ سدره تا ساقِ عرش — قدم بر قدم عصمت افگنده فرش
ز دیوانگهِ عرشیان برگذشت — به درج آمد و درج را در نوشت
جهت را ولایت بپایان رسید — قطعیت به پرگارِ دوران رسید
زمین زادهٔ آسمان تاخته — زمین و زمان را پس انداخته
مجرد روی را بجائی رساند — که از بودِ او هیچ با وی نماند
چو شد در رهِ نیستی چرخ زن — برون آمد از هستیٔ خویشتن
دران دائره گردشِ راهِ او — نمود از سرِ او قدمگاهِ او
رهی رفت بی زیر و بالا دلیر — که در دائره نیست بالا و زیر
حجابِ سیاست برانداختند — ز بیگانگان حجره پرداختند

دران جای کاندیشہ نادیدہ جای ‌‌ درود از محمدؐ قبول از خدای

کلامی کہ بی آلہ آمد شنید ‌‌ لقائی کہ آن دیدنی بود دید

چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال ‌‌ نہ زان شوجہت بد نہ زین شو خیال

ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش ‌‌ نگشتہ یکی خار پیرامنش

دران نرگسین حرف کان باغ داشت ‌‌ نگو زاغ کو مہر ما زاغ داشت

گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد ‌‌ ہم او خورد و ہم بخش ما خاص کرد

دلش نورِ فضلِ الٰہی گرفت ‌‌ یتیمی نگر ناچہ شاہی گرفت

سوئے عالم آمد رخ افروختہ ‌‌ ہمہ علمِ علوی در آموختہ

چناں رفتہ و آمدہ باز پس ‌‌ کہ ناید در اندیشۂ ہیچ کس

زگرمی کہ چون برق پیمودہ راہ ‌‌ نشد گرمیٔ خوابش از خوابگاہ

ندانم کہ شب را چہ احوال بود ‌‌ شبی بود یا خود یکی سال بود

چو شاید کہ جان ہائے مادر دمی ‌‌ بر آید بہ پیرامنِ عالمی

تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست ‌‌ اگر شد بہ یک لحظہ آمد رواست

حسنُک اکھ اہم ماہیتی عنصر چھُ ابہام تہٕ وُنی وُنی وَننٕے روزُن چھُ بیانِ حسنُک خاصہ۔ توٗ کنہِ روزِ نظامینس پیش نظر اعلافنی نو مؤنس نہستھ کانہہ تہٕ مولہٕ وُن بہرحال اڈٕ لیچی۔ بہ کرٕ سردست امکہِ زٕ ور گوشہٕ روشن کرنچ کوشش اول اَمِچ تعبیر کاری، دوم اَمِچ نوکھہٕ سنجی تہٕ فکری سلامتی، سوم ناقابلِ بیان بیان کرن وول آہنگ باوزبل تہٕ چہارم اَمِچ آورن کاری۔

معراجس ہیکو اسی پننہِ بشری زبانہِ منز شاید اکھ سفرنامہ تہٕ وُنتھ مگر یہ اہم پھیر ملحوظِ خاطر تھاوتھ زِ اَمہِ سفرچ بنیادی تحریک چھنہٕ وُنہٕ گتھ سنز پننہِ ذاتی یژھا یہ تہٕ اَماپہ علاوٕ یہ واقعہ بنان زِ تس چھُ اکھ سیٹھہِ بزرگ، برتر، قادر، شفیق تہٕ شوقہٕ ہتی عاشقن ہنزٕ انتہائی لوٗ ٹھ محبوب وینہِ دتھ پانس نکھ اَنِنہٕ باپتھ. تس احترام رچھنہٕ موکھ تہٕ لول تہٕ اسرار باوہٕ خاطرٕ نہٕ بے نظیر آیہ عزت ہرراونہٕ کہ غرضہٕ باہمی راز و نیاز چہ محفلہِ منز شریک سپدنُک سال کورُمُت۔ اَمہِ لحاظہٕ چھُ یہ اکھ لولہٕ سفر، اکھ عشقہٕ

بێنہٕ وول، مگر یہ نوزُک فرق نظرِ تل تھاوِتھ زِ میزبان تہٕ میٚہمان دوشوٕے چھ یِک وقت اکھ اکھ ٲکِس بندی عاشق تہٕ اکھ اکِہ بندٕ معشوق۔ یٚتھِس میزبانس نِش یِتھِس پرٛتھ ہوٚسُند واتُن، یہ چھُے اکھ انتہاٰیی غار معمولی تہٕ بے حد سہرسا و شبانہ تقریب۔ میزبان سُہ یُس کُلہم زمان و مکانس تہٕ سارِنے مخلوقاتن وٕجوُد کینو نوٚمود عطا کورمُت چھُ تہٕ میٚہمان سُہ یُس اُمہسے خلاقِ اعظم تہٕ قادرِ مطلق سُند مدتوار چھُ۔ ہیکیا ویٚنرِتھ کنہٕ سو راتھ یتھ امہ بے مثال تقریبہٕ ہُند ساعتھ نیر تہٕ پانہٕ بذاتی سیاہ وٚش آسِتھ تہٕ یُتھ ہیوٚ آفتاب بڑونٹھو یکہٕ؟ سُہ اسمان کوتاہ بخ بلندیُس یتھِس پرٛتھ ہوٚسُند لتہٕ داس بنہٕ۔ تہٕ سُہ سبزپوش باغوانن ہُند زیُٹھ کوتاہ باگہ وان یُس ہنہٕ سر سبز باغٕچ آراستگی وُچھنہٕ یُتھ ذی عزت حسن بند تہٕ حسن شناس میٚہمان پینہٕ وول آسہِ! نظامی چھُ یتھِنے ہوٚبن ووٚلسنس آمتین انتظامین تہٕ وہ دنہٕ والین اُتھ امہِ کاینا تی گذرگاہہ تہٕ مافوق محفلہِ باپتھ پوٚت منظر پاراوناوان تہٕ اڈندرپوٚکھ آراستہ کرناوان:

| | |
|---|---|
| شبی کاسمان مجلس افروز کرد | شب از روشنی دعویٔ نور کرد |
| سراپردۂ ہفت سلطان سریر | برآمود گوھر بہ چینی حریر |
| سر سبز پوشان باغ بہشت | بہ سر سبزی آراستہ کاروکشت |

ہومرِ چھُ پنُن جنگنامہ "الیاڈ" لفظِ "خشم" ہتی شورٛوٚع کران تہٕ نظامی چھُ یتھ معراج نامس "شب" لفظہِ ہتی دٕس تُلان۔ دوشوٕے لفظ ورتناو چھِہ پنہٕ پنہٕ موضوعہٕ کہ اعتبارٕ انتہاٰیی موزوٗن باسان، خاصکر یتھ بیلہٕ یہ نوکتہ مولہٕ ونہٕ ییہٕ زِ "شبی" ڈُنتھ یمہِ راتہِ ہنز ذکر نظامی کران چھُ تس چھُ اسمانٕ مجلس گاشراونہٕ کنی پانہٕ منٛدیُن آسنک دعوا۔ گوڈنکس مصرس منز موجوٗد مخصوص نحوی ترتیبہٕ کنی وہ پدن وول یہ ابہام تہٕ چھُ قابلِ توجہ زِ مجلس افروزی ہنز کامہ دٕس تُلنس منز ماچھ سٕری بیٚٹھ گامتہٕ شوق سببہٕ راتھ تہٕ اسمان اکھ اکس بیٚٹھ سبقتھ رٛنچ کوٚشش کران، ہتکیا زِ شب تہٕ آسمان دوشوٕے چھ اکی آنہٕ فاعل تہٕ باسان تہٕ مفعول تہٕ۔ شعرس پوٗرٕ مولہٕ وُن کرنہٕ باپتھ چھُ یتھ سہ کرُن زِ دوٚیمہ شعرکس گوڈنکس مصرس منز چھا "ہفت سلطان سریر" کُنی ترکیب مانہٕ (مطلب ستھ شاہی تخت) کنہٕ اضافتِ مقلوب مشخص کرتھ

مصرعس ییٚمہٕ آیہ نثری صوٗرتھ دِنۍ : سراپردۂ سلطانِ ہفت سریر (مطلب سٔتن تختن ہنٛدِس مالک پادشاہ ہنٛدِس خٲمس اَندۍ اَندۍ گنڈنہٕ آمُت قنات) تہٕ شعرکس دوٚیمِس مصرعس منٛز چھُ "چینی" لفظکِس ایہامُس تہٕ سٔرُن یُس ملکِ چینہٕ بجایہ سراپردہ رنگین تہٕ پوشدار آسنٛچ ترٛینہٕ وٕن دِوان چھُ ــــ راتھ، آسمان، ملک ــ یعنی ازچھنہٕ زمان تہٕ مکانے یاتِ پاراوس نگیٛمتۍ یٔلۍ کہ تمہٕ مخلوقاتھ تہٕ یمو آدمہٕ ہنٛدِس وجوٗدس نسبتھ آدنہٕ برٛیڈی کڈۍ میتۍ اُسۍ تہٕ پتہٕ یمن بقولِ اقبالؔ یہ اِمکان ترٛہراوان اوس کہ یہ ٹوٗٹا ہوا تارہ مہِ کامل نہ بن جائے ، ازچھِ تمہٕ یہ ترٛینتھ توشان زِ زٕدٕن تہٕ افتابہ کیاہ ازچھُ خودِ نوٗرِ آگرٕ ہیے تہٕ پانہٕ روٗحِ بہارٕ ہیے استقبال کرُن !

نظامِیَس چھُ استعاری زبان ورتاونس ، نحوی ترتیب بدلاونس ، تجنیسی صنعژ کامہٕ ہیتھ ایہام پادٕ کرنس تہٕ ہم آواز حرفو ذریعہ سازُت ووتلاونس منٛز یدِ طوٗلا حاصل تہٕ یہ ورتاو چھُ تٔمۍ سُند بیانُس نہ صرف اکھ او برٛگو بر و دل خوش ادا ایجاز عطا کران یٔلۍ کہ سہ جدلی تھٔنتراے ، سُہ وِہ برٛاو تہٕ ابہامٕچ سہ درکُشائی نہٕ جہاتھ نمٲیی تہٕ بہتر برکرٕ تسنٛز کتھ کتھ متعدد احساس ، ادرٲکی کیونکری تارن مضراب دِوان چھے تہٕ زیرِ تبصرہ نظم چھے اَمہٕ تخلیقی جوہرٕ ستۍ مالامال . کینٛہہ مثالہ :

استعارہ تہٕ کنایہ : سراپردۂ ہفت سلطان سریر (اگوڈنیکُ اسمان) ؛ چینی حریر (تارکھ نَب) ؛ شبچرا (بُراق) ؛ شب چراغ (ذاتِ محمدیؐ) ؛ کُندۂ چاربند (زمین) ؛ آبِ گردندہ (اسمان) ؛ ترگیین حرف (بے صدا کلام) ؛ سرِ سبز پوشانِ باغِ بہشت (رضوان) ؛ کوئی ہفتادرہ (زمین) ۔

تشبیہہ :۔ بُراق تہٕ سہیل ، ہنام تہٕ خورشید ، تن ہمہ دیدہ گشتہ تہٕ نرگس ؛ راہ بی زیرو بالا تہٕ دائرہ ، راہوارئ بُراق در افلاک تہٕ لولوئ روندہ برابریشم ؛ جہت را ولایت بہ بیپایاں رسید تہٕ قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید ؛ تیز گامیٔ بُراق تہٕ وہم علوی خرام ؛ بریشم دُم ؛ لولو سُم ۔

قولِ محال :۔ شب از روشنی دعویٔ روز کرد ؛ برآورد ازین آبِ گردندہ گرد ؛

نمود از سراو قدمگاہِ اُو ، کلامی کہ بی آلہ آمد شنید ۔
تجنیس :۔ برق تہٕ بُراق ؛ سرسبز تہٕ سرسبزی ؛ نافہ تہٕ ناف ؛ سر (یعنے گوٗل) تہٕ سر (یعنے کلہٕ) ؛ شبچرا تہٕ شبچراغ ۔
مجازی تعلقچ مناسبتھ : ماہ تہٕ گہوارٕ خواب ؛ عُطارِد تہٕ قلم ؛ ناہید تہٕ طلاقِ طبیعت ؛ خورشید تہٕ قرص ؛ مریخ تہٕ خشم ؛ مُشتری تہٕ رعونت ؛ کیوان تہٕ سوادِ سفینہ ۔
ہم آواز حرفن ہُند اجتماع :۔

سرا پردہٕ ہفت سلطان سریر — برآمود گوھر بچینی حریر
سرسبز پوشان باغِ بہشت — بہ سرسبزی آراستہ کاروکشت
بُنہ بست زین کوٗئی ہفتاد راہ — بہ ہفتم فلک برزدہ بارگاہ
سوادِ فلک گشت گلشن بدو — شدہ روشنان چشم روشن بدو
سوادِ سفینہ بہ کیوان سپرد — بجز گوہرِ پاک با خود نبرد
رعونت رہا کرد بر مُشتری — نگینِ دگر زد بر انگشتری
ازان خوش عنان ترکہ آید گمان — وزان تیز رو ترکہ تیر از کمان
رہا کرد بر انجم اسباب را — بہ مہ داد گہوارہٕ خواب را
مُجرّد روی را بجائی رساند — کہ از بودِ اُو ہیچ باوی نماند

یمہ مثالہٕ چھےٚ شاید تموٗ رنگہٕ ژیسلوٗ مُنز کینژن ژیلین ہنز نشاندہی کران ییٚن نظامی ییٚنٛ بروٚنٹھے مُعیّن موضوٗع تعمیر کرنہٕ موکھہٕ تہٕ ییٚنٛ قٲری اکھ موضوٗعس مُنز تخیُلی کیو جذباتی آبہٕ آوراونہٕ کہ غرضہٕ کام ہیوان چھُ ۔ اَمہٕ تعمیر کٲری یہ تہٕ آورن کٲری یہ ہُند بیاکھ اکھ سیٹھے کارگر ژیلہٕ چھُ مُتعلقہ سفرُک مُجمل بیان ۔ کورلج چھُ شعر بیانہٕ کِس بہاوس سُرعت ہنز یکن چالہٕ ڈالہٕ دِتی ہشر دِوان ، سُرعت یکُن یُس بیک وقت ہوٗل ہوٗل ، سیدٕ سیوٗد تہٕ تیز آسان چھُ ۔ نظامی سُند بیان تہٕ چھُ تُلتھے ۔ یتھ کنی کانہہ وَنہٕ گتھ ژُنہ بس کُن پکان پکان مُنزی مُنزی ڈچھنی کھوٚوری تہٕ نظراہ نظراہ دِوان چھُ یا کُنہٕ مرحلس ہنادم دِتھ سام ہیوان چھُ نتھے پانٛڑ چھُ

نظامی معراجک رویداد بیان کران کران دورانِ سفر پیش یینہٕ والیو واقعاتو منز کینژن واقعن ہناوِستارٕسان بیان کران، مگر یہ جس تھاوِتھ زِ کانہہ تہٕ تفصیل گژھہٕ غارضروٗری بنُن، ناسازگار باسُن یا بیانہٕ کِس بہاوس روٗٹ کرُن۔ آسمانی گُذرگاہُک پارٕ و بیان کرِتھ چھُ شاعر یینہٕ وٲلس غارمعموٗلی پزٕ ھٕ سُند سیٹھہٕ مجمل تعارف کران:

محمدؐ کہ سُلطانِ این مہد بود ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ زِ چندین خلیفہ ولیعہد بود

بہ اجمال (یتھ منز "سلطان" تہٕ "ولیعہد" زٕ انتہایی اہم اشارٕ موجوٗد چھِ) چھُ اَتھ موقعس پیٹھ زیادٕے مناسب باسان تکیازِ برونہہ کُن بیان یِیدن والہِ رویدادٕ ڈسی چھُ سفرنامہٕ کِس اُمس مرکزی کردارٕ سُند تعارف پأتی پلٕے مکمل سپدن وول۔ چونکہ نظم چھنہٕ زِکرِ صرف معراجس یعنی سعوٗدس متعلق تۅ کِنہٕ چھُ نافِ زمین (یعنی مکہ معظمہ) پیٹھ بیتِ اقصیٰ تانگ سفر تہٕ مسجدِ اقصیٰ اَس منز حضوٗرنٛ ہندِ سربسجوٗد سپدنُک حال سیٹھہٕ ژھوچرٕ سان بیان کرنہٕ آمُت:

زِ نافِ زمین سر بہ اقصیٰ نہاد ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ سرِ نافہ در بیتِ اقصیٰ کُشاد

البتہٕ اَمہِ اُفقی سفرکِ تہٕ اَرضی سیہٕ کِ مُضمر اَتھ چھِ اہم زِکیازِ زمین زادٕ کردارٕ سٕنزِ سعوٗدی ڈیھِ باپتھ چھِ ابتدٲیی اہم تیاری اَتھ دوران سپدان۔ چنانچہ نظامی چھُ اَتھ موقعس پیٹھ حضوٗرنٛ ہندِ دُنیوی علایقو نشہِ موکجار پراونُک تہٕ عرشہِ والین ہُند معشوق بننُک حال ہنادم دِتھ بیان کران:

زِ بندِ جہان داد خود را خلاص ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ بمعشوقیِ عرشیان گشت خاص

بُنہ بست زین کوئی ہفتاد راہ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ بہفتم فلک برزدہ بارگاہ

دل از کارِ این حجرہ پرداختہ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ ‏ بہ نُہ حجرۂ آسمان تاختہ

اصلی سعوٗدُک مرحلہ وار حال سپدِ ووٚنی بیان۔ چونکہ یہ سفر چھُ تھزرٕ تہٕ تیزی، دوشوٚے لحاظہِ انتہایی غارمعموٗلی تہٕ بظاہر عقلہٕ نہٕ وشرٕوُن بہاذا چھُ تمس براقہٕ سُند حال یِمہِ اکھ سیٹھہٕ عظمتہٕ وول تہٕ انتہایی لطیف سوار پننس نشتس پیٹھ رٹمُت چھُ تتھ پاٹھۍ وشھناوُن یتھ کِنہٕ تیز تیز پروازی،

تہ اکھ کیٛو خوش عنانی یعنے رٕہدآری نظرنوازبنہٕ تہٕ بقولِ نظآمی نا باوٗر باوٗر بنہٕ :

برون جست ازین گُندهٔ چاربند — فرس راند برہفت چرخِ بلند
بُراقی تشنابندہ زیرش چو برق — رِسنامُش چو خورشید در نور غرق
سُہیلی بر اوجِ عرب تافتہ — ادیم یمن رنگ ازو یافتہ
بریشم دُمی بلکہ لولوٗ سُمی — رَوندہ چو لولوٗ بر ابریشُمی
نہ آہُو ولی نافش از مُشک پُر — چو دندانِ آہُو برآمودہ دُر
ازان خوش عنان تر کہ آید گمان — وزان تیز رَو تر کہ تیر از کمان
شتابندہ تر وَہم علوی خرام — ازو باز پس ماند ہفتاد گام
بعالم کُشایی فرشتہ وُشی — نہ عالمُ کُشائیُ کہ عالَم کُشی
بہ شبرنگی آن شبچراغ[1] گشت ست — چو ماہ آمدہ شبچراغی بدست
چُنان شُد کہ از تیزیٔ گامِ اُو — سبق بُرد بر جُنبشِ آرامِ اُو
قدم بر قیاسِ نظر می گُشاد — مگر خود قدم بر نظر می نہاد
پیمبر ﷺ بران ختلیٔ رہ نوٗرد — برآورد ازین آبِ گرداندہ گرد
ہم اُو راہ دان، ہم فرس راہوار — زہی شاہ مرکب زہی شہسوار

آسمآنی سفرکٕ گوڈنیک مرحلہ چھُ اکہِ مُتحرک شبیہہِ ذرٕیعہ بیان سپدان یوٚسہ پرٕن واٲلِ ہندِس ذہنس منز ہیچھ وقتم تفریٚمن ہُند تلازمہ بداہ کرِتھ جاذبِ نظر بنان چھےٚ۔ پوٚتہٕ چھُ ڈٔنی یوٚی جایگاہہ بیٹھ وُچھ تِلنہ اُسمانہٕ کِس دروازس نکھ واتان تہٕ اُسمان چھُ یہ ڈٔنیڈزٕ تہٕ بُتھِ نیرِتھ اکھ تازٕ خرقہ (خلافتکُ تہٕ نوٗمُریدی ہُند اکھ بے نظیر تہٕ موزوٗن لباس) بیشِ گران یُس زیبِ تن کرِتھ

سوادِ فلک گشت گُلشن بدو — شُدہ روشنان چشم روشن بدو .

ظاہر چھہٕ تازگیہ چھُ باطنکُ شوزرٕ لاازمی۔ توٚے کٔتھ چھُ سُتن تارٕ کَن ہندِس نوٗرٕ

---

[1] شبچراغ: سُہ افسانوی دانہٕ یُس راتھ کیٛتُ سمندرٕ منز نوٚتھ کھسِتھ آسہ منز اکھ پرٕزلوٗن لعل تراوان چھُ تہٕ یتھ تمہِ کیس نیٛہٕ ناوس منز گاہہ بیترِ کھوان چھُ۔

سوٗدرس بیٹھ واتنگ نوٗو مرحلہ تہٕ پننہٕ ذاتھ تموٗ تمام بشری خوٗصوٗصیژ وٗنشہ پاک کرنگ۔ معنہٕ سوٗو عمل ییمہ "تنہادلی" پراوِنس تہٕ لامکانُک سفر اختیار کرنس منز۔ وولہ بوٗر بنتھ ہکن۔ بوزوٗ ہے تہٕ مرٔ آزی تزکیُک تہٕ قلبی تطہیرُک یہ اقدام چھُ اکھ انتہائی تجریدی موضوع یُس بشری زبانٕ ذریعہ دیدمان بناوُن ناممکن باسان چھُ، مگر نظامی چھُ کمالِ فنکاری ورتاوِتھ اَتھ اکھ قابلِ دید، متحرک تہٕ مَنہٕ موہن مُرقع بناوان زوٗچھن وول چھُ تہٕ منہ اَتھ ہتی ہم آہنگ سپدان تہٕ لین گژھان۔ تجرید تہٕ تنزٕہُک زوٗکنس منز اَتھ بروٗنہہ چھےٚ تمام ناگہ بار بشری خوٗصوٗصیژ اکہِ اکہِ مختلف تار کن پُشرٕنہٕ یوان، یہ نوکتہٕ رس التزام کٔرِتھ زِ ییٚسی یہ شوٗبہٕ تہٕ تسٕ تہٕ پُشرن۔ چنانچہِ نیٚندرِ ہُند تاثیر یُس زوٗنہٕ عطا یوٗیہ (یِرانہٕ علمِ نجوٗمہ موٗجوٗب) اسمانُک منزُل مانہٕ آمرٕ چھےٚ۔ مزاجٕ پھُرتی پُشراوکھ ناہیدس یوٗیہ نژن واجیٚنہٕ چھےٚ۔ دبیرِ فلک عُطارِدس آو قلم ژُتھس دارِتھ دِنہٕ تکیا زِ یُس اُمی آسہٕ تس کتھ قلم بکار تہٕ تِتھےٚ پاٹھۍ آو لیکھنہٕ آمرٕ ژن بیاضن ہُند میلہ کرُل ہندوٗ فلک کیوانس پھیرِتھ دِنہٕ تکیا زِ اُمی چھُ بیاضوٗ نشہٕ بے نیاز۔ بوچھ ہنز علامتھ ژوٹ دِژکھ آفتابس یُس اسمانُک واز چھُ تہٕ شرارتُک نار پُشرٕکھ مریخس یُس اسمانُک سپاہ مانہٕ آمُت چھُ تہٕ مُشتری ناوِکس اسمانی قاضس کوٗرکھ حوالہ پاپہٕ پارٕ او تہٕ کس۔

| | |
|---|---|
| بہ دریائی ہفت اختر آمد نخُست | قدم را بہ ہفت آب پاکی بشُست |
| رہا کرد بر انجم اسباب را | بہ مہ داد گہوارۂ خواب را |
| پس آنگہ قلم بر عُطارد شکست | کہ اُمّی قلم را نگیرد بدست |
| طلاقِ طبیعت بناہید داد | بشکرانہ قرصی بخورشید داد |
| بہ مریخ داد آتشِ خشمِ خویش | کہ خشم اندران رہ نمیرفت بیش |
| رعونت رہا کرد بر مُشتری | نگین دگر زد بر انگشتری |
| سوادِ سفینہ بہ کیوان سُپرد | بجُز گوہرِ پاک با خود نبرد |
| بپرداخت نزُلی بہ ہر منزلی | چنان کو رود ماند تنہا دلی |

کانہہ کتھ یا واقعہ (خاصکرِتھ شیٚتھ بروٗنٹھے بار بار باوتھ سپزمژ

آسہِ ) ییٚدی پاٹھۍ تہٕ کنہٕ توجہ گیر وٚسیلہٕ ورأے بیان کرُن چھُ عموٗمن بےٚ لطف بنان (ییٚمیُک بےٚ سوکھ احساس اکثر کاشرِ معراج نامہٕ پران گرٕھان چھُ ) ، اوٚکنِۍ چھُ فنکار کنہٕ نہٕ کنہٕ دلکش نوٗرہٕ ترآشیہٕ کاٗم ہیوان ییٚتھ نظاٗمی "شگفتی" وَنان چھُ ۔ نغز گفتار شاعر چھُ کنہٕ تہٕ کتھِ یا واقعس گوڈٕ پننس ضمیرس منٛز احساسَن تہٕ جذباتن ہُند پھاہ ہیوان دیُن تہٕ پتہٕ تم پننہِ تخیلہِ چہ کوندِ منٛز پٮ۪ٹھ ہیوان یُتھ تھہٕ زا انتمی صوٗرتھ پرٕن والۍ ہندِ باپتھ دلپذیر بنہِ ۔ نظاٗمی چھُ پننہِ فنکارانہٕ نوٗرہٕ ترآشیہٕ کُن یہِ وٕنتھ اشارٕ کران زِ کانہہ کتھ یا واقعہ ہرگاہ یہِ ڈٕیزِ تہٕ اکہِ زُلفہٕ صوٗرتھ پرآوتھ تہٕ میٚے لٕش واتان چھُ بہٕ چھُسَن سُہ کہیں نےٚ تہٕ تمہٕ کس اَندس خم تراوِتھ آراستہٕ کران : ۔

| | |
|---|---|
| دران پردہ کز راستی یافتم | سُخن را سرِ زُلف برنافتم |

تہٕ یہِ چھُنہٕ کانہہ سہل کاٗم ہنکیازہٕ :

| | |
|---|---|
| بدین دلفریبی سُخن ہای بکر | بسختی توان زادن از راہِ فکر |
| سخن گفتن و بکرِ جان سُفتن است | نہ ہر کس سزائی سخن گفتن است |

تاہم گرٕھنہٕ نوٗرہٕ ترآشی تیٖژ بےٚ گنڈٕ گرٕھنہٕ زِ اصل موضوعہٕ نِشہٕ ڈالہٕ توجہ یا پننہِ پانےٚ پننُن مُدعا :

| | |
|---|---|
| اگر بی شگفتی گذاری سخن | ندارد نوی نامہ ہای کہن |

مگر

| | |
|---|---|
| بسی در شگفتی نمودن طواف | عنانِ سخن را کشد در گزاف |

" دریائے ہفت اختر س " پیٹھ روٗنما سپدن وول مذکورہ بالا واقعہ نظرِ تَل تھاوِتھ ہیکو وٕنتھ زِ نظاٗمی چھُ تمام ضروٗری احتیاط ورتاوِتھ نوٗر ترآشیہٕ ہُند کارنامہ انجام دِوان ۔ تُہُند معراج نامہٕ چھُ نظر نواز تہٕ فکر انگیز تبلوزَن (TABLEAUX) ہُند اکھ رواں دواں قاُفلہ بنان ۔

بہرحال شوٗزرُک تہٕ شوزرُک یہِ مرحلہٕ سپدِ ہے تہٕ تہا دِلی پرٛاوِ منتس پرٕھس انتظار کرَن والۍ سارٕ وے کھوتہٕ ذی مرتبہ استقبالی ( انبیا تہٕ مرُسل ) چھِ وو ٹِیوان ۔ خاکساری ترٛتھ زِ زوٗ جانہٕ چھس مُطیع بنان ، زنہٕ پدرِن تَل

مینتر ؛ مارموت تبوت زِ پرِ پتھ اکھ چھُ اُمس عاشق شکار سوارِ بندِس شکار بندس پان اَویزان ترٛاوُن یژھان - اُڈی چھس اُردُس لاران تہٕ اُڈی لشکرس پتہٕ دوران . مگر سوارِی چھنہٕ وُزملہٕ کھوتہٕ تہٕ تیز دَو - شہہ کھارنس کیاہ اُچھ ژٹہٕ وار کرنس تہٕ چھکھ مہل یوان - بُراق چھُ وُڈان تہٕ نہٕ صرف اسمانَن پیٹھ اسمان ژھنڈان بلکہ زمان کیو مکان پدرن مُتحتھ بروٚنہہ نیران - یہ وُچھ تہٕ وُڈوٚ چھنہٕ تیژ بُلند تہٕ تیز زٕ نظر رُو پیٹھ تارکن ہند مشاہدہ کرن والین نبی ین تہٕ مُرسلن چھِ بُراقس کُن کُرے گنڈتھ کنی پنہٕ نین گاشرِ ن وُجودن نوُرانی جسم زیبِ جان سِپدان - اکہِ اَندہٕ راہِ بیراہس پیٹھ یہ بَرق رفتاری یہ گرٛزھمی تھے گرم رفتاری تہٕ بیٚیہ اَندہٕ نوُرُک اصلی آگرُ قریب ترواتنُک وِ بگلاوُن وِدل ظوٗن - نتیجہٕ یہ زِ بُراقے یوت چھنہٕ لوسان بلکہ سالہٕ سوٲلی جبریلس تہٕ چھِ تمہٕ آبہٕ ٹھہیر چھپتھ ہیوان زِ مقامِ رفرفُک مُقیم اسرافیل (یُس یاہٕ قیامتھ برپا کرن والہِ صوُرُک تھوبلدار چھُ) تہٕ چھُ حال وُچھتھ ترٛاس کھوان تہٕ ژلان - دیدمان ، مُتحرک تہٕ متنوع واقعاتن ہنز گرفت چھنہٕ ترتھ مضبوط زِ پرَن واَلس چھُنہٕ کانہہ موکلن پلے - اُتھی چھِ وَنان فن پارٕچ آورن کاری :

| | |
|---|---|
| کمر بر کمر کوہ بر کوہ راند | گرُوہ گرُوہ جنیبت جہاند |
| بہاروٚ نیش خضر و موسیٰ دوان | مسیحا چہ گویم بہ موکب روان |
| نہ اندازہ آن کہ یک دَم زنند | نہ دَم بلکہ چشمی کہ برہم زنند |
| زخرپشتہٕ آسمان بر گذشت | زمین و زمان را ورق درنوشت |
| زِ پرتاپ تیرش دران ترکتاز | فلک تیر پرتاب ہا ماند باز |
| نہ دیدہ زِ تعجیلِ ناوردِ او | کس از گردِ برگردِ او گردِ او |
| تنیدہ تنش بر رصد ہائی دوٗر | بروٗ حانیان برجبد ہائی نوٗر |
| دران راہِ بی راہ زِ آوارگی | ہمش بار ماندہ ہمش بارگی |
| پرِ جبرئیل از رہش ریختہ | سرافیل زان صدمہ بگریختہ |

عالمِ خاکی ، عالمِ افلاک ، مقاماتِ انبیأ تہٕ حدودِ ملکوت --

سدرہ ، رفرف ، درج ساری مرحلہ سپدی طے ۔ جہٕزن ہندی
خطوط رییہ تہٕ سمیکی اند سمکھیے ۔ دایرٕ گوو کمل ۔ ہست ولوڈک مادان ووت
انتہٕ اندس تہٕ نیستی ہند فضا گوو ووٚتھ ۔ ؤں نہ چھُ بون تہٕ نہ ہیور ۔ وونی چھُ سفر
بس دایرک گردش ییتھ دوران ع نمود از سر او قدمگاہِ او

رہی رفت بی زیر و بالا دلیر      کہ در دائرہ نیست بالا وزیر

حُسنک عشقک خلوتھ گاہ ۔ نہ دۄیمک ٹھوٚر نہ دُیی ہند پردہ ، لوٚت زِ عاشقی
تہٕ معشوقی تہٕ امر تہٕ مامور سند پھیرہاو حجاب ووٚتھ تہٕ ملاقاتک حجرٕ سپُد پرٕتھ
کُنہِ بیگانگیہ نشہِ خالی ۔ سُہ مقام ییتہٕ تخیلس تہٕ کانہہ روزن جاے روزنہٕ ! تہٕ
سپُد شوٗ وُع ع درود از محمدؐ قبول از خدا ے

امہِ مافوق تہٕ غار مری محفلہِ ہند حال باوُن تہٕ اتھ منز سپدن وول سُہ بے دہن
و گوش تہٕ بے حرف و صدا کلام ، سُہ دیدنی دیدار زنتہٕ اچھ پانی پانس وُچھ !
یہ واو لوکہِ رٹنُ چھُ ویسے بشری زبانی ہندِ دسترسہٕ نیبر مگر تہٕ آسہٕ تہٕ یہ لامکانی
لازمانی صوٗرتِ حال بشری تخیلس منز دیدمان بناوُن تہٕ یہ ساپرے رمزہ باوٕتھ
آدمی احساسہٕ کِہن کُنہ ہنر موسیقی بناونی اتھ ولو فنک اعجاز تہٕ بس ، یُس وُچھن
وُچھان پرن وول وُچھ وُنے روزان چھُ ۔ نہ چھس مزید کُنہِ اچھ گاشہٕ یرٕتھا
ووتلان تہٕ نہ سرتابی ہند کانہہ ظوٗن برادان ۔

کلامی کہ بی آلہ آمد شنید      لقائی کہ آن دیدنی بود دید
چُنان دید کز حضرتِ ذوالجلال      نہ زانسو جہت بُد نہ زینسو خیال
ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش      نگشتہ یکی خار پیرامنش
دران نرگسین حرف کان باغ داشت      مگر زاغ کو مہر مازاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد      ہم او خورد و ہم بخشِ ماخاص کرد
دِلش نورِ فضلِ الٰہی گرفت      یتیمی نگر تاچہ شاہی گرفت !

اتھی چھِ وَنان کینہنس کینہہ بناوُن ، مُطلق نیستیہ اکھ صوٗرتھ ، اکھ ناو ، اکھ
جایگاہ عطا کرُن ۔

نظامی سٕنز نوکتہ رسی، نوکتہ سنجی تہٕ فکری سلامتی ہُند کیاہ گوژھ اَمہٕ ہُریانہٕ توٚبوٚتھ آسُن زِ سُہ چھُ حدٕ روٚس رکِ نبل پتھرِس پیٹھ تہٕ سیٹھے استقامژ تہٕ خوش ادایی سان قدم تُلان تراوان ۔ دُستہٕ تن فِرقن سٕنز آسہٕ شایدے کانہہ لیکھ نظامی ہندِس بیانِ معراجس سِتۍ کانہہ اختلاف آسِتھ ہیکہٕ ۔ عجیب الخلقت مگر ذی شان بُراقہٕ سٕنز توصیف چھُ بے حد احتیاط منگان، توٚے کِنہ چھِنے اَہندِس خوش رنگ وُجودس عربی فضاہس پیٹھ گردش کرن والِس برزٕ ونس سُہیل تارکس سِتۍ متاہِتھ دِنہٕ آمژ، یُس بند تاثیرٕ ملکِ یمنُک خوبصورتھ ترین تہٕ مشہور حیمر رنگ رٹان چھُ، تس لیکھ سازِ زیبِ تن چھُ تہٕ چھُ نیہ ناوس منز غوطہٕ دِتھ اُفتابہٕ وننہٕ آمُت) تہٕ تہنز خوش اداپکن تراپہٕ پاٹھۍ پارِس پیٹھ ڈلہٕ ونس موکھتہٕ پھُلس سِتۍ ہشر دِنہٕ آمُت ۔ روٚس وٕنوس نہٕ مگر روٚسی ہندی پاٹھۍ چھُ مُشکہٕ پوٚرُت تہٕ روٚسی ہندی پاٹھۍ چھس دَنہٕ زنتہٕ دُردانہٕ جرِتھ؛ تہٕ تسنز شوبدار تیز روی ہندکس بیان ہیکہٕ یِیمہٕ کھوتہٕ موزون تہٕ شایستہٕ اَستھ نہٕ:

| | |
|---|---|
| ازان خوش عنان ترکہ آید گمان | وزان تیز رَو ترکہ تیر از کمان |
| شتابندہ تر وہم علوی خرام | ازو باز پس ماند ہفتاد گام |
| چنان شُد کہ از تیزیٔ گام اُو | سبق بُرد بر جنبش آرام اُو |
| قدم بر قیاس نظر می کُشاد | مگر خود قدم بر نظر می نہاد |

نبی یَن تہٕ مُرسلن ہند شوقِ دیدار تہٕ ذوقِ تعلّق بیان کرُن چھُ اَمہٕ تہٕ گژھِ تھٕ حفظِ مراتب منگان ۔ شدہ جانِ پیغمبران خاکِ او ۔ اَمہٕ مِصرعُک ابہام چھُ داد دِنس لایق ۔ اَتھ ہیکن کھیس نے تہٕ ژور ناوِل پیدٕ تھ (ا) پیغمبرن ہندی مقدس روٚح چھِ نیے آنحضورن ہند خاکِ پاک (ب) پیغمبر بنیے آنحضورنہٕ ہندی تنھی ماتحتھ تہٕ مُطیع زنتہٕ پدبن تل میژ (ج) یتھ پاٹھۍ آنحضورؐن پننہٕ مختلف بشری خوصوصیژ مختلف تارکن عطا کرِ نہٕ تھے پاٹھۍ بخشکُھ ہینُن خاک پاکٕ پیغمبرن (د) آنحضورن ہند خاکی وُجود اوس بشری آلایشو نِشہٕ نبوت مُصفا نہٕ مُزکا سپدمُت زِ سُہ ڈیشتھ پرٛادی پیغمبرو نوٗی روٚح ۔ اَمہٕ کھوتہٕ تہٕ با ادب بیان

چھُ عۂ بہارونیش خضر و موسیٰ دوان۔ یہ وَنِنہٕ بجایہ کہ خضرؑ تہٕ موسیٰؑ آسی اردُلس لاران یا پاسبانی کران چھُ یہ وَننہٕ آمُت زِ تِم آسی سُہ فریضہٕ انجام دِوان یِمہ کِنہِ حضرتِ موسیٰؑ سُند زیٹھ برادر ہارُون معروف چھُ۔

آنحضورنؐ سُند بالائی سفر اوسا محض بہ روٗح کِنہٕ بیک وقت بہ روٗح و بہ جَسد، نظامی چھُ یہ نوزُک مرحلہٕ پننہٕ اعجازِ صفتہٕ بیانہٕ ذریعہٕ تتھٕ پاٹھٕ طے کران زِ پرَن وول چھُ بہ زبانِ حال وقالِ سُبحان اللّٰہ وِرد کران۔ سُتنٕ تارکن پنٕدٕ سوٗدرِ شوٗزرَ تہٕ شوٗزر پراُوِتھ تہٕ برق رفتاری بہ تہٕ گرٕژھی تھے گرم زٕدی سببہٕ ہیٚرِ لوٕ نہٕ نوٗرِہ نوٗر ننِتھ:

| | |
|---|---|
| زِ دروازۂ سِدرہ تا ساقِ عرش | قدم بر قدم عصمت افگندہ فرش |
| زِ دیوانگہِ عرشیان برگذشت | بہ درج آمد و درج را درنوشت |
| جہت را ولایت بہ پایاں رسید | قطعیت بہ پرگارِ دوران رسید |
| زمین زادۂ آسمان تاختہ | زمین و زمان را پس انداختہ |
| مُجرّد روی را بجائی رساند | کہ از بودِ او ہیچ باوی نماند |
| چو شُد درّۂ نیستی چرخ زن | برون آمد از ہستیٔ خویشتن... |
| دران دائرہ گردشِ راہِ او | نمود از سرِ او قدمگاہ او |
| چنان رفتہ و آمدہ باز پس | کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس |
| تنِ او کہ صافی تر از جانِ ماست | اگر شُد بہ یک لحظ آمد رواست |

تہٕ ہمہٕ سارِہ موضوعو تہٕ مفاہیمو کھوتہٕ زیاد فکری سلامتی، با ریک بینی تہٕ معجز بیانی ہُند تقاضہٕ چھِہ سو بارگاہِ نیستی کران یتہٕ عبد، عبدہٗ بنِتھ تس حضرتِ ذوالجلالس سٍتی ہمکلام تہٕ ہم خوان سپدان چھُ یُس سُند بہترین توصیف چھُ لَیسَ کَمِثلِہٖ شَیئٌ:

| | |
|---|---|
| دران جاے کاندیشہ نادیدہ جاے | درود از محمدؐ قبول از خدائے |
| کلامی کہ بی آلہ آمد شنید | لقائی کہ آن دیدنی بود دید |
| چنان دید کز حضرتِ ذوالجلال | نہ زاں سو جہت بُد نہ زین سو خیال |
| ہمہ دیدہ گشتہ چو نرگس تنش | نگشتہ یکی خار پیرامنش |

دران نرگسین حرف کان باغ داشت      مگو زاغ کو مہر ما زاغ داشت
گذر بر سرِ خوانِ اخلاص کرد      ہم اُو خورد و ہم بخشِ ما خاص کرد

عاَمِ ممکن چھُ اَتھ ماورا تہٕ بے نشان ماحولس منز گژھن لقا، دیدہ تہٕ نرگس ہوِن لطیف لفظن تہٕ نرگسین حرف ہِشہِ لوٗزُک ترکیبہٕ منٛز تہٕ مٲدی ژھایہِ درینٛھ، مگر تمیُک رَہ کھٔبہِ نظامیسٕ بجایہِ تِتھ بشری زبانہِ لوٚسہٕ چھانٛتھ پھیانٛتھ تہٕ عارِق بنأوِتھ تہٕ یتھہِ اَصلیتٕ کنہِ زمینی روزان چھےٚ۔

سفرک آخری مرحلہٕ چھُ وُروٗد تہٕ واپسی تہٕ تمیُک بیان چھُ حسبِ توقع موخصر تہٕ مُجمَل:

سوئ عالم آمد رُخ افروختہ      ہمہ عِلم علوی در آموختہ
چنان رفتہ و آمدہ باز پس      کہ ناید در اندیشۂ ہیچکس
زگرمی کہ چون برق پیمودہ راہ      نَشُد گرمیٔ خوابش از خوابگاہ

تہٕ نظم چھےٚ یتھ حارتھ ناو شعرس پیٹھ اندواتان ز:

ندانم کہ شب راچہ احوال بود      شبی بود یا خود یکی سال بود

معراج نامس یمہِ خوش بخت "شب" لفظہِ ستہِ دَس ووٚتھوو تمی شبہٕ کہ استعجاب آمیز احوالہٕ ستہِ ودت اَندہ تہٕ۔ تعمیر کاری یہٕ ہُند فریضہ گوو بطورِ احسن پوٗرہٕ تہٕ فنکارِ بندِس پرکارس پیٚٹھ قطعیتھ حاصل تہٕ آخری دوٚن شعرن منز چھُ شاعرِ پاپہٕ ارضی تہٕ بشری سوٗتھرس پیٹھ کھڑا یپدِتھ اَکھ غار معمولی تجربس یتھ آیہِ اکھ قابلِ توجہٕ منطق پیش کران:

چو شاید کہ جانہائی ما در دمی      بَر آید بہ پیرامنِ عالمی
تنِ اُو کہ صافی تر از جانِ ماست      اگر شُد بیک لحظہ آمد رواست

نظمہِ ہندی مابقی شعر، یم تہٕ اَسہ یپہٕ تس یتھ تبصرس منز شامل کرٕی، ہکو کھ شاعرِ ہنٛز ذاتی اثر پذیری تہٕ ادبی رلوائیٚش ہنٛز پاسداری یہٕ ہندی ترجمان گنٛزرِتھ یم بہر حال اصل معراج نامہٕ کہ آہ نیر چھِ۔

یہ احوال زانتھ چھُنہٕ مٹے باسان زِ سوخن فہم حضراتن کیا گژھہِ

یہ بوٗزِتھ کانہہ تعجب زِ دآنتے آسہٕ ہا "ڈِواین کامیڈی" لِکھان لِکھان یِتھوٚے معراج نامَو متاثر کوٚرمُت، یا پہٕ زِتِم کیا کَرن نہٕ نظامی مُند یہ دعوا بوٗزِتھ اَمَنا و صَدَقنا زِ

سُخن چون گرفت استقامت بمن — اقامت کُند تا قیامت بمن

(آنَند)

---

لوح بھی تو قلم بھی تو تیرا وجود الکتاب — گُنبدِ آبگینہ رنگ تیرے محیط میں حباب

عالمِ آب و خاک میں تیرے ظہور سے فروغ — ذرّۂ ریگ کو دیا تو نے طلوعِ آفتاب

شوکتِ سنجر و سلیم تیرے جلال کی نمود — فقرِ جُنید و بایزید تیرا جمالِ بے نقاب

شوق اگر ترا نہ ہو میری نماز کا امام — میرا قیام بھی حجاب، میرا سجود بھی حجاب

تیری نگاہِ ناز سے دونوں مُراد پا گئے — عقل غیاب و جستجو، عشق حضور و اضطراب

تیرہ و تار ہے جہاں گردشِ آفتاب سے
طبعِ زمانہ تازہ کر جلوۂ بے حجاب سے — (اقبالؒ)



"نوٗشَس چھنے با وتھ یوٗش پھٕلِٕ پاکیزہ سرُودس — توٗشاں ملک ہیٚتھ چھُ تٕرےٚ خُدایا پانہٕ درُودس

مِیُل گو وزمانن لامکانن سال تٕرےٚ کوٚرنے — ماضی تہٕ مستقبل تٕرےٚ ونوان دِرٛاے سجوٗدس

اَتہٕ گیہ حقن پٕرِتھ دَپہٕ گَس کرنو مُعَطل — دَپہٕ وُچھنہٕ مُرسل دِرٛاے پننس شاہِ شہوٗدس

خوش گرِتھ اَلَم نشرح وُچھس از دل گرِتھ مٕتِش — یِتھ باعثِ تخلیق چھُکھ تٕرے عالم بوٗدس؟

وَالنّجم رفرف دِرٛاو، سُبحان الّذی اَسرٰی
وَالّیل سفرس وَالضُّحیٰ مَنزِل چھُ نموٗدس

(مرغوب بانہالی)




# مولانا جامی سُند عکسِ زندگی،

## عقیدٕ شاعری تہٕ امتیازِ نعت گوئی



پروفیسر مرغوبؔ بانہالی

مقالہ کس عنوانس منز اشارتاً ہاوِنہٕ آمتین ترٕن تعارُفی ہدفن ہُند تقاضہ چھُ جامیؒ صابُن یہ ذکرِ خیر ترٕن ہِدفن حصن منز باگرُن۔ تِ ملحوظ تھوٗتھ چھےٚ اَمس عظیم شاعر سنز یے لوٗث زندگی، شریعت شناس شاعری تہٕ دلنواز نعت گوئی متعلق یہ زان پتہٕ رائے ترٕن ہدفن مگر باہم وابستہٕ خانن منز پیش پوان کرنہٕ:۔

مولانا جامیؒ چھُ عربی تہٕ فارسی زبانٕ منز ٥٤ ہن بصیرت افروز کتابن تہٕ رسالن ہُند بہلہِ پایہٕ مصنف۔ اُمی سُند مقام چھُ نوٚمہِ صدی ہجری (پنداہمہِ صدی عیسوی) ہندین فارسی شاعرن تہٕ نثر نگارن منز سارِوے کھوتہٕ بلند تسلیم کرنہٕ آمُت۔ بلکہ چھُ ترٚیمہِ صدی پیٹھہٕ نوٚمہِ صدی ہجری تام گُزرمتین تمام عظیم فارسی شاعرن ہندس فکری تہٕ فنی رِوایتس شیخ سعدی یَس پتہٕ ہمہ گیر ترقی، تکمیل تہٕ بُلندی عطا کرنہٕ کِس بُنیادس پیٹھہٕ جامی صابس خاتم الشعراء تہٕ ناو کرنہٕ آمُت۔ دانشورن تہٕ سخن فہمن ہندِس سطحس پیٹھہٕ جامی صابس متعلق گنیمتہٕ اَمہِ مشترکہ تاثرُک تہٕ مجموعی حُسنِ ظنُک عکس چھُ شیری ناوِہ کِس شاعرُ سُند یہ شعر تہٕ پیش کران ؎

سعدی نہاد کاخِ سخن را بناء ولے
جامی بہ یُمنِ ہمتِ عالی تمام کرد!

٨١٧ ہجری سنس منز تولدُ سپدِتھ اکشیتھ وُرشہ بابرکت واُنسہ پتہٕ ٨٩٨ھ سنس منز رحمتِ حق سپدن وول حضرت جامیؒ چھُ آسمان ادبُک اکھ تیُتھ آفتاب



یَسند عِلم وفضلُک تہٕ فِکرٕ دفنُک احاطہٕ کرنہٕ خاطرٕ ہمعصر مورخن تہٕ قریب العصر تذکرٕ نویسن درجنہٕ واد اِعزازی ناو تھٔوِن چھِ یِمتیٚ۔ شخصی فضیلتہٕ کِس بنیادس پیٹھ وضع کرنہٕ آمتیٚن یِتھیٚن اِعزازی ناون تحت چھُ جامی صابس مسیحِ وقت، خورشیدِ حقایق، اِرشاد پناہ، مرجعِ اہلُ اللہ، صاحبِ اسرار، غوثُ الانامی، مُلاذُ الاسلامی، نورالدین، نخشرِ المتقین، نورالحق والحقیقت بیٚیہ حضرت مخدوم تہٕ ونہٕ آمُت۔ علمی تہٕ عرفانی فضیلتہٕ کِس اَتھی پسِ منظرس منز چھُ یہند ناد مولانا نورالدّین عبدالرحمان جامی علیہ الرحمہ ڈٕنتھ ہیٚنہٕ یِوان۔ حضِ جامیَس سٕنٛز اَمہٕ بیمانُک عقیدت وابستہٕ سپدنکی محرکات تہٕ وجوہات دٲیِران ہیٚکِہ اکھ بوٚڈ دفتر تیار سپد تھ۔ لہٰذا یِمن ییٚتہٕ لَس تھٕتھی ساری زاوِلی بحث مُچھ تراوِ ذیم نوٚمہِ صدی ہند علم پرور ایران یا کم ازکم شہرِ ہرات ساریٚے علمی تہٕ ثقافتی سرگرمی ہیٚتھ برٛزناونُک تقاضہٕ کرٕہَن۔ اَتھ سلسلس منز فقط کینٛژن اِشارن کامہ ہیٚنہٕ زٕنٛگ چھُ پیٚتیٚ وٕتُن کاٗفی زِ شہرِ ہرات اوس تیموری سلطنتس سٕتیٚ وابستہ میرزا شاہرُخ (۸۰۷-۸۵۰ھ) میرزا ابو سعید (۸۶۱-۸۷۳ھ) تہٕ سلطان حسین بایقرا (۸۷۷-۹۱۲ھ) ناوٕ کیٚن ترٕٛن اسلام شناس علم پرور تہٕ ادب نواز حُکمرانن ہندِس دورِ حکومتس منز اکھ مِثالی ولایت بنیومُت۔ خوش قسمتی کِنہِ بنیو وُنیہ شہر لچھ بدن صابہ دِلن عشقِ نبیؐ یک گاش بخشن وٲلِس مولانا جامی ناوٕ کِس ادبی آفتابس طلوع گژھنُک اصلی نبہ دوٚند تہٕ۔ حالانکہ مولانا جامیٚ سُند وٲلدِ بُزرگوار شیخ نظام الدین اوسنہٕ اَتیُک اصلی روزن دول۔ سُہ اوس یہِ سعادتمند تہٕ ارجمند فرزند ژھٔنہِ بیٚنہٕ بروٚنٹھ کیٚ کال اصفہانہٕ پیٹھ ہجرت کرِتھ جام ناوِچہِ تَتھ سریہ منز بستہٕ آمُت یوٚہ ۵۳۶ ہجری سنس دوران وفات لبن وٲلِس عظیم صوفی بزرگ تہٕ شاعر شیخ احمد جام ہندِ کِنہِ اکھ سٕٹھاہ مشہور تہٕ روٗحٲنی جاے بنیمٕژ اوس۔ شیخ الاسلامی، ژندہ پیل، شیخِ جام تہٕ پیرِ جام ناوٕ زانہٕ ییٚنہٕ وٲلِس شیٖیمہِ صدی ہجری ہندِس اَمِس بزرگس چھُ مولانا جامی تِتھے پاٹھی اظہار و بیانُک مرشد تہٕ مانان ادسمُت ییتھ پاٹھی حضرت شاہ ہمدانؒ صابٕ، سید علاء الدولہ سمنانیس یا علامہ اقبال مولانا رومیس مانان چھُ۔ پیٹھ چھُ اول الذکر بُزرگن ہندِ مشترکہ علاقٲیی تخلصکی پاٹھی یِم بعد الذکر بزرگ تہٕ رلہٕ وُن تخلص جامی کران اُسی یِتہٕ

دوں گوو اکثر پاٹھی احمد جام ناوس تحت عرفانی حلقن منز بھوو مقام بھون واٹس
اُمس بزرگس ستۍ کرٕتھ عقیدتمندی پتھے مولانا جامیس اُسمٕژ پننہٕ تخلصک وجہ تسمیہ
بیان کران یتھ تمیک اظہار سہ یتھ پاٹھۍ کران سہ

مولدم جام و رشحۂ قلمم — جرعۂ جام شیخ الاسلامی است
لاجرم در جریدۂ اشعار — بہ دو معنی تخلصم جامی است

امہ کتھ ہند مختصر ذکر تہٕ مثال کردٕ اُسی یتھ یہن بیش زٕ مولانا جامی سُند روحانی مرشد
شیخ احمد جام کمہ پایک شاعر تہٕ نعت گو چھ اوسمُت۔ گوڈٕ روزٕ شہر ہرات کِس تناظرس
منز یہ ونُن مناسب زٕ مولانا جامیؔ اوس آقاے نامدار صلی اللہ علیہ وسلمن ہنز غلامی
ہندی آداب تیچھنکہ بدولتہٕ اکہ تتھ عظیم المرتبت شخصیتک مالک بنیومُت زٕ وقتہٕ کین
پادشاہن تہٕ وزیرن تہٕ اوس اُمس کُن سر خم کرُن پیوان۔ چنانچہ اُسی سلطان حسین
بایقرا تہٕ تسُند وزیر اعظم امیر علی شیر نوائی پانہٕ اُمس نش حاضر خدمت سپدان تہٕ درپیش
مشکلاتن متعلق اُمس مردِ قلندرس مشورہ پرٛژھتھ رہنمائی لبان۔

یمو اولین اہم تذکرہ نگارو تہٕ ادب شناسو مولانا جامی ہندین حالاتن، کمالاتن
تہٕ ارشاداتن پیٹھ اظہار خیال کرُن پننُ ڈیکہ بجر زونمُت چھ تمن منز تہٕ چھ وزیر اعظم
امیر علی شیر نوائی سرفہرست اوسمُت۔ سہ چھ مولانا جامیس پیٹھ زٕ کتابہٕ مجالس النفائس
تہٕ خمسۃ المتحیرین لیکھان۔ نوائی یس علاوہ چھ مولانا جامی ہندی حالات وکمالات قلمبند کرن
والین تذکرہ نویسن منز روضات الجناتک مصنف معین الدین اسفزاری، حبیب السیرک
مصنف خواند میر تذکرۃ الشعرائک مصنف دولت شاہ سمرقندی مجالس العشاقک
مصنف سلطان حسین بایقرا ریاض الشعرائک مصنف والہ داغستانی تحفۂ سامیک
مصنف میرزا سام مجالس المومنینک مصنف قاضی نور اللہ شوشتری تہٕ تذکرۂ میخانک
مصنف ملا عبد النبی فخر الزمانی خاص پاٹھۍ قابل ذکر۔ بہ کرہ ییتہٕ نس نمونہٕ خاطرٕ صرف
نوائی سند مجالس النفائسک اکھ تعارفی اقتباس ترجمہ کرِتھ پیش:۔

"سہ آفتاب ییٛمہٕ سوٕنچن نزٛدایہ ہند تاپھ زمانس تہٕ جہانس پژ زلاوان چھ۔ تیٛمہٕ
عرفانک پرتو چھ یمہٕ زمانہٕ کین لوکن اکہ لا انتہا بصیرتک باعث بنیومُت۔ بصیرتک

یہ آفتاب مولانا نورالدین عبدالرحمٰن جامیؒ چھُ فصاحت و بلاغتُک اکھ تیُتھ سمندر یتھ
باسان ییٚندِس طبیعتس منز پروردہ گامتی سرجانہٕ تہٕ سوختہٕ انبار ہم عصرن پرتھ فنیٚچ
نادٲری کاسنکی ضامن چھ۔ تِہندِ پرنوردِلہٕ سنزہ دہٕ تلیمتین دلنواز شعرن ہنز معنویت
روز تا ابد قایم۔ تکیاز یم شعر چھ فنی لحاظ انتہائی مارٕ مُندی تہٕ معنوی لحاظ انتہائی
دلکش توے چھ تم بوزان بوزانی دِلن پیٹھ نقش گژھان۔ بلکہ چھُ تم لوٗزِتھ اکھ سخن فہم
عرفانی تجربن ہندِس خاص نوٗرس منز ولنہٕ یوان"۔ مولانا جامی یِس پیٹھ یمن عظیم فارسی شاعرن
ہُند خاص اثر پیومُت چھُ تمن منز چھ حکیم سنائیؒ، شیخ عطار، مولانا رومی، نظامی گنجوی، شیخ
سعدی، امیر خسرو تہٕ حافظ شیرازی خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یمن عظیم شاعرن ہندِس ادبی
ریوایتس پانناوِنۍ، اَزٕ تھراوِنۍ تہٕ برونہہ پکناونۍ کوشش کران یم شاہکار تصنیفہٕ مولانا
جامی بارسس چھُ انان تمن منز چھے سلسلۃ الذہب، نفحات الانس، یوسف وزلیخا
بہارستان، لوایح، لوامع، شواہدُ النبوت، خردنامہٕ اسکندری، تحفۃ الاحرار، سُبحۃ الابرار۔
لیلیٰ ومجنون، خردنامۂ اسکندری، رسالۂ عروض وقوافی تہٕ رسالۂ موسیقی شامل۔ یمو علاوہ چھُ
اکھ ضخیم دیوانِ غزلیات یُس قریباً ہہن ساسن شعرن پیٹھ مشتمل چھُ۔ ییٚتہٕ مولانا جامی
نظامی سندی پاٹھۍ اکھ یادگار پنج گنج لیکھان چھُ تتہٕ چھُ سُہ امیر خسرو سندی پاٹھۍ پنُن دیوانِ
غزلیات فاتحۃ الشباب، وسطۃ العُقد تہٕ خاتمۃ الحیات ناوکین ترین حصن منز باگران۔
مولانا جامی سندین ذاتی وہٕ ستادن منز چھ شیخ سعدالدین محمد کاشغری تہٕ قاضی زادہ رومی
خاص پاٹھۍ قابلِ ذکر۔ یمن نِش صوفیانہ طرزِچ روحانی تربیت حاصل گژھنہٕ پتہٕ چھ مولانا
جامی خاص عبادات وریاضات کرنکہٕ بدولتہٕ نقشبندی سلسلس منز رشاد تہٕ کس انتہائی
تھدِس مقامس تام واتان۔ شیخ سعدی سندی پاٹھۍ چھ بہارستان لیکھنہٕ برونٹھ مولانا
جامی ہم عصر عالمِ اسلام کین واریاہن اہم ثقافتی مرکزن ہنز سیاحت کران۔ خاصکر تھ
چھ تم دمشق (ملک شام) بغداد (ملکِ عراق) سمرقند (ترکستان) تبریز تہٕ غزنوی
(افغانستانس) منز کینژس کالس قیام کران۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ مکہ شریف تہٕ مدینہٕ
پاک گژھنہٕ کِس تِہندِس حجس تہٕ سفرِ محمودس متعلق روح پرور واقعاتن ہُند ذکر خاص
مختلف نوچھاتن تحت مشہور اسی تھے۔

مولانا جامی ہندِن دستیاب تقریباً پانژہن ساسن شعرن ہندِس بیشتر حصن منز چھےٚ نعت گوئی ہنز اکھ بے مثال زیرین لہر ییٚنہٕ موجودگی ہند باس دِوان، ویسے کلّہم کلیاتِ جامی پرٕتھ چھُ ننان زِ اُمی عظیم شاعرن چھےٚ تِمن اہم صنفن منز باضابطہ نعت گوئی کرٕمٕژ۔ تِم صنفہٕ چھےٚ ترجیع بند، ترکیب بند قصیدہ، غزل، مثنوی تہٕ رباعی۔

صنفہٕ وار نموٗنہٕ پیش کرنہٕ برونٛہہ چھُ جامی صابنہٕ مجموعی نعت گوئی متعلق تقابلی غرضہٕ ہُتےٚ ونُن کافی زِ یِتھہٕ پاٹھۍ امام بوصیری ہندِ نعت عربی عوام کِہن دِلن منز عشق رسوٗلکۍ نقش کھنٛنس منز کامیاب گےٚ، تِتھےٚ پاٹھۍ گےٚ مولانا جامی ہندِ والہانہ، شیرین تہٕ پرسوز نعت براعظم ایشیا کِس اُکِس وسیع زِ سطحس پیٹھ کرورٕ بدٕہن دِلن عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیٚچھناونس منز کامیاب۔

مولانا جامیس چھُ تمام عظیم فارسی شاعرن منز یہٕ امتیاز حاصل زِ تٕمۍ چھُ نعت گوئی منز اُکِس نہرل تہٕ تستعلیق جمالیاتی اظہارس بارسس انان تہٕ آیندٕ نسلن ہند خاطرٕ تِتھ فنی شعوٗرٕ چہ پختگی سان اکھ مثالی نموٗنہٕ (ماڈل) بناوان۔ یوٗدوَے نہٕ عقیدتی شاعری ہندِ ارکانِ ثلاثہ یعنے مناجات، نعت تہٕ منقبت ونِنس منز ہوٗوے اُستادانہٕ کمال ہاوان چھُ مگر مناجاتس تہٕ منقبتس منز چھُنہٕ تس تیُتھ امتیاز حاصل ییُتھ امتیاز عامس کیٚنٛہہ ماصس واُنجہِ گاش عطاکرن والِس تٕہنٛدِس نعتس باگہٕ آمُت چھُ۔ کٲشُر ہندِن شاعرن چھےٚ حضرت جامی ہنز نعت گوئی خصوصیتہٕ سان عشقِ رسوٗلکۍ آداب ہیٚچھناون واُجنۍ اکھ تربیتہٕ اوتن جی ثابت گامٕژ یوسہٕ قرآنِ حکیم کِہن پُر نور لفظن تہٕ شرعِ محمدی کِہن تقدیرساز رمزن ہُندِ عرفان بخشنہٕ علاوہ تِہندِ ضمیرہٕ کِہن صدی وادن دیمتِین اُندٕرٛہن تہٕ ورگہٕ باوتھ کران چھےٚ۔ تہٕ اُمی خصوصیژ کِنۍ چھےٚ فارسی نہٕ زانن والین کٲشرن تہٕ جامی صابنۍ نعت گوئی نہٕ فقط ہُندٕریمٕژن واُنجن وُڈھ ہیوٗژ لہ ناوان بلکہ بیمار اَرزدین تہٕ پُرامید اوٚشتی وانہٕ سنی عنسلِ صحت کرناوان۔ لہٰذا چھُ لازمی باسان زِ مولانا جامی ہندِن مختلف الاصناف نعتیہ اظہارن ہندِ کیٚنہہ نموٗنہٕ پیش کران کران یِن کٲشُر ہندِن کیٚنژن اثر پذیر شاعرن ہندِ کلامکۍ مختصر نموٗنہٕ تہٕ مقالُک حصہ بناونہٕ۔ بلکہ مایژن منےٚ کٲشُر منز انتہائی مقبولیت لبِنتھ وِردِ زبان بنیمتین ستن آٹھن نعتن ہندِ تِتھۍ شعر تہٕ صحیح ستن ہنتھ پیش کرٕنۍ

یمن منز. وار یاہ عالمن تہ غلطی ہُند ارتکاب کران چھ۔ یہ اقدام چھ تمن اشارن تا خود اصلاحی ہنز تحریک دنہ خاطرِ ضروری باسان۔

مگر امہِ اقدامہ برونٹھ پچھنے یمہ کتھ ہنز. واقفیت بہم کرنی تہ ناگزیر باسان زِ کلہم پاٹھی کیا نظریہ تہ عقیدہ چھ مولانا جامیس شاعری متعلق اوسمُت۔

گویا اگر امہِ یہ زانن آسہ زِ مولانا جامی سنز. شاعری ہُند حاوی موضوع کیا چھ؟ تہنز محبوب ترین ہیئت یا شعر ذات کو سہ پچھنے؟ تہ تم کمہ قسمچہ فنی صنعتہ (CRAFTS) (MANSHIP) ہندی روا دار چھ؟ یمن ترشوٗنی سوالن ہُند جواب چھ مولانا جامی سندہ تہہ دار تہ بلیغ شعرن منز دِوان مثلاً شاعری ہندس حاوی موضوعس تہ پسندیدہ ہیئتس یا صنفس متعلق تہند یہ شعر

دم از سادہ رویانِ رعنا زدم — غزل را زمہ خیمہ بالا زدم

حاوی موضوعس واضح کران چھ تم سادہ رویان ترکیبہ یہ ڈنتھ وڑھنے کران زِ تہندی محبوب شاعرانہ کردار چھ آنحضورؐ تہندی آل واصحاب تہ جان نثار غازی۔ یمنے ہندس ذکرس چھ سُہ پننہِ شاعری ہنتھ پان وندان تہ ونان ؎

بہ صدق وصفائے توان گشت جامی
غلام غلامانِ آلِ محمدؐ

اتھ موضوعس یا یمن کردارن ہنز. پاکیزہ تہ سادہ زندگی لل کھوٗل کرنس پچھنے مولانا جامیس زیادہ برابری غزل صنفہ سنزے آمرتوے چھ ونان ؎

زدم عمرے از بے مثالان مثل
سرودم بہ وصفِ غزالان غزل

مشہور اُردو غزل گو میر تقی میر سُند یہ شعر چھ جامی صاحبنہِ امی شعرک عکس باسان :۔

گئی عمر دربندِ فکرِ غزل — سو اس فن کو ایسا بڑھا کر چلے

مولانا جامی کیاز چھ بحیثیت اکھ ملی شاعر یمنے پاکیزہ کردارن حاوی موضوع بنادنس لایق زانان تمیک اصلیت چھ سُہ خلفائے راشدین ہندی اسمائے گرامی اکہ اکہ کنز راوتھ

یتھ پاٹھو ونان :-

خاصِ آلِ پیمبر و اصحاب
کز ہمہ بہتر اند در ہر باب

وز میانِ ہمہ نبوُد حقیق
بہ خلافت کسے بہ از صدیق

وزپے او نبود ازاں احرار
کس چو فاروق لایقِ این کار

بعدِ فاروق جُز بہ ذوالنورین
کارِ ملت نیافت زینت وزین

بود بعد از ہمہ بہ علم و وف
اسداللہ خاتم الخلفاء

رضی اللہ عنہم از سوے حق
بہر ایشان بشارتِ مطلق

مولانا جامی چھُ تہندین خصوصی تہٕ امتیازی اوصافن ہنز۔ فضیلت یتھ پاٹھی تہٕ فہم کرناوان :-

بہ تخصیص آنان کہ بے تخت و تاج
گرفتند از تاجداران خراج

یکے ثانی اثنین در کُنجِ غار
کہ چون مار شد ناوکِ جان شکار

دویم آنکہ از سکۂ عدلِ اوست
کزین گونہ دنیا و دین سرخروست

سوُم شرمِ گیتی کہ شد بے قصور
ز شمعِ نبوت نصیبش دُو نور

چہارم کہ آن ابرِ دریا نثار
نم او کرم، برقِ او ذوالفقار

وون اگرچہ ژھین آسہٕ زِ مولانا جامی کمن فنی صنعژن تہٕ زاوِ جارن چھُ مرغوب

تہٕ کمن چھُ نامرغوب زانان تمیک عرفان چھُ سُہ یمین لفظن منز بٲگران :-

خوش آید در سخن صنعت ز شاعر لیک نے چندآں
کہ آرد دور کمالِ معنیٔ مقصود نقصانش

خیالِ خاص باشد خال روئے شاہدِ معنیٰ
چو خال اندک فتد بر رُخ دہد حسن فراوانش

وگر گیرد ز بسیاری ہمہ رخسارِ شاہد را
میانِ سادہ رخساران سیہ روئی رسد زانش

یہے فکری تہٕ فنی نظر ز ہر لحظ ملحوظِ نظر آسنکہ بدولتہٕ چھُ مولانا جامی فنِ شعرس فنِ شریف

بناوِتھ میوٚکمُت بلکہ چھُ تِمَن پتہٕ امتیاز کہ پزریہٕ اعتماد سان باوِتھ ہیوٚکمُت زِ :-

من آن نیم کہ زبان را بہ ہرزہ آلایم
بہ مدح و ذمِ خساں نوکِ خامہ فرسایم

فکری سطحس پیٹھ امہٕ قسمُک تقدس تہٕ احتیاط ورتاوَن وول جامی صاب چھُ فنی سطحس

پیٹھ لفظن ہنز ژارِ تہٕ داخلی موسیقی تہٕ برتہٕ تہٕ پاٹھی منان اوسمت۔ نہٕ تہٕ ہیکہٕ ہے نہٕ یہ کتھ

ڈنتھ سے

نظم را حسنِ صوت مے باید — تا ازاں حسن او بیفزاید

مولانا جامی چھ پننہ شاعری ہنز کینہہ پھیر ہاو تہ خصوصیژ یمہ آیہ تہ بیان کران :-

ہست دیوانِ شعرِ من اکثر — غزلِ عاشقانِ شیدائی
یا فنونِ نصائح است و حکم — منبعث از شعور و دانائی
ذکرِ دونان نیابی اندروے — کان بود نقدِ عمر فرسائی
مدحِ شاہان درو بہ ایں دعاست — نہ زِ خوشی خاطری و خود رائی
ہیچ جا نبود آں مدائح را — در عقبِ قطعۂ تقاضائی

یتھ حصس منز ییتہ مولانا جامی ہنز غمناک عشقیہ باوژ ہندی مختلف نمونہ پیش کرنہ علاوہ تہنز امتیازی نعت گویی ہندی مختلف پہلو نشاندی سنز انہ ین تتہٕ ییہ ضمناً تسنز نعت گوئی ہندس اثرتہ ہاوہ ییس علامہ اقبالس علاوہ کشیرِ ہندین کینژن اہم شاعرن پیٹھ پیومت چھ۔

مولانا جامی ہندِ پر نور سینک عاشقانہ تلاطم شاعرانہ اندرونک ترنم تہ فنکارانہ جمالیاتک تکلم چھ تہندس نعتیہ اظہارس منزے انتہائی عروجس تام واتان۔ انھ اظہارس چھ حسنِ آنحضرت ﷺ خور آسنہ کنہ زمینی وجودس آسمانی وردن پاٹی پانے ییژنہ یوان۔ نہ زن گو حقیقی عشقک پوز اظہار آسنہ کنہ چھ انھ قرآنی آیاتن ہنز والبتہ محکماتی حرفو علاوہ متشابہاتی اشارتن ہندِ پر اسرار خلعت تہ پلئے ولنہ یوان مثلاً یمن کینژن تغزل پرور شعرن منز :-

آنکہ بر سرِ افسرِ اقبالِ سرمد است — سر در رہِ محمد ﷺ و آلِ محمد ﷺ است
فرزندِ کاف و نون اند افرادِ کائنات — احمد میانِ آں ہمہ فرزندِ امجد است
مدے کہ ہست بر سرِ آدم علامتے — زاں میم و دال داں کہ قدم گاہِ احمد است
دندانِ سینِ سنت و شینِ شریعتش — دندانۂ کلیدِ بہشتِ مخلد است

روح پرور تغزل تہ ترنم چھ یتھین تخاطبانہ شعرن منز بییہ ین کاڈ کڈان :-

اے واضحی والضحیٰ جبینت — واللیل نقاب عنبرینت
طاہا درفے زِ داستانت — یٰسین علمے بر آستانت

توصاحبِ کانِ کُنتُ کنزاً — اعیانِ رُسل قراضہ چینت
چوں بر تو خدائے آفریں گفت — جامی چہ سزائے آفرینت!

اَمہِ طرزک نعتیہ اظہارک اثر چھُ کینژ و علم و فضل والیو کاشُر یو شاعرو بڈ سنجیدگی سان قبوٗل کوٗرمُت مگر اَمہِ قبولِ اثرُک حق چھُ یژ نہٕ پاٹھۍ فقط دہ یو ترے یو شاعرو ادا کرِتھ ہیوٗکمُت یِتھین خوش نصیب فارسی گو کاشرین شاعرن منز چھُ مولانا احمد باہہالی ہُند ناو سرِ فہرست تھوٗن لایق۔ یہِ کتھ چھُنہٕ بہٕ کُنہِ جانبداری یا علاقائی رشتس تحت ونان بلکہ بمصداق "عطر آنست کہ خود ببوید" چھ تہند تمہٕ نعتکو فقط کینہہ شعر پیش یوان کرنہٕ یُس ونان ونانی مولانا احمدس آنحضورن ہُند جلوٗ نصیب سپدنُک واقعہٕ مشہور چھُ تہٕ یُس نعت از تہٕ کینژ ہنزن بیشتر مسجدن منز درودِ حضورس ہیتی پرنہٕ چھُ یوان۔ مولانا جامی ہندِ پاٹھۍ قرآنی ارشاداتن ہُند تلمیحاتی ورناو کرن والہٕ تمہٕ نعتکو کینہہ شعر چھِ یم :-

سیدا روئے والضحیٰ داری — موئے واللیل اِذا سجیٰ داری
طائے طاہا طرازِ خلعتِ تو — وز مُدثرِ مہین ردا داری
یائے یٰسین کہ یاسمن بوئیست — گُلِ دستارِ خوشنما داری
لن ترانی نصیبِ موسیٰ بود — احترامت لقد رأیٰ داری
نقشِ نصرٌ من اللّٰہ بہ نگین — وز فتحنا بکفِ لوا داری
بہ قرآنے کہ وحیِ تنزیل است — بہ معاجز کہ بے حصا داری
بہ شبِ قدر و لیلۃ المعراج — بہ وصالِ کہ با خدا داری
روئے زیبا نماکہ مشتاقم — قسم ذاتِ کبریا داری
مسِ قلبم بہ یک نظر زر کن — کان نظرِ ہیچو کیمیا داری
بہ ابوبکرؓ و عمرؓ و عثمانؓ — بہ علیؓ آنکہ مرتضیٰ داری
پادشاہا بہ حالِ ما نظرے — کہ عنایت بہر گدا داری

مولانا جامیس کتھ حدس تام چھُ اَمہِ طرزکہٕ نعتیہ اظہارک فیضان پننس مقامی مُرشد احمد جام صابس نِش حاصل سپدمُت بیتہٕ بعضے جامی تخلص ورتاوُن دول

## نعتیہ ادب

یہٕندِ سہ پیشر وکمہ اعلیٰ پایک نعت گو چھ اوسمت تمیک نمونہ ہاونہ خاطر چھ تہندِ اکہ مشہور نعتکہ فقط یم شعر پیش یوان کرنہ ۔

والضحیٰ لمعۂ خدمت دیدم — قم فانذر سہی قدمت دیدم
عرش وکرسی وآسمان وزمین — ہمہ زوارِ مرقدمت دیدم
جامی از شوقِ ہر نفس گویا — یا محمد محمدت ــــــــ دیدم

اتھ مشہور نعتس چھ کشیرِ ہندِ کینژو مشہور شاعرو کاشرس منز ترجمہ کرنک
یا جواب لیکھنک تمنا ہینہٕ استعدادٕ موجب تشکلو ومت مثلاً محمود گامی یمہ آیہ:۔

ژیے حبیبِ خدا دیان وُچھے — حوٗرِ درخلد دنہ وان وُچھے
روے پاکٕکی صفت کری ذاتن — سورۂ شمس در قرآن وُچھے

یا امیر شاہ کریری یتھ پاٹھۍ :۔

یا رسول تھوٗ دژے قدر وشان وُچھے — صدر بر قدرِ دو جہان وُچھے
رحمتچ خاصہ چھتر ارسلناک — عالماہ زیرِ سائبان وُچھے

اتھ کتھ کُن ییہ بٔھویہن اشارہ کرنہ زِ مولانا رومی تہ شیخ سعدی ہندی پاٹھۍ
چھُ مولانا جامیس تہ عربی زبٲنۍ پیٹھ اُستادانہ عبور تہ کمال حاصل اوسمت۔ ییٚتِ نس
چھُ نعتن کاشُر ترجمہ کرنُک سلسلس منز یہ دنُن دلچسپ باسان زِ محمود گامی تہ
امیر شاہ کریری ہندِ کھوتہ کہیا بہتر ترجمہ چھُ مولانا ثناء اللہ کریری دُعاۓ صبحس منز
پرنہ ینہٕ وٲلس تتھ نعتس کران ییمیک مطلع چھُ ؛

اَنِلت یا ریحَ الصبا یَوماً الیٰ اَرضِ الحرم
بلغ سَلامی روضۃً فیہا النّبی المُحترم

ثناء اللہ صٲبن ترجمہ چھُ ۔

ہا داو داتکھنا نوٗتے ییتہٕ ڈایھ تراوتھ مصطفیٰ
احوال میانی تس ونکھ سٕے ہو کریم دادن دوا

ثناء اللہ صٲبنس اتھ اظہارس منز چھے مولانا جامی ہندِ ییمہٕ شعرچ صداے بازگشت
تہ کنن گژھان ۔

نسیما جانب بطحا گذر کن
ز احوالم محمدؐ را خبر کن

مولانا جامی چھُ پانہٕ تہٕ نعت گوٕیی ہندِس معاملس منز پننین شیخ سعدیؒ تہٕ امیر خسروؒ
ہوٕین روحانی مرشدن پیٹھ ہیوٗ استفادٕ کران مثلاً استادِ غزل شیخ سعدیؒ یہ چھُ
آنحضورن ہند مدح خوان بنتھ اَکس مختصر قصیدس منز پننُن خراج عقیدت یتھٕ پاٹھۍ
پیش کران :-

| | |
|---|---|
| ماہ فرو ماند از جمال محمدؐ | سرو نباشد بہ اعتدال محمدؐ |
| قدر فلک را کمال و منزلتے نیست | در نظرِ قدرِ با کمالِ محمدؐ |
| آدمؑ و نوحؑ و خلیلؑ و موسیٰؑ و عیسیٰؑ | آمدہ مجموع در ظلالِ محمدؐ |
| چشمِ مرا تا بخواب دید جمالش | خواب نمے گیرد از خیالِ محمدؐ |

مولانا جامی یہ چھُ فخرٕ اَتھی بحرس تہٕ لفظس کام ہیتھ بہن بندن تہٕ ۹۶ شعرن پیٹھ
مشتمل پننُن سارُوے کھوتہٕ سرس نعتیہ ترجیع بند لیکھان۔ تمیک یہ ستم بند چھُ
شیخ سعدی ہند اظہارُک ہوبہو عکس باسان :-

| | |
|---|---|
| ماہ بود عکسے از جمال محمدؐ | مشک شمیمے ز زلف و خالِ محمدؐ |
| در چمن فاستقم قدم ننہادہ | سرو ولے بہ اعتدالِ محمدؐ |
| حرف شناسانِ نقشِ کلک قدم را | صد مدد آمد ز میم و دالِ محمدؐ |
| یافت چوں روے بتان ز خالِ معنبر | دین ھدیٰ زینت از بلالِ محمدؐ |
| روزنہ بکشا کہ تافت بر ہمہ عالم | پرتو خورشید بے زوالِ محمدؐ |
| دست بدامانِ آل زن کہ نباشد | جز بہ محمد مآلِ آلِ محمدؐ |

کاشرِ زبانۍ مختلف طریقو مالامال کرن وول محمود گامی تہٕ چھُ اَتھ نعتیہ
اظہارس لوٗلہٕ متہٕ لاے کرِتھ اَتھ ترجیع بندُک اہتمام کران مگر وُچھک شعرن
لاگنہٕ کنہ چھُ سُہ اَتھ ہیئتِ غزلچ اکھ سونہاری کرنکہ ہانکل بناوان۔ بطور ثبوت
چھِ اَتھی بحرس منز "محمدؐ" ردیف بناوِتھ محمود گامی ہندِ ین پانژن فارسی نعتن ہندی
یم مطلع پیش :-

## نعتیہ ادب

| | |
|---|---|
| ۱۔ ما تحفہ چہ سازیم بہ ارسالِ محمدؐ | صل اللہ علیہ و علیٰ آلِ محمدؐ |
| ۲۔ شد جان و دلم والہ و شیدائے محمدؐ | در دیدہ کشم خاکِ کفِ پائے محمدؐ |
| ۳۔ موجود شدہ از قدم آن ذاتِ محمدؐ | وز عرش بلند رفعت و درجاتِ محمدؐ |
| ۴۔ خورشید بدان ذرہ ے از روئے محمدؐ | محراب ہمہ قدسیاں ابروئے محمدؐ |
| ۵۔ کونین ہویداست ز انوارِ محمدؐ | خورشید خجل گشت ز رخسارِ محمدؐ |

نعت گوئی منز پننین پیشرون اَمہ قسمک استفادٕ کرنک مثال چھنے شیخ سعدیؒ ہوس بزرگ شاعرس نش تہ میلان۔ چنانچہ تمیُس مختصر ترین تہ مقبول ترین ژُ مصرعی عربی نعت ییٚنہِ گلستان ناوچہ کتابہ منز ڈیکہٕ بنومُت چھُ سہ

بلغ العلےٰ بکمالہٖ
کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ
صلوا علیہ و آلہٖ

سُہ نعت چھُ براہِ راست امام یافعیؒ سِندس اُکس ہتس تہ شیتھن بندن پیٹھ مشتمل نعتس منز شامل اکہ بندکین لفظن ہند فقط پس و پیش یا تقدیم و تاخیر ہاون وول مکمل عکس باسان۔ امام یافعیؒ سِند زیٹھ نعتک سُہ بند چھُ یتھ پاٹھو سہ

بکمالہٖ بلغ العلےٰ
بجمالہٖ کشف الدجےٰ
بقدومہٖ زال الوبا
صلوا علیہ دائما

مولانا جامیؒ چھُ مشہور پیشرون استفادٕ کرنک سودٕ ویم ینہ تہ نعت گوئی منز پانہ ناوان ییتھ تحت کانہہ قصیدٕ گو ہنز ورتاوٕ چ بحر تہ مثنوی خاطرٕ ورتاونہ چھنے یوان۔ مثلاً ژُورمہ صدی ہجری ہندس منوچہری سُند یُہ شعر دِتھ شروع گرٕ ھن دول قصیدٕ سہ

| | |
|---|---|
| الا یا خیمگی خیمہ فرو ہل | کہ پیش آہنگ بیروں شد ز منزل |

نمازِ شام نزدیک اوست اِمشب | مہ وخورشید را بینم مقابل

مشہوٗر مثنوی یوسف وزلیخا اُتھی بحرِ منز دنن وول مولانا جامی چھُ عالمی شہرت بن وول سُہ نعت امی طرزِ تخاطُب سان آنحضورصؐ کُن وَنان:

زِمہجوری برآمد جانِ عالم | ترحم یا نبی اللہ ترحم
نہ آخر رحمتہً للعالمینی | زِ محرومان چرا فارغ نشینی
زِ خاک اے لالۂ سیراب برخیز | چو نرگس خواب چند از خواب برخیز
بروں آور سر از بردِ یمانی | کہ روئے تُست صبحِ زندگانی
شبِ اندوہِ مارا روز گردان | زِ رُویت روزِ ما فیروز گردان

بدہ دستے زِ پا اُفتادگاں را | بکن دِلداریے دلدادگاں را
اگرچہ غرقِ دریائے گُناہیم | فتادہ خشک لب بر خاکِ راہیم
تو ابرِ رحمتی آں بہ کہ گاہے | کُنی بر حالِ لب خشکاں نگاہے

یہ بحر گژھ اہ سازگار چھُنے مولانا جامیس نعت گوئی خاطرٕ باسان تمیُک ثبوٗت چھُ اتھ منز ژورو کھوتہٕ زیادٕ نعت ڈٔنتھ دِنہٕ آمُت۔ چنانچہ چھُ سُہ مشہوٗر نعت تہٕ اَتھی بحرِ منز یُمیُک مطلع صُبحہ کِس واوس وکیل بناوِتھ وَنان سہ

نسیما جانبِ بطحا گزر کُن
زِ احوالم محمدؐ را خبر کُن

بێیو کینژو کاشرو شاعرو علاوٕ چھُ یُمیُک مشہوٗر نعت گو عبدالاحد نادم اَتھ نعتس اَمی طرزِ تخاطب سان تضمین لیکھنچ کوشش کران تہٕ وَنان:۔ سہ

ژٕ نے اے بادِ صبا طاقت ہبا چھُے | شبا دانکھ جزا ضایع نہ با چھُے
ژٕ جبہٕ دست بتہٕ گژھ ھتہٕ راہی | دنِس آہستہ آہستہ کماہی
شہنشاہا شفاعت دستگاہا | کران چھُے عرض کوشُر عذر خواہا
زِمہجوری برآمد جانِ عالم | ترحم یا نبی اللہ ترحم

والہانہ عشقِ رسولس باوتھ کرن واجنہِ مولانا جامی بنیز۔ ممتاز نعت گوئی چھنے محمود گامی تہٕ عبدالاحد نادم ہندی پاٹھی ہیٚتہٕ بدٕن شاعرن ہندس تخلیقی شعورس تہٕ عشقیہ اظہارس کاڈ کڑ ناوان۔ دراصل چھِ عشقِ رسولکس اُمس شہہ ڈُنگہ ہندہِ شاعرانہ تجربکی پرجانہ دُرج تہٕ موخنہ ٹھُٹلو دردٕ سوزٕ والین جمالیاتی اظہارس پرتھ کانہہ پرٕ گی ژٕلنا وان تیکیاز ژکہ چھُ عشقک یہ ترجمان درد و غمہ سیٚتہ شادمانی ہُند موٗلُل سرمایہ زانان۔ اَتھ موٗلُل سرمایہ زاننک برجستہ اظہار چھُ خود محبوٗبس تھی تہٕ کران۔ مثلاً یتھ پاٹھی ؎

| | |
|---|---|
| اے غمت تخم شادمانی ہا | وصلِ تو اصلِ کامرانی ھا! |
| کردہ ام گُم بہ کوے عشق دِلے | بروے از داغ تو نشانی ھا |
| نکتہ جویان عشق راشرطاست | سادہ بودن زنکتہ دانی ھا |
| بُقعہ خیر ماست گوشۂ غم | لیس فی الکائینات ثانی ھا |

مگر عشقہٕ غم حصہ یُنے چُھنہٕ کانٛہہ اَمہِ غمہٕ نِشہٕ تمنّعُ گیرتہٕ لذت پذیر سینُکُ ولوہارتہٕ اظہار یتھیُن چھُ حقیقی سعادتمندی بخشان۔ یِہے سعادتمندی چھنے مولانا جامین وٕنہٕ ناوان :۔ ؎

| | |
|---|---|
| مرا شد جامۂ جان از غمت چاک | بیا اے آرزوے جانِ غمناک! |
| نہ رفت از لوحِ دل نامت اگرچند | زلوحِ آب و گِل شد نقشِ من پاک |
| نہانے ہر شبے آیم بہ کویت | گریبانے دریدہ دامنے چاک |
| گہے از درد ریزم خاک برسر | گہے از شوق مالم روے برخاک |

طاق مصرعن منز وٕدہ تلاوٕنہٕ آمُت غمِ عشقکُ ولوہار تہٕ جُفت مصرعن منز اُمیٚنکُ اظہار چھُ عقلہِ مقابلہ مزٕ پڑاونکُ جواز محسوٗس کرناوان۔ یُوہے جواز چھُ خود جامی صابس مولانا رومی ہندی پاٹھی مادی تعلقاتن ہُند ژھر پرٕ تہٕ بے دفایی ہاوِتھ غمِ عشقس یامژرس مے گُلرنگ ناوکرناوان تہٕ اتھ عقلہِ بیٹھ یِمہ آیہ ترجیح دیاوٕ ناوان: ؎

| | |
|---|---|
| من اے ساقی نہ آنم کز مے گلرنگ بگریزم | مے گلرنگ دہ کز عقلِ پُرنیرنگ بگریزم |
| چنان در پردۂ دل اُنس شد با نغمۂ دردم | کہ خواہم از صداے عود و صوتِ چنگ بگریزم |

بیلہِ اُکس عاشقِ رسول سُند عشق تہٕ غم باہم اَکھ واس کرِتھ وجد آفرین رقص کرُن چھُ

ہپوان۔ تیلہٕ چھُ یقیناً حوٗر تہٕ ملک ہتھ کُل عالمس وجد طارٕی باسان۔ یِژھی روح برور پاکیزٕ ہکیتھ ہند باس چھُ مولانا جامی ہندہن یتھین عاشقانہٕ شعرن پرٕتھ تہٕ لگان:-

| | |
|---|---|
| اے دل و دیدہ ہر دو خانۂ تو | سر من خاکِ آستانۂ تو |
| ہمہ تن گوش مے شوم از عشق | ہر کجاے رود فسانۂ تو |
| ہر کسے خوش بہ گوشۂ طربے | من و غم ہاے بیکرانۂ تو |
| جامیا بوے درد مے آید | از غزل ہاے عاشقانۂ تو |

نیم جلوچ یہ کیفیت چھ واسن بیٹھ طارٕی گژھنہٕ پتہٕ یِلہٕ اُرزٕوین ہندٕ رقص روحس وٕدٕسنس انان چھُ اُتی چھےٕ مولانا جامی ہوس عاشق صادقس تہٕ ابتدا لچہ رکنہٕ گژھنہٕ ہپوان تہٕ سُتہٕ چھُ تغزلہٕ کس تھزٕرس واتتھ نعتیہ اظہارس منز یتھی ہوی شعر وَنتھ گژھان :-

| | |
|---|---|
| روُحی فداک اے صنمِ ابطحی لقب | آشوبِ تُرک و شورِ عجم، فتنۂ عرب |
| ہر کس نیافت جُرعۂ از جامِ وصلِ تو | زین بزمگاہ تشنہ جگر رفت و خشک لب |
| تا زلف و تو نسبت و رخت آفتابِ چاشت | واللیلُ والضحیٰ ست مرا وردِ روز و شب |

بلکہ چھُ اَمہٕ قسمک عشقہٕ مزٕ طارٕی گژھنہٕ پتہٕ جامی صاب پرٕتھ ہشہٕ کیتھ تہٕ وُنتھ گژھان:-

| | |
|---|---|
| اے بُرخت ہر نفس مہرِ دلِ ما فزون | وجہک شمس الضحیٰ نحن لہٗ عابدون |
| ابرو و قدِ تو شست صورتِ "نون والقلم" | نقشِ خطِ دلکشت معنیٔ ما یسطرون |

یِلہٕ مولانا جامی یہ آنہٕ تقدس و بزرگی عشقِ رسوٗلک اظہار کران کران اَمہٕ قسمکہ ابتدائک مزٕ نکب سپدتھ ہُکیہٕ تیلہٕ کیاہ چھُ تہندین مریدن ہندس مُرید رسول میرس پُش یہ حال مقابلتاً اَتھ وَنہٕ منز اکھ نوآموز چھُ تہٕ یُس اکہ نیم جلوک منظر نامہ یمہٕ آیہٕ پیش کرُن چھُ ہپوان

| | |
|---|---|
| زِ سلّہ از آم دلبر الحمد للہ | دوتم سُہ دربر الحمدُ للہ |
| منز باگ ہپنس زن آہینس | ہیوتم سُہ جو ہر الحمدُ للہ |
| مہرو ے موے نورِ تجلیٰ | اللہُ اکبر الحمدُ للہ |
| چھ کھوتت برافلاک چھُس تاجِ لولاک | سُے سون سرور الحمد للہ |
| چھےٕ وصف لیٰسین تعریف طاسین | جامِیم زیور الحمد للہ |

رسول چھُ عاشقن تس میٹھ بلاشک — نالی سخنور الحمد للہ

اُتھی الف تہٕ ج نعتیہ اظہارس درمیان چھُ رسول پیٚر نسوانی لفظت اختیار کرنہٕ یتھ ہو. ابتدائک ازکاب کرٕتھ گرتھان.

چھےٚ تیتھ قدس تی شنو بہ سوٚرگس — طوبی تہٕ کوثر الحمدُ للہ

بجٕسے بہ شاہس تس کچ گُلاہس — یس غمزہ لشکر الحمدُ للہ

وُچھنن تہٕ قاتل گرنس بہ بسمل — تس آوے سر الحمدُ للہ

وحدۃ الوجودی نظریک عظیم صوفی شاعر بنتھ ییلہٕ مولانا جامی رسول نازنین پسندن بُمن ہندس محرابس پاک باطن دیندارن ہند معنوی قبلہ قرار دِتھ ونان چھُ :-

زہے ابروئت قبلۂ پاک دیناں — بہ ناز تو خوش خاطرِ نازنیناں

تو ای ترمن حسن و ہستند برتو — نظر دوختہ ہر طرف خوشہ چیناں

اَتی چھُ وحدۃ الشہودی نظریک غار صوفی شاعر مشرق علامہ اقبال حصن جامی پندی پاٹھی حُسنِ رسولہٕ کین خوشہ چینن منز شامل ییدتھ پختہ عاشقن اُمہ قسمک گفتار کرُن روا آسنک دِگہ اعلان کران تہٕ ونان :-

مرا از منطق آید بوے خامی — دلیلِ او دلیس ناتمامی

بر ویم بستہ در ہارا کشاید — دو بیت از پیر رومی یاز جامی

امام غزالی تہٕ پیر رومی پندی پاٹھی چھُ مولانا جامی تہٕ فلسفس تہٕ منطقس حقیقی عشقس مقابلہ پاے چو بین یا ہیو زنگہ لاگنتھ یمن وول وتہ گنتھ زانان بلکہ چھُ تمن تہٕ حقیقی دینہ کنہ غفلت درتاوِن والین تمن ہنز گنجہ گنڈان تہٕ ونان :-

تعالی اللہ زہے شاہِ یگانہ — زہے حسن و جمالِ جاودانہ

جو اسرارِ عشق از خلوتِ شیخ — چہ داند نطقِ طوطی مرغ خانہ

علامہ اقبال چھُنہ فقط مولانا جامی ہنز اَکھ دبیتی منز درتاوتہٕ آمژ بحر بندس بنیادس پیٹھ تھے پاٹھی پننہِ آخری تہٕ یادگار کتاب ارمغانِ حجاز تخلیق کران۔ بلکہ چھُ اَتھ دو بیتی منز ورتاوتہٕ آمتین لفظن تام مختلف آیہ تعویزہ کران مثلاً یمن ددن دُبیتین منز :-

| | |
|---|---|
| لہ بہ ایں پیری رہِ یثرب گرفتم | نواخوان از سرورِ عاشقانہ |
| چوآں مُرغے کہ در صحرا سرِ شام | کُشاید پر بہ فکرِ آشیانہ |
| تہ پَرد در وُسعتِ گردوں یگانہ | نگاہِ او بہ شاخِ آشیانہ |
| مہ و انجم گرفتارِ کمندش! | بدستِ اوست تقدیرِ زمانہ |

عشقِ رسولؐ چھُ مولانا جامی ہندی پاٹھؐ علامہ اقبالس تہٕ وطنکہٕ محدود قیدہٕ نشہٕ آزاد کرِتھ حجازک عالمگیر جانا وار بناوان۔ چنانچہ بیٚیہٕ مولانا جامیؒ ہیٚنٛ روح تہٕ لے دہ شوے حجازی آسنٛ اعلان ییتھ پاٹھؐ کران چھُ زِ، ؎

| | |
|---|---|
| تنِ من خاکِ عجم مرغِ دلم مرغِ حجاز | تنم اینجاست ولے جان و دل آنجا دارم |

تتہٕ چھُ ترانہٕ ے وطنکُ واجبی کھارات ملی ترانہ لیکھت اداکرن وول علامہ اقبال ملی شعور پوٚختہٕ یُدِتھ ع ہر ملک ملکِ ماست کہ مُلک خدائے ماست ہیوٗ اعلان کرنہٕ علاوہ حضن جامی ہندی پاٹھؐ ونان : ؎

| | |
|---|---|
| تنم گلے زِ خیابانِ جنتِ کشمیر | دِل از حریمِ حجازو نوا زِ شیراز است |

حجازس یا مکہ مدینس بیٚنہٕ زُو کھوتہٕ لوٚٹھ زانن وول مولانا جامی چھُ مسلمانن پرتھ محدود مکانی تعصُبہٕ نشہٕ آزاد تھوٚنِچ واحد وتھ مثالی معاشر تشکیل دِنہٕ والِہ دیار جیٚنِک یعنے مدینہ ے پاکُک واجبی لول زانان۔ توٚے چھُ ۲۳ ہن شعرن ہیٚنٛدٕ مشتمل شہر نبیؐ یک شہ لاثانی تہٕ لافانی قصیدہٕ لیکھان ییٚمکی دہ شعر بیٚنہٕ تُس تبرُکاً درج چھِ کرنہٕ یوان!۔ ؎

| | |
|---|---|
| ما ئیم کہ چوں لالۂ صحرائے مدینہ | داریم بہ دِل داغِ تمنائے مدینہ |
| سودائے بہشت از سرِ دانا برود لیک | ممکن نبود رفتن سودائے مدینہ |
| ہرگز بہ تماشائے بہشتت نکشد دِل | گر چشم کُشائی بہ تماشائے مدینہ |
| بکشائے چوگُل گوش کہ از وحی الٰہی است | گلبانگ زنان مرغِ خوش آوائے مدینہ |
| کعبہ کہ بود بادیہ پیمائش جہانے | خواہد کہ شود بادیہ پیمائے مدینہ |
| پاکردہ ز سرکُن ز مدینہ طلبِ دین | کز سر ہمہ دین آمدہ تا پائے مدینہ |
| از میم مدینہ نگر اینک کہ چگونہ | دین است مرتب شدہ تا ہائے مدینہ |
| کوثر کہ شنیدی نبود تشنہ دلان را | جُز ساغرِ آب از کفِ سقائے مدینہ |

ہر چند کہ خاکِ خراساں شُدہ مجبوس | جامی کہ بود عاشقِ شیدائے مدینہ
دارد بجود اُمید کہ فردائے قیامت | سر بر زند از شُقۂ خارائے مدینہ

کشیرِ منز مولانا جامیس پڑنہ پاٹھی استفادہ تہ پَیروی کرن والیو منز چھُ محمود گامی یُن تہ رُسل میرُن ہم عصر عبدالاحد ناظم (وفات ۱۲۶۶ھ) تقریباً دۆن ہتھ وری عبدالاحد نادمس (وفات ۱۳۲۹ھ) برونٹھ کاشرس منز. وزن چالہ تہ ولون چالہ نعت لیکھنس باضابطہ پاٹھی بارسس انان۔ مدینہ ے پاکس متعلق جامی صابنس اتھ قصیدس چھُ ناظم یہے بحر و زنا تہ پندہن شعرن پیٹھ مشتمل کاشُر جوابی ندرانہ پیش کران بطور نمونہ چھِ ناظم صابنۍ فقط پانژھ شعر پیش:۔

چھُنس دُور یوُمت گژھتھ رۆدُم یار مدینس | تمہ نوُرہ روشن گے دردِ دیوار مدینس
گل روے، عنبر بوے سنبُل مُوے نرگس چشم | تمہ عشقہ پھولمُت جنتُک گلزار مدینس
مازاغ چشمن چھکنہ نیندر از غمِ اُمت | بتہ سوزہ گژھتھ روزہ ہا بیدار مدینس
سوے جاے بہتر پیش حق از کعبہ واز عرش | یتھ جایہ ہینھ پانہ شہ سردار مدینس
بیچارہ ناظم آرزو ہیتھ چھُے یُہے دردل | گژھہا بہ رُدان نالہ دِوان زار مدینس

مختلف تقلیدی مثالہ پیش کرنہ باوجود چھُنہ یہ پزر تسلیم کرنس کانہہ چارہ لگان زِ مولانا جامی سنز پرزلونہ نعت گوئی برونٹھ کنہ چھِے اکثر کاشرین شاعرن ہنز جوابی کوشش تھے پاٹھی کاژنان ییتھ پاٹھی آفتابس برونٹھ کنہ زۆن کاژنان تہ مندچھان چھِے۔ بہر حال اُمس عظیم فارسی نعت گوسنز یوسہ امتیازی خصوصیت وُنتام بیئہ کانہہ عجمی شاعرس حاصل چھِنہ سپدتھ ہیچمژ سو چھِے فنی تہ جمالیاتی کھوجہ پیٹھ بریتھ لحاظ پاسہ نیرن واجینۍ جامی صابنۍ والہانہ، عاشقانہ تہ مکالماتی خوش کلامی۔ مثلاً یتھن شعرن منز:۔

یسار راست دُنیا یمین آخرت | بزیر نگینت یسار و یمین
چو طوبا بہ نعلین تو شودہ سر | رسیدہ سر او بہ عرش برین
سگ بندگانِ تو جامی کہ ہست | سگانِ تُرا بندہ ے کمترین

یا یتھ شعرس منز:۔

یا رسول اللہ بسوے خود مرا راہے نمای | تا ز فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کنم

پرٛتھ خوش بیانی تہٕ شیرین کلامی ہیٚکہِ آنحضورؐن دیدمان تٕسۍ حاصل پیٚدِ تھ یُمی ہٕنٛزِ پانس پٮ۪ٹھ تہِ مطلوبہ رۄحانی تربیت کرُمٕژ آسہ زن

روے دل در لقاے سرمد باش
نقدِ جان زیرِ پاے احمد باش

بہر حال یہِ چھُنہٕ ممکن زِ نعت گوئی ہٕنٛدِس مولانا جامی ہٕنٛدِس بحر ذخارس کیا ہیٚکہِ اَکھ ہیٚے مقالس منٛز احاطہٕ سپدِتھ۔ لہاذا چھُ مناسب یِی باسان زِ وۄنۍ کرٛ بہٕ کٔشیرِ منٛز صدیو پیٹھٕ رائج رۄدمتہٕ بلکہ کٔشیرِ ایرانِ صغیر ناو دیاونس منٛز ٹیٛرٛ پاٹھۍ حصہ دار رۄدمتہٕ کینہہ تِتھۍ نعت ییٚمہٕ نٔش جُزوی طور درج یِمن ہٕندِ متن واریاہن مجلسن منٛز غلط پاٹھۍ پرنہٕ یِوان چھِ۔ حاضر یِتھ منٛز آسن واریاہ دوست یہِ کٕنہٕ زانان زِ درود نجات یا باقی ختمات پرنہٕ چِھن خاص مجلسن منٛز چھُ مولانا جامی سُند سُہ نعت بہٕ غلطی بطور اکھ مناجات پرنہٕ یِوان یُس یٔس شیخ سعدیؒ ہٕنٛدِس ع ہمچو کلہے عاجزم کوہے گناہ آوردہ ام" نقشِ قدس پیٹھ وننہٕ چھُ آمُت۔ شیخ سعدی چھُ تہٕ یا الہٰ العالمین تخاطبہ سٍتۍ شروع کرِتھ باضابط پاٹھۍ مناجات بناوان ییٚلہِ زن مولانا جامی ستن بندن پیٹھ مشتمل نعتیہ ترکیب بندس منٛز پننس تخلیقس بندمِس بناوِتھ تہٕ ع یا شفیع المذنبین تخاطبہ سٍتۍ شروع کرِتھ باضابط پاٹھۍ نعتیہ صورت لبناوان چھُ۔ ایرانس منٛز سپدیہٕ اہتمامہٕ سان چھاپنہٕ آمژ تہٕ آقای ہاشم رضی ہٕنٛز ترتیب دِژمٕژ دیوانِ کامل جامی" پھِتہ اَمہٕ نعتک متن یِمہٕ آیہٕ ہاوان تہٕ یِوہے چھُ اَمیُک صحیح تہٕ بنیادی متن:۔

یا شفیع المذنبین بارِ گناہ آوردہ ام — بر درت این بار با پُشت دوتاہ آوردہ ام
چشمِ رحمت برکشا موے سفیدِ من نگر — گرچہ از شرمندگی روے سیاہ آوردہ ام
آن نمے گویم کہ بُودم سالہا در راہِ تو — ہستم آن گمرہ کہ اکنوں رُو براہ آوردہ ام
عجز و بے خویشی و درویشی و دل ریشی و درد — این ہمہ بر دعوئ مشقت گواہ آوردہ ام
دیوِ رہزن در کمین نفس و ہوا اعداءِ دین — زین ہمہ با سایۂ لطفت پناہ آوردہ ام
گرچہ روے معذرت نگذاشت گستاخی مرا — کردہ گستاخی زبانِ عذر خواہ آوردہ ام
بستہ ام بر بیکد گر نخلے ز خارستانِ طبع — سوے فردوسِ برین مُشتے گیاہ آوردہ ام

دولتم این بس کہ بعداز محنت ورنج دراز  بر حریم آستانت مے نہم روے نیاز

اتھ نعتس برعکس چھُ شیخ سعدی سُند مناجات باضابطہٕ پاٹھؠ بطور توبہ ونہٕ آمُت پٔتھ چنانچہ چھِ تمکۍ شعر پانے اَمہٕ خصوصیتچ شہادت پیش کران مثلاً یم شعر ؎

چار چیز آوردہ ام شاہا کہ در گنج تو نیست  نیستی وحاجت وعذر وگناہ آوردہ ام

توبہ کردم توبہ کردم رحم کُن رحمت نماے  چوں بدرگاہِ تو خودا در پناہ آوردہ ام

برگناہِ من مبین و برکرم خود ببین  زانکہ بہر ہر مرض توبہ دوا آوردہ ام

(شاید چھُ دوا بدلہٕ اتھ بدل گُتنام لفظ قافیہ)

ترجیع بند ناوچہ شعر ذاتؠ منز چھُ گوڈے شیخ سعدی سُندس اثرس تحت ونہٕ آمتہٕ جامی صابنہٕ "جمالِ محمدؐ تہٕ کمالِ محمدؐ" ہوین قافین تہٕ ردیفن ہُند نمونہ پیش کرنہٕ آمُت۔ ودٕنی چھُ پیش قصیدٕ صنفہِ منز۔ وتہٕ آمتین تہندین نعتن ہُند بطور سلام تخلیق پُد مُت یہ نمونہ یُس کُنوین شعرن پیٹھ مشتمل تمہٕ قصیدُک تشبیب یُتھ عنوان چھُ "سلامے است برروضۂ پاکؐ" قصیدہ کہ تشبیب منزٕ تہٕ چھِ فقط یم شے شعر پیش ؎

سلامٌ علیک اے نبیِ مُکرّم  مکرّم تر از آدم ونسلِ آدم

سلامٌ علیک اے ز آبائے علوی  بہ صورت مؤخر بہ معنی مُقدم

سلامٌ علیک اے ز اسماءِ حُسنیٰ  جمالِ تو آئینۂ اسمِ اعظم

سلامٌ علیک اے بہ مُلکِ رسالت  ترا خاتم المرسلین نقشِ خاتم

سلامٌ علیک اے ثنا سابہ صدسر  کہ روح الامین در یکے نیست محرم

سلامٌ علیک اے ز ابرِ نوالت  مرا کشت زارِ امل سبز و خرّم

اتھ کتھِ کُن چھُ گوڈے اشارٕ کرنہٕ آمُت زِ مولانا جامی سُند بیشتر کلام خاص کرِتھ بیشتر نعت چھِ غزل صنفہِ منز تموے منز چھِ کیہنہٕ کٔشیرِ منز رائج لہاذا چھُ تہندِ جزوی متن پیش کرنس پیٹھ اکتفا کرُن مُناسب باسان ۔

گوڈٕ چھُ سیٹھاہ مقبولیت تھون والہِ یمہٕ نعتہٕ کہن زبان زد شعرن ہُند صحیح متن پیش: ؎

کے بُود یارب کہ رُو در یثرب و بطحا کُنم  گہ بہ مکہ منزل وگہ در مدینہ جا کُنم

برکنارِ زمزم از دل برکشم یک زمزمہ  وز دو چشمِ خون فشان آن چشمہ را دریا کُنم

| | |
|---|---|
| یا رسول اللہ بسوے خود مرا راہے نماے | ناز فرقِ سر قدم سازم ز دیدہ پا کُنم |
| آرزوے جنت الماوا بروں کردم ز دل | جنتم این بس کہ بر خاکِ درت ماوا کُنم |
| خواہم از سوداے پابوست نہم سر در جہاں | یا بہ پایت سر نہم یا سر درین سودا کُنم |
| مُردم از شوقِ تو معذورم اگر ہر لحظے | جامی آسا نامۂ شوقِ دگر انشا کُنم |

ووڈ چھ جامی صابنہ امہِ کھوتہٕ زیادٕ مقبول تمہٕ نعتکو زبان زدٕ شعر پیش یمیک متن ایرانس منز چھاپنہٕ آمژن دار یاہن دیوانن منز درج چھُنہٕ کرنہٕ آمُت۔ نعت چھُ :۔

| | |
|---|---|
| تو جانِ پاکی سر بسر نے آب و خاک اے نازنین | واللہ ز جان ہم پاک تر روحی فداک اے نازنین |
| پاکاں ندیدہ روے تو دادند جان بر بوے تو | اینک بگرد کوے تو صد جانِ پاک اے نازنین |
| رفتی بہ گلگشتِ چمن گل دید لطفِ آن بدن | کز شوقِ آن بر خویشتن زد جامہ چاک اے نازنین |
| دارم ز غم بیماری ے بیمارِ غم را یاری ے | گر تو کُنی غمخواری ے از غم چہ باک اے نازنین |
| گر شد چو لالہ پیکرم غرقابِ خون کے غم خورم | این بس کہ بر دل مے بُرم داغت بخاک اے نازنین |
| جامی کہ دارد با تو خو ہرگز نتابد از تو رُو | گر خود نہی بر فرقِ اُو تیغِ ہلاک اے نازنین |

ووڈ چھ تغزلہ پتہٕ موسیقیہٕ رنگی دل ووٚلسنس انن والہٕ امہٕ غزل نما نعتیہ کھوتہٕ مقبول تر نعتک متن پیش۔ یتہٕ چھُنہٕ جامی صابنین کینژن دیوانن منز درج میلان۔ امہٕ کین زبان زدٕ شعرن ہُند صحیح متن چھُ یتھ پاٹھی :۔

| | |
|---|---|
| عارض است این یا قمر یا لالہ حمراست این | یا شعاعِ شمس یا آئینۂ دلہاست این |
| یا رب این طاق است یا محراب یا قوسِ قزح | یا ہلالِ عید یا ابروے یارِ ماست این |
| چشم نر آہوست یا جادوست یا صیادِ خلق | یا دو بادامِ سیہ یا نرگسِ شہلاست این |
| حقہ لعل است یا سر چشمۂ آبِ حیات | یا دہن یا میم یا طوطی نے شکر خاست این |
| یا رب این خورشید تابان است یا ماہِ تمام | یا فرشتہ یا ملک یا شوخِ بے پرواست این |
| قامت است این یا الف یا سرو یا نخلِ مراد | یا سر گلدستۂ باغِ جنان آراست این |
| طوطیٔ شیرین سخن یا قمریٔ باغِ بہشت | بلبلِ بے خانماں یا جامیٔ شیداست این |

جلوۂ رسولِ اکرم ﷺ پتہٕ شمایل شریفس نکھہ واتنادن والہٕ بییہ سراپا نگاری پتہٕ تشبیہ کاری ہنز بہترین مثال پیش کرن والہٕ امہٕ غزلیہ نعتیہ پتہٕ چھُ یہ مقالہ رباعی منز کرنہٕ آمتس جامی صابنس

نعتیہ اظہارس پیٹھ اند واتناوَنہٕ یوان ۔ مولانا جامی سُنزٕ ن دستیاب تقریباً ڈاین ہَتن رباعین منز چھُ بیشتر توحیدک تہٕ خدایِ واحدس ستۍ ہمکلام پدنک پہلو حاوی ۔ اتھ معاملس منز چھُ مولانا جامی ٹاکارٕ پأٹھۍ حضرت بہاءالدین نقشبند سٕنزٕ مُتابعت کران ۔ اَتھ صنفس منز چھُ تاہم جامی صأبن سیٹھاہ کم نعتیہٕ اظہار گوٚرمُت ۔ اما پوز مقدارٕ کنۍ کم آسنہٕ باوجود چھُنہٕ اتھ صنفہٕ منز کرنہٕ آمُت تہُند نعتیہٕ اظہار معیارٕ کنۍ بیٚیو صنفو کھوٚتہٕ کُنہٕ رنگہٕ کمتر باسان مثالہٕ پأٹھۍ چھےٚ فقط زٕ رباعی پیش ۔ گوڈنچ رُباعی چھےٚ ۔ ؎

| | |
|---|---|
| اے خاکِ درت کعبۂ اربابِ خصوص | نازل شدہ زآسمان بہ وصفِ تو نصوص |
| از پرتوِ روے وخاتمِ لعلِ لبت | ظاہر شُدہ سترِ لمعاتست وفصوص |

دوٚیم عالمگیر شُہرتھ واجینۍ نعتیہٕ رباعی بلکہ شیخ سعدی ہندِ "بلغ العلیٰ بکمالہٖ" والہِ نعتکہِ پأٹھۍ مختصر ترین تہٕ مقبول ترین نعتک نموٗنہٕ تہٕ خاتمہٕ ے کلام یشری بنن واجینۍ رباعی چھےٚ مولانا جامی ہندِس کلامس دَوام بخشان یتھ پأٹھۍ: ؎

یا صاحبَ الجمالُ وَیا سیّدَ البشر
مِن وَجهكَ المُنیرُ لَقَد نُورَ القمر
لا یُمکِنُ الثناءَ كَما كانَ حَقّهُ
بعد از خدا بزرگ توٗیی قصہ مختصر






# مقبول امرتسری

## بحیثیت نعت گو شاعر

ناجی منور

دُعا بدرگاہِ الٰہی تہٕ نعتِ رسولِ اکرم صلی اللہ علیہ وسلم چھِ تمہٕ زِ عنایژ یم مسلمانن گوڑنچہِ پیٹھے شوٗب بنیہ۔ کٔشیرِ منز تہٕ ییٚنہٕ پیٹھ اسلامُک نوٗر پھٔلیوو یم زِ دُکھ دُکہٕ رۄدی اسلامس شولہٕ نادان۔ تحریری صورژ منز چھُ اسہٕ نِش علمدارِ کشمیر حضرت شیخ نورالدین ریشیؒ سُند کلام ییٚمہٕ کتھہٕ ہُند ثبوٗت زِ دُعا تہٕ نعتِ رسولؐ چھِ کاشرادبٕچ ٹاٹھ صنف رۄدی متھ۔ شیخ العالمؒ ہٕندی نعتیہ شُرکھ چھِ ہتہٕ وادو ؤری یو پیٹھ کاشرین مسلمانن ایمانُک قوت تہٕ عرفانُک شوق بخشان رۄدی متھ۔

پارٕ پارٕ لگزے تس پیغمبرس
یُہندس دورس رحمت چھے جاری
کالہٕ بیٚلہٕ یکھ لگہٕ روزِ محشرس
تس کُن ووہمیدوار آسن ساری

حضرت شیخسؒ پتہٕ چھُ نعت گوئی ہُند یہ سلسلہٕ برابر جاری مگر کاشرزبانی ہنز بدقسمتی زِ امیُک اکثر پژدن ادب چھُ گال کھاتس گژھان رۄدمُت تہٕ اکثر شاعرن ہُند کلامہٕ چھُ رادِس تل گومُت۔ ووں گو وازکال کرِ تحقیقہٕ کرِ برکٔنہٕ درایہ وارِیاہ تِتھۍ شاعر تِمن یمو پنُن خونہٕ جگر رسولِ اکرمسؐ نعتن ہٕندی ہدیہ سوٗزی متھ چھِ یتھین شاعرن منز چھِ فاخر۔ ثار، شریفکٕ بابا کمال، ظریف خان ظریف تہٕ مقبول امرتسری، یمن ہٕندی وارِیاہ نعت شریف ساٚنس اکہٕ وینہٕ ونس منز شامل چھِ گٔمتہٕ مگر مقبول امرتسری چھُ سُہ شاعر یُس سٹھاہ اہم آسِتھ تہٕ دوٚن

ہتن وٕرٕین پرٕدن ژھایہ رُود۔ حالانکہ کاشُر ادبہ کیو پرستارو تھوٚد تہٕندکلامہ درٕز درٕز پننین بیاضن منز نقل کرٕتھ مگر عام لوکہ چھُ تو تہ تہٕندناوٕنش بے خبر رُودی متی۔

مقبوٗل امرتسری کُس اوس؟ سُہ کتیٚک اوس؟ تہ سُہ کیازِ اوس امرتسری۔

یمن سوالن ہُند جواب چھُنہٕ دُنہٕ بدس یوان یُس اسی چھِ تسٕندِ کلامچ داخلی شہادت حاصل کرٕتھ اندازٕ ہیکان کرٕتھ زِ مقبوٗل امرتسری چھُ اکھ کاشُر شاعر اوسمُت تہ کیتھ تام کامہٕ ہندِس سلسلس منز چھِ امرتسرے لبیومُت یانتی چھُن وأتنہٕ ہنْد بیشتر حصہ گذرومُت تہ تتہٕ روزنس دوران چھُس کشیر ہُند سخت ماز ترُوت رُودمُت مثلن اکِ غزلُک بیکھُت چھُن یتھ کنۍ لیوکھمُت کہ

مقبولہٕ بنہٕ نےٚ دلیش کر یاد

بنز ووہ ذٕ بیمہٕ دلیشہٕ لولو

مقبوٗل چھُ امرتسر گمنامی ہنز زندگی گذاران اوسمُت تہ پننہٕ گمنامی ہُند احساس چھُس رُمن رُمن سنیومُت بنیہ اکِ وژنُک بیکھُت چھُ یمہٕ آیہ درج۔

حال دِل نشہٕ عامن

مقبولہٕ مہ کر حالی یے

چھُم سُہ منز گمنامن

دامن بہ رٹس کالی یے

پننہٕ وطنہٕ دوٗر پردیس منز ووہ پرٕ زباتی ہندِس ماحولس منز تہ ووہ پہ لوکن منز باگ رُودٕنتھ اُکس شاعرٕ ہندی ووہ گذارنی کوتاہ کرٕڈ تجربہ آسہٕ۔ سُہ آسہٕ ہے بیٚنُ بوس شامن، کاشرِ ہتن مزٕورن تش تہ لوٚژرادان یم پتھ کالہٕ بیٹھ ہرُد وأتی تھے کشیرٕ ہنیرٕ ژلان آسی۔ یتھ کنۍ اسی وندکہ عذابہٕ نش تہ بچان تہ پوٚنسہٕ لوٹنک تہ کماوان۔ یتھس ماحولس منز اکھ حساس تہ رمز شناس

---

لہ پروفیسر غلام محمد شاد سُند دعویٰ چھُ زِ تمن چھےٚ مقبوٗل امرتسری یس متعلق واریاہ کیتھ معلوٗم تہ تم آسی ہیجبیارس لکھ کیتھ تام گامس منز روزان۔

شاعر لگٕن چھُ بدٕ لے معنے تھاوان۔ یتھِس شاعرس بندِس کلامس منز آسہِ لازمن سوز و گداز تہٕ تہٕ درد تہٕ۔

اَسہِ ہیکو نہٕ سیٹھہٕ پأٹھی یہ کتھ وٕنِتھ زِ مقبول امرتسرٕ ین کوتاہ کلام آسہِ لیوکھمت تہٕ تِمہٕ منز کوتاہ آسہِ پتھ کُن بچومُت۔ مےٚ یُس کلام مختلف قلمی بیاضو پیٹھٕ نقل چھُ کورمُت تتھ منز چھ غزل نزہ مر وژُن داہ باہ کینٛہہ نعتِ شریف تہٕ منقبت، اکھ مثنوی اَمہِ علاوٕ چھ مثنوٕیہ تِمہٕ تہٕ یمن متعلق اَسہِ صرف یقینے یوت چھُ زِ یم تہٕ گژھن مقبول امرتسری سٕنز آسنہٕ۔ یمَن مثنوی ین منز قصے یوسف زلیخا قصے شیخ منصور یوس کلیات مقبول کرالہٕ وارٕ یُس منز شامل چھے گمژٕ تہٕ قصے ہارون رشید یوس کلیات محمود گامی کس فُٹ نوٹس منز درج چھے اَمہِ علاوٕ تہٕ ہیکہِ کینٛہہ کلام اورِ یور موجود آسِتھ۔

دردس کلامہِ نظرِ تل تھأوِتھ چھُ مقبول امرتسری سٕنز شاعری متعلق ننان زِ تِمس چھُ شاعری ہٕنزن مختلف صنفن پیٹھٕ مکمل عبوٗر اوسمُت سُہ چھُ کمال فنکأری سان غزل تہٕ لیکھان تہٕ وژُن تہٕ تہٕ مثنوی منز تہٕ چھُ سُہ پنٕنہِ وقتہٕ کٕمن شاعرن منز سرِس۔ ظاہر چھُ زِ تِمہٕ آسن محمود گامی سٕنز مثنوٕیہ "بہلی نامہ"، "منصور نامہ"، ہارون رشید" تہٕ "یوسف زلیخا" پرِمٕژ تہٕ یمَن مثنوی ین ہُند اختصار آسِس نہٕ خوش کورمُت تیٚمے چھُن یمہٕ مثنوٕیہ زرا زیٛٹھراوِتھ لیچھمٕژ۔

یوٚدوے محمودس تہٕ مقبول امرتسری یُس مثنوی ین منز یک رنگی تہٕ ہشر چھُ مگر غزلس منز چھُ مقبول امرتسری محمودس کتہِ کور بروٚنہہ درامُت۔ تِمہٕ چھُ غزل کمال فنکأری سان اَمہِ کِس اصلی ہیتس منز پیش کورمُت۔ یتھ پیٹھ وٕنی کٕمن کتھ کرنٕچ گنجأیش چھےٚنہٕ۔ خیالوٚکنہِ چھُ مقبول اکھ صوفی منش تہٕ اکھ عاشق صادق شاعر اوسمُت۔ تِمہٕ چھُ مجاز کیوٚ وتہٕ پدٕ لوٚ نکہِ لکہِ حقیقتُک منزل ژھورُمُت۔ تِمہٕ بندٕ ین

---

۲ مقبول امرتسری ہٕندی پأٹھی چھُ یتھ تجربہٕ لکھن جو طلبس تہٕ کرُن بیوٚمُت یہِ تِمہٕ پٕنٛژ مثنوی سکندر نامہٕ تہٕ کینٛہہ شاعری امرتسر مزوٗری کران کران لیچھمٕژ چھےٚ۔

غزلن منز چھ خیالن ہنز رنگارنگی تہ پرتھ زاوی یہ کنہ چھ محبوب سُند عکس پانہ تہ وُچھان تہ ہیمین تہ ہاوان۔

| | |
|---|---|
| بلبل بنتھ منز گلشنس | یارس وُچھن گژھ درشنس |
| منصورِ سند ہو سۆر گوو | دارس تہ نارس تے انس |
| ظاہر وُچھتھ انوارِ حق | کرسال ملکِ باطنس |
| سون آہنس کینژن سپدن | کینژن سپنی سرتل سونس |
| بیٚہہ درطریقِ اولیا | تھف کرتھ تہندس دامنس |

مقبولہ ہردم ذکر کر

سون ژہیتے بنی اُتھ آہنس

مقبولن چھ غزل تہ لیکھمتی تہ وزن تہ مثنوی تہ تہ ماہ رمضانکی تعریف تہ۔ تمی ہندین نعت شریفن منز چھ غزلک اظہار صاف بروہہ کُن یوان۔ سُہ چھُ اکھ مست عاشقِ رسولؐ ییمس منز محبوب خداؐ دیدمان بروہہ کنہ چھُ۔

یتھ نعتِ شریفس دیتو داد۔

| | |
|---|---|
| بوزہے قال یا رسول اللہؐ | رودزہے نال یا رسول اللہؐ |
| آہ، چونے جمال وُچھنس سۍ | گوم تیژکال یا رسول اللہؐ |
| رودے پھے شمس خوے ماہ منیر | موے خوش حال یا رسول اللہؐ |
| چشمہ چانے وُچھتھ چھ شرمندہ | چشمِ غزال یا رسول اللہؐ |
| چھے ژنے معلوم سربسر سونے | حال و احوال یا رسول اللہؐ |
| سینے مدینس بینگ تمنا چھم | درہمہ حال یا رسول اللہؐ |
| کرتہ نظراہ مینے کُن چھے گومت | بے پرو بال یا رسول اللہؐ |
| کیاہ ونے بو چھسے غمو کورُمت | گنگ تنے لال یا رسول اللہؐ |
| رودے چھم زرد مۍ چھوت گومُت | برف تمثال یا رسول اللہؐ |
| نفسِ شوس بہ چھس سٹھاہ کورُمت | خارو پامال یا رسول اللہؐ |
| وقتِ پیری سنۍ بروٚنٹھ آنت چھم | غمہ کۍ بال یا رسول اللہؐ |

دردو عالم چھُ سایہ اَبرِ چوٗنۍ — جاہ و اجلال یا رسول اللہؐ
ٹاٹھۍ ساری مۍ چاٗنۍ چھم اصحاب — یارتۍ آل یا رسول اللہؐ
قحط وامراض رنج وۄنۍ دوٗر — ہم مرض گال یا رسول اللہؐ

ستی تھوٚساُ ہمیشہ مقبوٗلس
حسن اعمال یا رسول اللہؐ

نعت شریفکہ انداز بیان تہٕ چھُ نان زِ مقبول امرتسری چھُ پننہٕ مروٗجہ طریقہٕ نش ڈٔلتھ نۆوی پیمانہٕ ژھاران۔ یتھ کُنۍ تمۍ ہندِ غزلن ہُند مطالہ کرتھ تہٕ بوزن چھُ تگان۔ غزلن منز چھے مقبوٗلن زیٚچھ بحر تہٕ ورنامِ تہٕ ژھوٚچہ تہٕ۔ تم بحر تہٕ ہم اَسی زانان چھہ زِ چھرا چھہ اُزی ورناوس یوان۔ مقبوٗل اوس تمن منز غزلن ہندی شعر نِزاکتہٕ سان لیکھان۔ محمود گامی ہندِ زمانکُ رِواج اوس زِ قریبن ساری نعت شریف اَسی وَن وَنس منز گوہہٕ خاطرِ وژن فارسس منز لیکھنہٕ یوان۔ محمود، ظریف، فاخر، ولی سارِوے چھہ وَن وُن خاطرے پننۍ نعت لیکھی مٔتۍ۔ مگر مقبول امرتسری چھُ غزلک فارم ورتاوتھ تیتھ کُنۍ لیکھان زنہٕ چھُ رسول مقبوٗلؐ نین پادن تل تہندِس دامنہٕ شریفس تھف لٲگتھ الیور تران۔ مقبوٗلن چھہ وژن فارس منز تہٕ نعت شریف وٚنۍ مٔتۍ، تمن منز چھُ سہ ہاوان زِ تمس آس کاشر زبانۍ بیٚتھ کمالِ دستگاہ حاصل۔ مقبوٗل نہٕ یمہٕ نعتِ شریفکۍ شعر وُچھتوٚ۔

پیٚنہٕ نس رسولِ اکرمس — برتل بہٕ روضس روزہس
ہر دم درودا سوزہس — برتل بہٕ روضس روزہس
درخاب راتھا کرہیم — دیدار رحمت کر دِیم
شیٚرین کلاماہ بوزہس — برتل بہٕ روضس روزہس
دِیہہس کرۄم حاجت روا — دادن کرۄم پانۍ دوا
نظراہ دِتم مۍ مضطرس — برتل بہٕ روضس روزہس
روٗزتھ مدینس یار چھم — سینس اندر سۍ نار چھم

آہ ترادہس تے ہاوہس
برتل بہ روضس روزہس

سُے بیکسن ہُند پانہ کُس — سُے عاجزن ہُند دادرس
تھف زاہ تلس نو دامنس — برتل بہ روضس روزہس
تعریف رویش والضحیٰ — والّیل موئیک مُدعا
اوصاف ساری شوب تس — برتل بہ روضس روزہس
مقبول پالس کُن رنتن — پنہ نین سگن ستین ہتن
ہردم یرہان دل تی چھُ تس — برتل بہ روضس روزہس

مقبول امرتسری غزل لیکھون یا نعت شریف، ماہ صیامکی تعریف لیکھون یا مثنوی سُہ چھُ تمکو ساری امکانی پہلو وِچھنا وان۔ غزلس یا وژنس منز چھُنہ سُہ ردیفکُ کانہہ لفظ برٕ تھاوان تہ یوہے چھُ وجہ زِ تہندی غزل وژن یا نعت چھِ سیٹھاہ زیٹھی۔ ہیرِ ہمن نعت شریفن منز تہ آیہ منتخب شعرے نقل کرنہ۔ ووں گوو بیتہ نس ردیفن ہنز گنجائش کم آسہ تیتن چھُ مقبول مختصر غزل تہ لیکھان۔ اکھ نعتیہ غزل چھُ درج سے

نورٕ تہ رحمتہ ستی ملہ نوؤن — محمد صاب تھوونس ناو
فلکن کھارِتھ ملکن ہوؤن — ازمیون معشوق مئے نش آو
آبس تہ خاکس منز یلہ ترووُن — قدرتہ ستین نار تہ واو
ترتیب تھو تس پانے بھووُن — تمہ سے حضرت انسان ناو
حضرت آدم تمی وذ نوؤن — جنتہ نشہ ییلہ نیبر دراو
کنکہ دانہ کنہ پاٹھی جنتکُ کھووُن — ددان در دورِ دُنیا ژاو

کس دِتُن لسان کُس مند چھووُن
مقبول کس کس تھووُن ناو

یہ چھئے پزکتہ زباتی کلامہ کھوتہ چھ مقبول امرتسری ہندین غزلن منز زیاد گوہر۔

—— تمہ ہندین غزلن منز تہ چھ عرفانکی تہ معرفتکی رموز آشکار گژھان —— بجہ کتھ ہین تیلی چکاوُنہ ییلہِ تسُند سوُزُے کلام بازرس منز ییئیہِ ۔ مقبوُل امرتسری سُند اکھ مناجات تہ چھُ بدس آمُت یُس ژُمصری اکتُجی شعرن ہیٚژ مشتمل چھُ ؎

| | |
|---|---|
| بوزتم تہ ونہے زار | یا بار الٰہی |
| ژےٚ میون وفادار | یا بار الٰہی |
| چھُس غافلا نادان | ژینیے ستیٚ تراوم زان |
| کوُر تتھ منے استغفار | یا بار الٰہی |
| افسوُس کھوٚا نی | راوم متے جوانی |
| نفسن کوٚرُس بو خار | یا بار الٰہی |

بیترِ

منصوُرس ہیوٚ موٚت عاشق آسنہ باوجوُد چھُنہ مقبول امرتسری قرآن تہ حدیثُک داماہ اُتھہِ منز تراوان ۔ سُہ چھُ پانہ تہِ پوٚز عاشق رسولِ اکرمؐ تہ بیٚین تہ یہے پرزُنتھ رٹنس دعوت دِوان اکہِ وژنکی کیہتہ شعرُو چھِنوٚ ؎

| | |
|---|---|
| مصحف اندرے بوز آلوٚ | پانےٚ لونکھ وٚو باوٚد |
| وحی حفص کُن کُن تھوٚ | پانے لونکھ وٚو باوٚو |
| انبیا یی گےٚ بروٚنٹھ بادِ تھ | اولیا تی گےٚ یاد تھاو |
| غاٚرن پیٹھ ییلہِ بوزکھ بیو | پانے لونکھ وٚو باوٚو |
| دمہ دمہ دِلہِ کس باغس اژھ | رُمہ رُمہ تتھ پیٹھ پھیران گژھ |
| بییکَ بوزکھ تورِ گوشو | پانے لونکھ وٚد باوٚو |

اَنتُس پیٹھ کرو مقبوُلنےٚ یہ شعر تہ نقل ؎

| | |
|---|---|
| رنگہ رنگہ پوشن اُوی بے رنگن | رنگ کیا دیُت نکھ در گلزار |
| مقبول یہوٚ دُت منز اندیشن | کرشین چھُس کرِ ڈیشن یار |




پروفیسر غلام محمد شاد

کأشر ادبہٕ کِس تَواریخس اندر اصطلاحی زبأنی منز نعت گوئی ہُند آغاز شُرٕ پأٹھۍ مقرر کرُن یوٗدوے ناممکن چھُنہٕ پوٗز مشکل تہٕ چھُ ضرور۔ یوٗدوے کُنہٕ حدس تام یہِ وَنہِ ہیکو زِ کٔشیرِ منزٕ گۍ نعت گوئی حضرت سیّد علی ہمدانی رح ہندِ پیٹھے شروٗع، تکیازِ "چہل اسرار" کِس مجموٗعس منز چھِ اَمہٕ رمز و اشارن ہنز زبأنی منز کیہنہٕ تتھۍ نعتیہٕ غزل نظرِ گژھان یِم رُوحس تازگی تہٕ طراوت بخشان چھِ۔ باسان چھُ زِ حضرت امیر رح سُند وارِیاہ شعری سرمایہ آسہِ زمانہٕ کِہ بے رحم اَتھو ضایع تہٕ غلط ورتاوس تَل گوٚمُت، اَتھ منز آسہِ ہیے ضروٗر ٹاکھٕس نبی ہندِ مدحُک تہٕ نعتُک وارِیاہ حصہٕ تہٕ شأمِل۔ چہل اسرار، چھُ حضرت امیر رح ہندِ قادر الکلام شاعر آسنُک بوڈ بارٕ ثبوٗت اَمہِ کِنۍ ہیکو نہٕ تِہندٕ شاعری اَتھۍ تام محدوٗد مانِتھ۔

اما پوٗز حضرت امیر رح ہندِس تہٕ تِمن پتے وقتس منز چھُنہٕ اَمہٕ کأشرِ یا فارسی زبأنی منز اصطلاحی طور خصوصی صِنفہِ کِہ لحاظٕ نظرِ پیوٚدمُت کانہہ نعتیہٕ فن پارہ نظرِ گژھان۔ پوٗز فارسی علم و ادب تہٕ شعر و شاعری عام گژھنس سِتۍ دیُت وارٕ وارٕ کأشرِ و فارسی تہٕ کأشرِ لیکھن والیو شاعرو اَدرکُن جان توجہ، نعتکۍ تہٕ مدحکۍ ابتدأئی آثار چھِ أسی حضرت شیخ نورالدین نورانی رح ہندِس کلامس منز وُچھان، اگرچہ تِم "آثار شریف" ہیکن نہٕ اصطلاحی پأٹھۍ "نعت شریف" بنِتھ۔ باسان چھُ زِ فارسی مثنوین ہنز تقلید کران کران کوٚر کأشرِ و فارسی گو شاعرو پننِ مثنوین منز حمدِ باری تعالیٰ تہٕ نعتِ پیغمبرؐ تہٕ اَتھ

ستی مدحِ چار یار باصفا، مناقبِ اولیا تہٕ پیٖرن خصوصی رُوحانی مُرشد ہنز منقبت شامِل۔ وقت گذرنس ستی آیہ نعت گوٗیی تہٕ منقبت گوٗیی اصطلاحی طور باقاعدہ منفرد صوٗرتس منز کٲشِر ہندس فارسی، کٲشرس تہٕ اُردو ادبس منز بارسس تہٕ از چھُ شاعری ہنز اکھ مخصوٗص صِنفہ منز کٲشرِن شاعرن ہند فارسی، اُردو تہٕ کٲشرِ زبٲنی منز تصنیف کوٗرمُت نعتیہ ادب، سانِس ادبی توارٟخس منز باگہٕ بوٗرُت تہٕ شوٗبہ دار حِصہ کہ لحاظٕ ہاوُن باوُن تہٕ تھاوُن لایق۔

کٲشرِن نعتن چھُ اکھ خاص رنگ تہٕ مزاج۔ اکثر نعت چھ بیکو قت مناجات تہٕ تہٕ نعت تہٕ، یہ چھُ پزر زِ نعتک تخلیق کار چھُنہٕ لُکہ فرد۔ یعنی شاعر پوٗز نعت لیکھِتھ وِزِ چھُ سُہ دۄکھ، داد، غم تہٕ رنج، مشکلات تہٕ وقتکو ظلم باوان باوان تہٕ ژٕیی باد کران کران اجتماعی نمایندگی ہُند فرض انجام دِوان۔ سانِین اکثر کٲشرِن نعتن تہٕ منقبتن منز چھُ یہ مخصوٗص تھیم، مزاج تہٕ رنگ عام پٲٹھۍ نظر گژھان۔ اَتھ چھُ سُہ مخصوٗص سیاسی تہٕ اقتصادی پس منظر، ذمہ دار یُس کٲشرِ تہٕ وٕنہ نال وُلتھ روٗد۔ کٲشِر اُسی ییتھ کالہٕ پیٹھٕ سیاسی محکوٗمی تہٕ غلامی، غربت ناداری تہٕ اقتصادی بدحالی باگہٕ آمِژ۔ یُس تہٕ غار ملکی حکمران یا حکمرانن ہنز ٹوٗلہٕ۔ فوجی طاقتہٕ یا سیاسی مکارِیو تہٕ پھندو فریبو ستی کٲشِر پیٹھ قبضہٕ کرِتھ حکمران بنیوو، تِمو کٔرۍ پننہِ اقتدار مضبوط بناونہٕ خاطرٕ خاص خاص پٲٹھۍ زٕ مشہوٗر سامراجی طریقہ استعمال۔ پننہِ سیاسی پیٹھوٗلی قایم تھوٗنہٕ باپتھ عوامک وۄتلُن تہٕ اَمکی امکانات تہٕ ظُلمس خلاف عوامی آواز دباونٕچ مسلسل کوشش تہٕ عوامی یکجہت نفراونچ سازش۔ بیٚیہ کٲشِر ہندین قدرتی مالی وسیلن تہٕ لکن ہنز کمایہ تہٕ محنتک بے رحم پٲٹھۍ استحصال تہٕ لوٗٹ، کٲشِر چھ امی وقتہٕ حملہ آور تہٕ قابض سیدی مستین غار ملکی حکمرانن بلا لحاظ مذہب نفرت کراں روٗد دیتی۔ کلہن تام چھُ "راج ترنگنی" منز یہ ونِس مجبوٗر گومُت زِ "فوجی طاقتہٕ کس بل بوٗتس ہیٚکہ نہٕ کانہہ تہٕ کٲشِر زیٚنِتھ"۔ زینتٕ مطلب گوٚو مسلسل قبضاوُتھ اُژھین انگ بناوُن پننہِ سلطنتک۔

وانہہ وادن ہنز سیاسی غلامی تہٕ اقتصادی پسماندگی، خاص اندرونی جغرافیائی حالات، سماجی تقسیم تہٕ گروہ بندی تہٕ باقے دُنیا نِشہ الگ تہٕ بیوٗن

آسنہٕ کِنۍ ہیوٚکنہٕ کاشُر لُکھ غارمُلکی غاصبن ہنٛدِس ظلم و جبرس خلاف یکٕت کٔرِتھ ٹھوس طاقت بٔنِتھ، کانٛہہ کامیاب جدوجہد تہٕ مقابلہ کٔرِتھ۔ نتیجہٕ دراوِ یہِ زِ کاشرِ لُکھو کوٚر حالاتن ستۍ نہٕ برٛتھہٕ باوجوٗد، ظاہری سمجھوتہٕ۔ یمَن گےٚ ہٕل ظلم، جبر، دوٚکھ تہٕ غربت برداشت کرنۍ۔ اَمی آو وننہٕ زِ "کاشِر چھِ ظلم پرست"۔ پوٚشک تِنہٕ تہٕ ژُدٕگھٕ "تنا" چھُ اَمِیُک شہادت دِوان۔ کاشرِ لُکھو موٚنگ خُدایس، نبی یس ؐ، اولیاہن، اَمی زِ ظالم گوٚژھ گلُن تہٕ ظلم گوٚژھ ختم گژھُن۔ اکثر کاشرِ نعتن منز چھِ شاعرو نبی یس ؐ گذارِش کٔرمٕژ زِ ہرگاہ پانہٕ یوٚر نہٕ فرصت چھوٚوہٕ تیٚلہٕ سوٗزِ توٚہہ پننۍ ژوٗریار، نتہٕ حضرت پیرِ دستگیر، نتہٕ حضرت امیر وغیرہ، یِم کفرس تہٕ ظُلمس نابود کرن۔ تِم کس وٕنہٕ ہن ییٚتھہٕ یہٕ سرمنڈل چھُ ساٚنِس عشقیہ، رومانوی تہٕ مجلسی ادبس تہٕ نال وٗلِتھ۔ اکھ قدیم موٗرخ چھُ "ہٕن" خاندانہٕ کِس ظالِم ترین حکمران "مہرکل" ہنٛدِس غیبی قہرس تل مرنۍ خوش خبر بوٗزِتھ ونان زِ اَہندِس مرنس پیٹھ گےٚ ساری دیوتا تہٕ خوش۔

عہدِ سلاطین ختم گژھنہٕ پتہٕ دوٚل کشیر رنگہٕ رنگہٕ مُصیبتن نال۔ کاشرن خصوصن مسلمانن پیٹھ یُس ظلم و ستم برابر جاری رُود، تمی ترٛاو تِم دِنہٕ راتھ، دوٚہتھ تہٕ پھیا رِتھ۔ ظُلم کوٚر یمو برداشت، مگر کراہنہٕ سان، سوٚہ دِلہٕ بنیوو نہٕ کاشُر زانٛہہ تہٕ ظُلمس مددگار۔ اَتھ کٔرِ زُلس منز رُود اُمس اَکے پرٕزلوٚنۍ اُمید۔ سوٚ گےٚ ٹاٹھس نبی ؐ ہنز پُرنوٗر بابرکات تہٕ مُقدس ترین ذاتِ مُبارک۔ یُس تہٕ کانٛہہ مُصیبت، دوٚکھ، غم، فکر، پننہٕ سیاسی محکومی تہٕ اقتصادی پسماندگی، غربت تہٕ افلاسہٕ کِنۍ کاشرِس مسلمانس بٔنِتھ آو، تمِیُک فریاد کوٚر تمی ٹاٹھس نبی ؐ یس کُن۔ کاشُر نعت چھِ استعاراتی تہٕ ورگہٕ اندازس منز ظالِم تہٕ جابر حکم رانن تہٕ حکومتن خلاف کاشرِ سُند اکھ پُر تاثیر احتجاج، اکھ نالہٕ تہٕ فریاد، اکھ دِلدوز آہ و زاری۔ اگر اَمس یہ اَتھ موٚرِتھ یا کُنہٕ ژھلِہ تھپہٕ رُمو، تیٚلہٕ دوٚہتھیس نہٕ سربنہٕ کاوتہٕ۔ کاشرِ نعت چھِ اکھ سیاسی تہٕ اقتصادی تناظرس منز باقاعدہ تحقیقی مطالعہٕ خاطرٕ اہم مواد بہم کران۔ نتہٕ اگر پابند اصطلاحی فصاحت مدِنظر تھاوو تیٚلہٕ چھُ نعتُک خصوٗصی مضموٗن پیغمبر صلی اللہ علیہ وسلم ہنٛدِ تعریف، مدح تہٕنٛد تھوٗد مرتبہ تہٕ شان، تہٕنٛدی کارنامہ، اُستن تہٕ کایناتس پیٹھ تہنز مہربانی تہٕ احسان،

تمن ستۍ عقیدت مندی، یُزنھ تہٕ پرٛژھ تہٕ لولُک والہانہٕ اظہار۔ بیٚیہٕ تہندٮ۪ن زورن یارن، صحابۂ کرام تہٕ اہلِ بیتن ستۍ محبتُک تہٕ احترامُک بیان۔

بیاکھ کتھ چھےٚ یہ زِ کاشرٮ۪ن نعتن ہُند ادبی مول تہٕ مقام کیاہ تہٕ کیٛہ پایہٕ چھُ۔ یِم ہیٚکو کھاُسی عربی، فارسی تہٕ اردو نعتیہ ادبس ہم پلہ یا برابر مُرانتھ یا یِمن ہُند تقابلی مطالعہ کتھ حدس تام ہیٚکو باقے زبانی ہندس نعتیہ ادبس ستۍ کرِتھ۔ یہ چھُ اکھ الگ تہٕ مخصوص موضوع۔ یتھ موختصر تعارفی مقالس منز چھُنہٕ مےٚ اَتھ متعلق کینہہ تہٕ وَنُن۔ ممکن چھُ یہ کام ما آسہ کانٛہہ بیٚیس دوستس پیٚشرِ نہٕ آمٕژ۔

مےٚ اوس خیال زِ یہ کرٕ یِنۍ مقالہٕ اردو زبانی منز کیٚشیر منز تحریر یِیہِ یِمٕتین نایاب فارسی نعتن ہیٚنٛھ لیکھتھ یُتھ سیمنارس منز یہ زانتھ پیش زِ کیٚشیر یونیورسٹی ہُند فارسی تہٕ اردو شعبہ گژھ مس نیٚندرِ بیدار۔ تم کرن کیٚشیر منز تخلیق گمٕژ تہٕ از تام نامعلوم تہٕ نایاب فارسی تہٕ اُردو نعتیہ، رزمیہ یا عشقیہ ادبس تہٕ نثری کارنامن متعلق پنٕنٮ۪ن شعبن ہندِ ذریٚ تسلسل سان کینہہ سیمنار منعقد۔ یتھ پاٹھۍ میلہٕ ہے تمن نو سرٕ کیٚشیر منز یِمن زبانیٚن تہٕ اَکھِ ادبُک تواریخ مُرتب کرنس منز بے انتہا مدد۔ میون دُعا چھُ زِ یِمَن دانا مزارن منز گوٚژھ کانٛہہ مسیحا قُم باذن اللہ صدا لایتھ یِنٛھ معجزا انجام دیُن۔ یوٚدوے میون اُردو مقالہٕ لیکھنُک خیال آو نہٕ باعمل مگر یہ کرٕ تو نہٕ یِتیٚن کینٛژن اہم تہٕ نایاب فارسی نعتن تہٕ نعت وَنن والیٚن ہُند سرسری ذکر، تاکہ یِنہٕ والہ وقتہٕ خاطر روز یہ یادداشت تحریری طور موجود۔

میانِس ذاتی کلیکشنس (COLLECTION) منز چھُ میر سعداللہ شاہ آبادی سُند کینہہ کاشر کلامہ، اکھ طویل نعتِ شریف ایُس فارسی، عربی، ہندوستانی (ہندی) ترکی، تہٕ کاشرِ زبانی منز تحریر کرنہٕ آمٕژ چھُ۔ اَتھ منز چھِ ۹ ۴ شعر فارسی ۳ ہندوستانی، ۲ عربی ۴ ترکی تہٕ ۴ کاشرِ زبانی منز۔ اَمی نعتہ پتھ چھُ نَنان زِ میر سعداللہ صاب اُسی زِ تخلص ورتاوان اکھ گوو "سعادت" تہٕ بیاکھ گوو "ہمت"۔ یہ نعت چھُ یتھ پاٹھۍ ؎

بلبل بدل بانگ ولا سرکردہ باگل صبحدم

مدح و تحیاتُ وثنا نعت نبیؐ محترم

مقطع چھس یہ

بود سعادت را امان در عالم سر و عیان

جُز لطفِ تو جُز عفو تو جز عطف توئے محترم

یہند بیاکھ نعت چھُ مناجاتیہ انداز کُ ۔ اَتھ منز چھِ اکھ ہتھ شعر مطلع چھس یہ

یارب بہ تحیاتِ تو در کار محمدؐ

یارب بکراماتِ تو دربار محمدؐ

تہ مقطع چھس یہ

یارب بہ سعادت نظرے کش دل زارا ست

صحت طلب از نرگس بیمار محمدؐ

پیر سعد اللہ صابن چھُ زِ مثنوی "باغ سلیمان" تہ "منظوم السعد" بیٚیہ اکھ تفسیر قرآن تہ لیوکھمُت یمن اوس باپہ صابٔ ترکی زبان تہ سوج اکھ پشتو زبان زانان۔

شرحِ قصیدۂ بانت سُعاد (کعب بن زہیرؓ)

مولانا نورالدین جامی سُند منظوم ترجمہ بانت سعاد چھُ مشہور تہ متداول ، یوز ورٕ ہلکی مولانا حافظ کاملی صابن چھنے اَمہِ قصیدِچ منظوم تشریح اَکھ شتن شعرن منز لیچھمژ۔ تشریح علاوٕ چھنے کاملی صابن (۱۱۵) اکھ ہتھ تہ پندہن شعرن منز کعب ابن زہیر مصنف قصیدہ سُند تمہیدی تعارف تہ لیوکھمُت ۔ حافظ کاملی صابٔ اَسی کبروی تہ قادری سلسلس سٕتی تعلق تھاوان ۔ مےٚ نیشہ مسوٗد چھُ مولوی محمد خضر مقبل صابن داہ ماہ ربیع الثانی بروزِ چہار شنبہ نقل کوٚرمُت مسوٗد چھُ لوکٕٹ کتابی سایز کین ۲ صفحن پیٹھ مشتمل ۔ ابتدا چھس یتھ پأٹھۍ

حمد مر پروردگارِ انس و جاں را ہر زماں

کو پدید آورد از قدرت زمین و آسمان

احمدِ مرسل امام انبیا فخر رسُل

مقتدائے انس و جاں مقصود خلق جز و کل

ہر زماں از حضرتِ حق صد صلوٰۃ وصد سلام
باد نازل بروے وبر آل واصحابِ کرام

بعد ازیں معروضِ اصحاب ودادو اتحاد
کا ملی دارد کہ مخفی بر ضمیر شاں مباد

کامداست الحاج ایشاں یاد مارا ایں زمان
التماس شان قبول افتاد مارا ایں زمان

کارہائے خویش را یکچند بگذاریم ما
بہر ایشان بر قصیدہ شرح بنگاریم ما

## عبد الصمد ککرو مقبلؔ بارہ مولوی

عبد الصمد ککرو صابنۍ چھ ترئے نعتِ شریف میانِس ذاتی کلیکشنس منز۔ یم چھ اَمرِ تہِ نقل کرنہٕ آمتی۔ ککرو صابس اوس علامہ اقبالس سِتی قریبی تعلق، یِہندِس فرزندِس مرنس پیٹھ چھ علامہ اقبالن مشہور مرثیہ لیوکھمُت سہ

اندھیر اصمد کا مکان ہوگیا

ککرو صابنۍ ترئے نعت چھ یتھ پأٹھۍ سہ

دارم دلِ اندوہ گیں یا رحمۃ للعالمین
ارحم علیٰ ھٰذا لحزین یا رحمۃ للعالمین
از جرمِ مقبل در گذر کن دل بہر شام وسحر
وردِ زبان کرداست این یا رحمۃ للعالمین

در گہنہ شدُ ماہ وسالم یا شفیع المذنبین
سال وماہ در قیل وقالم یا شفیع المذنبین
بر زبانِ مقبل از فضلِ تو بادا یادِ حق
در زمانِ انتقالم یا شفیع المذنبین

خویش را فارغ ز بندِ کفر و دین داریم ما

دست در دامانِ ختم المُرسلین داریم ما

گرچہ با تر دامنی خواہی شدن در روزِ حشر

غم مخور مُقبل شفیع المذنبین داریم ما

## خلیلُ اللہ خلیلؔ

خلیلؔ صابُن اکھ طویل نعت ۶۲ شعرن ہُند چھُ مے نُسخہٕ موجوٗد، مطلع نہٕ مقطع چھُس ییتھ پاٹھۍ:

باز از فیضِ بہاری تازہ شد سودائے من

صد قیامت زاید از شورِ مداحت زائے من

در گل و آبم ہوائے مصطفےٰ بود است خلیلؔ

زان شُد اندر آتشِ دُنیا گلستان جائے من

## بابا محمد خلیل خاکی

خلیل خاکی صاب اُسۍ ویجہِ بیارکۍ بسکین، افضل خاکیؔ، احمد خاکیؔ مقبول خاکی تہٕ قمرالدین خاکی ہندۍ اُسۍ یم رشتہٕ دار تہٕ یکجدی۔ یہندۍ کینہہ نعت چھہٕ مے نُسخ موجوٗد۔

نمونہٕ چھُ حاضر:

دل بہ قالِ تو یا رسول اللہ ۔ جان بہ حالِ تو یا رسول اللہ

آفتاب و قمر شدہ روشن ۔ از جمالِ تو یا رسول اللہ

خواہد از حق خلیل خاکیؔ زار ۔ انفضالِ تو یا رسول اللہ

روز و شب زان کہ ورد جاں دارد ۔ قیل و قالِ تو یا رسول اللہ

## مجموعۂ نعت از انور

یہ انورؔ اوس حنفی تہٕ خوشش اعتقاد امیک اظہار چھُ اُمی یانہٕ کوٚرمُت۔ اکھ مجموعس منز چھِ انور ہندۍ لگ بھگ ژتجہہ (۴۰) فارسی نعت ــ اکھ کاشُر نعت، بییس شاعر صدر (تخلص) ہندۍ ژ نعت، فاخرُند اکھ کاشُر نعت،

محمود گامی سند اکھ نعت، ثنا شاہنز اکھ غزل بیتر شامل۔ انورس چھُ فارسی زبانی پیٹھ جان عبور تہٕ مہارت حاصل آسمژ۔ خوش اعتقاد آسنہٕ کنہٕ چھس اہل حدیث حضراتن (یمن شہ نجدی یہ وہابی ونان چھُ) ہنز سخ ژران آسمژ۔ انور ہند مجموعہ منز چھ یم شعر پیش ہ

دارم شہی کہ ہست خلایق غلام او
ختم الرسل محمد و محمود نام او
دادند انبیائے مکرم پیام او
ہر چیز مستفید شد از فیضِ عام او
صلوات بر محمد و آلِ کرام او

در مصطفٰے و عیسٰی و موسٰے است فرق ہا
شان ہر دواند طالب و مطلوب مصطفٰے
ذاتش ز آفرینش حقست مدعا
انور بخواں بہ صدق ز صد شوق برملا
صلوات بر محمد و آلِ کرام او

حبیب خاص خدا مصطفٰے است صل علیٰ
شفیع روز جزا مصطفٰے است صل علیٰ
بخواہی ار کہ نہ بیری چو نجدیاں انور
نگر حیات و بقا مصطفٰے است صل علیٰ

می تپد ہر دم دل من از برائے مصطفٰے
کے بود یارب کہ بوسم خاک پائے مصطفٰے
ابتر و خوارست پیشِ خلق نزد حق ذلیل
کس کہ می جوید وسیلہ ما سوائے مصطفٰے

ذُلِ خوارِ خوانِ بذلش مُنعم مستغنی است
افضل از شاہان و سلطانان گدائے مصطفےٰ

## دیوانِ قطب الدّین گرامی

قطب الدین گرامی اوس تحصیل کولگام کس اکس گامس منز روزان۔ امی بندس دیوانس منز چھ الہ پلہ ہتھ کاشر تہ فارسی غزل، بیہ چھ کینہہ نعت تہ منقبت تہ۔ قطب الدین اوس زِ تخلص ورتاوان، گرامی تہ قطب۔ فارسی پاٹھی لیوکھمت کلامہ چھ سیٹھاہ کمزور تہ وسی پایہ، پوز کاشرس منز چھ گرامی صابن جان کوشش کرمژ۔ دیوان چھ کاغذ تہ لکھایہ تلہ اندازاً ہتھ وری زیادے پرون باسان۔

## بیاضِ احمد بابائے خاکی المعروف احمد مستانہ

احمد خاکی صابنی چھ منے نِش اندازاً ژتجہہ تانشر تاجی کاشری تہ کینہہ فارسی غزل۔ احمد خاکی صابس اوس تصوفس سِتی عملی تعلق، غزلیہ اندازس منز چھ امی کینہہ جان نعت لیکھی متی۔

## بیاضِ منظور مدنی

مولوی غلام مصطفےٰ منظور مدنی آسی میانی بزرگ دوست۔ یم گے ژ (۲) اپریل ۱۹۸۲ء منز لگ بھگ شیتھ وری گذارتھ یمہ عالمہ، یم آسی اچھ ول نِشہ اکس گامس منز روزان، کشمیر یونیورسٹی ہندی شعبی حساب کس سربراہ محترم قاضی غلام محمد صابس آسی یم مام۔ منظور صاب آسی واعظ امام تہ مولوی آستھ تہ رندلا اُبال بے انتہا آزاد تہ صوفی صافی، یمو چھ صرف نعت لیکھی متی۔ یہندِ نعتن ہند کہ چھ زِ مجموعہ منے نِش موجود۔

میانہ ذاتی کلیکشنہ منز کینژن بیترن ہندیہ تعارف چھ گُشتے نمونہ از خروارے۔ یژین کرہ بہ یونیورسٹی ہندِ فارسی، اردو تہ کاشر شعبہ کین ذمہ دارن یہ گذارش

زِ تم کرن" ذاتی کتب خانہٕ تہٕ تِمن منز اہم تہٕ نایاب کتابہٕ "موضوعس پیٹھ اکھ اکھ سیمنار، یتھ پاٹھۍ گژھن وارہین ذاتی کتبہٕ خزانن برٕ یلہٕ، یہٕ کام ہیکن بٔڈۍ بٔڈۍ ادارے انجام دِتھ۔ بینۍ کیاہ دٔنو، فرصتہٕ سان گژھ صحت مندتہٕ بے فکر و اَنساہ آسنۍ یمن کامہن اوس تیلہِ پھٔڑ دیُن سہل۔ مگر ۔

نبر کیٛاری کرٕ تھ کوچہِ پھیرِ رٕ شوخ یاوُن گو و
کنھن لوگُس تہٕ رٕسے ژٔول مُشتھ مےٚ چھاوُن گو و

میون یہٕ مقالہ یعنی "نایاب ترین نعتن ہنز نشاندہی" چھُ میانہٕ خاطر کشمیر یونیورسٹی ہندی کاشر شعبکۍ سربراہ جناب مرغوب صابن تجویز کورمُت تہٕ تعجیل تہٕ حکمس تعمیل مدِنظر تھاوِتھ کیٛہہ بہٕ یتھ مقالس منز ایُس میانۍ کُنہ اکھ موٚخصر تذکرٕ چھُ ) کینٛژن بالکل نایاب تہٕ غیر مطبوعہ نعتن تہٕ نعت گو شاعرن ہُند سرسری تعارف تہٕ زان کاری تو ہٕ برٕ ونہہ کنہٕ پیش۔ کیٛہہ ناو چھُ تو ہٕ ویدی۔ مگر نعت بوزوتھ گوڈ نچہِ لٹہِ یتھی سیمنارس منز۔ یمن ہُند تعارف تہٕ نعت یتھ مقالس منز شامل چھِ، تم چھِ :۔

حضرت بابا نصیب الدین غازیؒ، محمد افضل خاکی، محمد مقبول خاکی، فاخر بابا، مولوی محمد خضر مقبلؔ، امیر شاہ اُمّیؔ، مولوی غلام محی الدین مہدی، عزیز شاہ کانی لسم شاہ، محمد یوسف زرگر تہٕ حضرت محمود گامی۔

## بابا نصیب الدین غازی (وفات ۱۰۴۷ھ - ۱۶۳۸ء)

ولیٔ کامل آسنس ستی ستی اٰسۍ حضرت نصیب الدین بہلہٕ پایکۍ ادیب تہٕ شاعر۔ "نورنامہ" ناوک چھُ یمو ریشی حضراتن متعلق اکھ ضخیم تذکرٕ تحریر کورمُت نظمس منز۔ چھپے یہنز اکھ لوکٕٹ مثنوی "ضروری خورد" ناوٕ فقہی مسلن متعلق از برٕ ونہہ وری ہنز ۱۷سعہ آداہ لاہور چھاپ پیس منز۔ یہندی کیٛہہ فارسی نعت چھِ ادرٕ یورٕ چھکرِتھ تہٕ منتشر حالتس منز کُنہ کُنہ میلان۔ حضرت نصیب اٰسۍ کاشر زبان پوٚرٕ پاٹھۍ زانان، اٰمۍ تہٕ یم اصلی راول بیتچہِ ہندی روزن وٲلۍ، پوٚز لوکچارٕ پیٚے منز اٰسۍ بابا داود خاکی ہندۍ مُرید بنیمتۍ۔ محمود گامی ین، ناظمن، مقبلن تہٕ مقبول

خاڈین پھٔنے بہنہٕ سہ شانس پتہٕ تعریفس منز اکھ اکھ طویل منقبت لیچھمٕژ۔ حضرت نصیب الدین شند یہ نعت چھ اُوربائھ مقالس منز شامل کرنہٕ یوان:۔

مرحبا صلِ علیٰ گویم ثنائے مصطفےٰ
صد سلام از من بہ آل و اقربائے مصطفےٰ

جملہ عالم را رضائے حق بود مقصودِ دل
طُرفہ ایں بشنو کہ جوید حق رضائے مصطفےٰ

مردۂ صد سالہ می آید دواں لبیک گو
از لبِ جاں بخش گر آید ندائے مصطفےٰ

حاجت کحل الجواہر نیست مارا اے طبیب
توتیائے چشم سازم خاکِ پائے مصطفےٰ

مطلع الفجر است سیمائے منوّر کالقمر
لیلۃ القدر است زلفِ مشکسائے مصطفےٰ

نام او یاسین و طٰہٰ جام او کوثر بدان
سورۂ انّا فتحنا شُد لوائے مصطفےٰ

بود اسرارِ خدا در کاف و ہا یا عین و صاد
کس نشد آگاہ ازیں سرہا سوائے مصطفےٰ

شد برابر خلعت لولاک بالائے قدش
پس مُرتّب از خدا آمد قبائے مصطفےٰ

قدسیاں در لیلۃ المعراج میگفتہ بہم
ہر دو عالم کرد پیدا حق برائے مصطفےٰ

چون عروجش شُد ز سدرہ گفت جبریل امین
در مقامِ قرب ربّانی است جائے مصطفےٰ

شُد مقامش قاب قوسین بکہ ادنیٰ تر از آں
کس سوائے حق نداند منتہائے مصطفےٰ

گر منوّر آفتاب و ماہتاب اند در جہاں
روشن اند ایں ہر دو گوہر از ضیائے مصطفےٰ

روزِ محشر پیشِ داور انبیاء و اولیا
میکند ہر یک شفاعت در قضائے مصطفےٰ

ثانی اثنین اذ ہما فی الغار صدیق است و بس
از سرِ ایمائے حضرت شُد بہ جائے مصطفےٰ

از یدِ فاروقِ اعظم فتح شد عجم و عراق
حامیٔ دینِ نبی شد از عطائے مصطفےٰ

جامع القرآن ذی النورین عثمانِ غنی
صاحبِ جود و سخا شد از حیائے مصطفےٰ

غیرِ فرار و کرار لشانِ حیدر است
فتحِ خیبر را نمودہ مرتضائے مصطفےٰ

دادہ اند حسنین آن سبطین از صدق و صفا
تن بہ تقدیرِ خدا و جاں فدائے مصطفےٰ

تا قیامت نعتِ احمدؐ میکنم ورد زبان
جنّت الفردوس یابم از صدائے مصطفےٰ

اے شہہ عرب و عجم کُن یک نگاہے بر نصیب
آرزومند است در کشمر گدائے مصطفےٰ




## محمد افضل خاکی

محمد افضل خاکی آسۍ وُنیجہ بیاںٕ خاکی محلہٕ کس اندس بیٹھ وازہ محلہٕ کہِ طرفہٕ لسان بسان۔ افضل صاب کرِ سپد فوت، یہِ چھُنہٕ وُنہٕ شیقہٕ پاٹھۍ معلوٗم۔ یموٚچھ فارسی پاٹھۍ قصہٕ حضرت سلیمان تہٕ بلقیس مثنوی ہندِس صوٗرتس منز لیوٚکھمُت۔ یتھ منز اندازاً ڈاے ساس شعر چھِ۔ اکھ واریاہ دٔرمیانی تہٕ آخری حصہٕ چھُ روومُت، مےٚ نِش چھُ اکھ واحد نُسخہٕ موجود۔ مثنوی چھےٚ یتھ پاٹھۍ شروٗع گژھان ؎

| | |
|---|---|
| بنامِ کردگار جن و انسان | کہ یادش بہتر از مُلکِ سلیمانؑ |
| بفکر و ذکرِ نامش کامِ جانہاست | کلیدِ مخزنِ الہامِ جان ہاست |
| فرستادہ تمامی انبیا را | بہ تفضیلِ رسالت اصفیا را |
| پس از صدرِ معلّا ختم شان کرد | نبیؐ ہاشمی جانِ جہاں کرد |
| ز نورش شد منوّر ہر دو عالم | گزیدہ حق دُرا بر ہر دو عالم |
| وجودش علّتِ غائی مقصود | غرض از آفرینش ذاتِ او بود |
| محمدؐ نامِ عالی شان او کرد | ہماں روح الامینؑ دربانِ او کرد |
| فلک تابندہ از نور وجودش | کہ خورشید آمدہ بُرہانِ جودش |
| خداوندا بہ اصحابِ کبارش | بہ اہلِ بیت و حقِ چار یارش |
| بفضل ایں افضلِ دلخستہ وزار | ز تابِ آتشِ دوزخ نگہدار |

افضل خاکی صابُن چھُ تاحال صرف اکھ کأشُر نعت دستیاب پٕدمُت

نعت چھُ یتھ پأٹھۍ ؎

| | |
|---|---|
| بہ فضل و کرم یا حیات النّبیؐ | مےٚ غم کاستم یا حیات النّبیؐ |
| چھُ حامیم والیل بَرٕ والضحیٰ | بَرُخ زلفِ خم یا حیات النّبیؐ |
| شوبان ژٕے بسٕ تاج لولاک چھےٚ | بہ جاہ و حشم یا حیات النّبیؐ |
| لعمرک قبا بس ژٕے پٕدے عطا | بذاتِ کرم یا حیات النّبیؐ |
| ز حق آیہِ انّا فتحنا ژٕے چھےٚ | نشانے علم یا حیات النّبیؐ |



بہ طاہا و یاسین چھ تعریف چانٔی
بہ نون والقلم یاحیات النبیؐ

وسیلہ مےٚ اَنٛنے ژےٚ کٔن ژور یار
شفا بخشتم یاحیات النبی

بہ صدیقِ اکبرؓ بہ شاہِ عمرؓ
چھِ تم محترم یاحیات النبی

بہ عثمانؓ بہ شاہ علی مرتضےٰؓ
چھِ تم محتشم یاحیات النبی

بدرگاہ وسیلہِ تمے ہیتھ بہ آس
یہنز سٕتھ مےٚ اَچھم یاحیات النبی

مےٚ دیدار ہاوم ژٕ بہرِ خدا
ژٕ لبم غم تہٕ ہم یاحیات النبی

مےٚ چھم شوق کرٕ ڈیشہٕ دربار چون
تہٕ بیت الحرم یاحیات النبی

پھوٗرم انفس بدکار خوارٕی کرٕم
بوزم مےٚ شکم یاحیات النبی

گناہ زیاد کرٕی متی زِ حد چھم سیٹھاہ
عمل چھم مےٚ کم یاحیات النبی

گومت مبتلا چھس بخشتم نجات
مےٚ از درد و غم یاحیات النبی

براہے تو افضل بیوُمت بے نوا
چو نقشِ قدم یاحیات النبی

بدیدار افضل چھ اُمید وار
دنان دم بدم یاحیات النبی

## فاخر بابا

فاخر صاب چھُ وُنہٕ تہٕ راوِس تلے ۔ غلام نبی آتش صابس دِژٕ اَسے مٮ۪نے کینہہ غزل فاخر صابٕنۍ یم تہندِس مضموٗنس سٟتۍ "شیرازس" منز چھاپ پیدی ۔ یوٗز تیٚنہٕ تہٕ گوٚو وقتاہ، کینہہ نوٚوۍ مسوٗدٕ گےٚ دستیاب تہٕ پرانین برٛزن تہٕ لوٗگ پھیر تہٕ فاخر بابا سُند کینہہ کلامہٕ خصوصاً نعت آیہ بدست ۔ کینژن چیزن ہنز سپز اہم نشاندہی ۔ خاص پاٹھۍ یہ زِ فاخر اوس وِچہٕ بیارِ بابا محلہٕ روزان ۔ مولوی محمد خضر مقبل صابن چھُ فاخر بابا سُند اکھ فارسی نعت پننہٕ اَتھہٕ تحریر کٔرِتھ میٚترِ اَکِس مسوٗدکِس پتمِس ورقکِس اندرِمس صفحس پیٹھ بعنوانِ "نعت منکلامِ فاخر بابا" نقل کوٚرمُت ۔ مسوٗدس چھُ ترتیبس تاریخ کتابت ۱۰ ماہ صفر ۱۲۲۷ھ درج ۔ اَمہِ تلہٕ چھُ نَنان زِ فاخر بابا اوس ۱۲۲۷ھ / ۱۸۱۲ء برونہہ فوت سپدمُت ۔

فارسی نعت چھُ یتھہٕ پاٹھۍ ۔

| | |
|---|---|
| عرش است کمیں پایہ ز ایوانِ محمدؐ | جبریل امینؑ خادم و دربانِ محمدؐ |
| آن ذات خداوند کہ مخفی است ز عالم | پیدا و عیانست بہ چشمانِ محمدؐ |
| نُہ چرخ کہ در روے نپرد مرغ تو ہم | سرگشتہ چو گوے اند ز چوگانِ محمدؐ |
| یوسفؑ کہ خرید است زلیخا بہ تمنا | بودہ است غلامی ز غلامانِ محمدؐ |
| از بہرِ شفاعت چہ اولوالعزم و چہ مرسل | در حشر زنند دست بدامانِ محمدؐ |
| ہشیار ز مستی نہ شود تا بہ قیامت | آن کو کہ شدہ مست ز عرفانِ محمدؐ |
| توراتؑ کہ بہ موسیٰؑ بُد و انجیل بہ عیسیٰؑ | شد محو بہ یک نقطہ ز فرقانِ محمدؐ |
| بخشند بہ موری ز سخا ملک سلیمانؑ | شاہِ دو جہانند گدایانِ محمدؐ |

یک جان چہ کند فاخر مسکین کہ دو صد جان

سازیم فدائے سگِ دربانِ محمدؐ

فاخر بابا ہٕندی زِ کاشرۍ نعت چھِ یتھ مقالس ستۍ شامل، اَکِس منز چھُ فاخر بابا دنان زِ تمۍ سُند ٹھکانہٕ چھُ بابا نصیبنہٕ؛ یتہٕ پیٹھ سُہ درگاہ شریف نبی صاب نِس دربارس منز لاران لاران حاضر پیٚیہ ۔ یہ نعت پیٚیہ اَکِس تازٕ بدس اَمرہٕ

بیاضہِ منز حاصل۔ اَتھ منز چھِ بیتہ تہ موہلی فن پارہ درج۔

بیتہِ بلویہ نیٔ چھُ ایوان — توت کونہ گژھو سأری
وِنی وِنی چھُ دیدار دیوان — یارس لگونا پأری
بُلبُل چھُ سبٹھاہ ریوان — گلُن چھُ ونان زأری
بر سرِ چمن چھُ ریوان — دل دوٚدسہ عشقنہ نأری
اداثہ تمیٚ پیتر وُچھتہ — بے چارہ بہ گوس کُشتہ
دزُن میون آسا خوشتہ — پرداہ کوٚرنس یأری
عار میون چھُنا ایوان — توٚے دل میون چھُ ریوان
زانہہ چھُمنہ درخواب ایوان — بیگانہ کوٚرنس یأری
دوٚہیم ہُرُ چھکھ پانس — دَب دیوٚژ سجّا دانس
اَژھ لولہ کُس مے خانس — مُشراو پرھیز گأری
دوٚہیم ہُرپان ہا پچھے — دے کاس بروہہ کنہ چھُسے
سہ نتہ اد کُسو پچھے — لُس کرُو بنہ برداری.
معشوقہ کوتاہ ژالے — بے کُس لوکُس زالے
راتھ دوہ گوم کمہِ حالے — ہاران چھُس خوٚن جأری.
یارس کرہو فری یاد — اُسہ گوٚد از حد بیداد
اُسی گے سٹھاہ برباد — اُسہ گاسی توٚ دوہ نی خوأری
میون ہیوٚ بنیود کَس نئے — اُندری گُجُم وس تے
میخانہ دیُت نم مس تے — مستانہ گوٚرنس یأری
حیران کُم کُم گندر — شاہ رُود کھٹتھ اندر
از راہ صورت بندر — دیوانہ تمیٚ کرِی سأری
یا مأری تہندی شوقن — نتہ مأری تمیٚ ہندی ذوقن

تِ وَنہٕ بہ معشوقس — تمہٕ نہٕ اَدٕ کمہٕ مارٕی
اے بُلبُلِ شیدا — جانٕے بِکنُ پیدا
تسُہٕ ہتہٕ اَدٕ کر سودا — سۄ کری وفا دارٕی
کُس وَنہٕ لتَس یارس تے — عاشق چاٗنۍ گےٚ خستے
تسَ نے نہٕ بیٚیہِ اد کَس تےٚ — شبہٕ سانٕۍ دعوا دارٕی
کُس وَنہٕ لتَس جانانس — بَرلبَ ووتمُ مےٚ پانس
ییہِ نا سۄ اکِس آنَس — لگہٕ ہا تَس پارٕی پارٕی
فاخر چھُ بردر بیوُمُت — دیوانہٕ ژینے یتھ گومُت
وُسیلہٕ ہتھ پےٚھے ادمُت — ژۄن یارن ہنز یارٕی

فاخرُ ندبیاکھ دسیاب نعت چھُ یہ۔

روے چون قبلہ تے محراب بُمے — دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِے نا
صفا د مروہ روخ چون پچھُے — حجر الاسود خالِ سیاہ
دَتھ چاٗنۍ کعبہ تے تتھ کوہ نے — دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِمَے تا
گُل چاٗنۍ روخسار شبنمُ گمےٚ — لب چاٗنۍ کوثر قد طوبیٰ
موکھ چون مظہر حق ڈیوٗ نٹھے — دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِے نا
پیالاہ میہٕ عرفانکہٕ خُمے — داماہ توٗ کےٚ چاوکھ نا
نامہ بکھ ساقی یادن پیہمے — دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِے نا
نوے بہ جون ایمان مذہب پچھُے — موے چون والیل روے والضحیٰ
روے چون قبلۂ حق نُما پچھُے — دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِے نا
خاکبوسہ یارٕ چون تمنا پچھُے — یکھنا نیرٕ ہم چون تمنا
نبہٕ توٗرٕ در خاک تمنا تمےٚ — دَمہٕ دَمہٕ سجدا دِے نا
فرمان چونےٚ بوٗرمُت پچھُے — یار چاٗنۍ تار کھ تہٕ توہ ہِ چھو ماہ

پارٔ ژۄدن یارن میون رُم رُمے — دَمہ دَمہ سجدا دِیے نا
دَمہ دَمہ نالان چھُس چانہٕ غمے — غم چھُم دیدار میلہنا
ژمہ پیلہِ اند مزار اوٕ نو یکے — دَمہ دَمہ سجدا دِیے نا
بابا لفظو ہنز ٹھیکا نہٕ پۆچھمے — لاران ووتُس در درگاہ
پزاران اکھ دیدار گوژھ ہُوے — دَمہ دَمہ سجدا دِیے نا
پسنام چونے ینہٕ بوزُوے — تنہٕ گوم مشرپھ کھیوتے کیاہ

فاخر کتہٕ لسہٕ امہٕ چانہٕ غمے
دَمہ دَمہ سجدا دِیے نا

## محمد مقبول خاکی

مقبول صاٮ۪ب آسہ افضل خاکی، ولی خاکی، احمد شاہ خاکی، قمر شاہ خاکی (مصنف قصہ ہاروت و ماروت) ہندی بچھری رشتہ دار۔ یہندِ چھنے مے نش اکھ نامکمل کاشر مثنوی، لگ بھگ ہتھ کاشر غزل، ۱۵، ۱۶ منقبت، کینہہ نظمہٕ، مناجات تہٕ نعت۔ مقبول خاکی صاٮ۪ب چھ انعان، سکھ نہٕ کم کانہہ ابتدائی ڈوگرہٕ دور وُچھمُت۔ یہندِ کلامہ شاعری منز چھُ تمہٕ وقتہٕ کین بدترین سیاسی تہٕ اقتصادی حالاتن ہنز نشاندہی دارہہس حدس تام جان پاٹھی میلان۔ یتھ مقالس منز چھ یہندی نہٕ نعت شامل۔

زبدۂ انبیا سر دفتر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
از ہمہ خلق افضل و بہتر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
کانہہ تِمس ہیو چھُنہٕ کانہہ ییہ نہٕ — ترتھ فضیلت ییٚس خدا دِیہ نہٕ
از ازل تا ابد تہٕ در محشر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ دین خواجہٕ یاسین — ہادیٔ راہِ ذاتِ حق بہ یقین
شاہ و سالار و سید و سرور — شاہِ لولاک سون پیغمبر
صاحبِ نور صاحبِ برہان — صاحبِ کان خلقہٕ قرآن

سرورِ قدسیان روحِ پرور — شاہِ لولاک سون پیغمبر
زایہ ییلہِ آیہ بر سرِ دُنیا — اُمتی اُمتی سپنز گو یا
اُمتیٚ گژھ کران بوتتِ سفر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
زالہِ کرِ زانہہ تہٕ اَسہٕ نارِ جحیم — چھُنہٕ پرواے کانہہ اَسے چھُنہٕ بیم
خوف چھُے تہٕ اَسے نٕہ نارِ سقر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
روز یس کلمہٕ آسہِ وردِ زبان — زانہہ تہٕ کر نکھ تَس ییی شیطان
کیاہ کرے تَس نکیر تے مُنکر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
نورِ حق مقتدائے راہِ ہُدا — حقِ دین اَسہِ بیٚٹھ کوٚرُن آدا
اَسہِ موکہٕ لاوِ پانہٕ در محشر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
شافع و حامیٔ است ہادیٔ ما — پیشوا، راہ بر، تہٕ راہ نما
خاتمِ انبیار سرن ہُند سر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
لاگتھ اللہ ھو تاجس — کھٔنز برافلاک یام معراجس
قاب قوسین سوٗزکھ بہ چشم و بصر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
ژور یار تمٕی ہندی ژور اختر — ژوشہِ وَے دِینس اندر افسر
تابندہ زیبندہ چار گوہر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
حُبّ چھُ یکسان یمس تہُند دردل — آسہِ تسٕی جنتس اندر منزل
آسہِ یس ژکھ تہنز سٕہ گوو اَبتر — شاہِ لولاک سون پیغمبر
روزِ عرصات پانہٕ سٕے سرور — آسہِ اَسہ سایہٕ رحمتکُ برسر

روز مقبولہِ خوش اَسہ کانہہ غم بر
شاہِ لولاک سون پیغمبر

مقبول خاکی صابٕن دۆیُم نعت چھُ :

برجمالت گشتہ شیدا عالمے بین یا رسولؐ
از زمین تا آسمان بالا و پائین یا رسولؐ

نخلِ طوبےٰ چون قد یا الف اللہ ہو احد
شۆبہٕ وُن در راستی زن سرو یمین یا رسولؐ

احسن التصویر صورت چانٕز از سر تا بپا
کانٛہہ اکھاہ چھُنہٕ چون ہیوٗ در شان و تمکین یا رسولؐ

یوسفس کر آسہٕ ہیے ییتھ حُسن حاشا چون ہیوٗ
روئے رعنا خوے زیبا موے مشکیں یا رسولؐ

روئے تو چوں برگِ گُل خوشبو تہٕ خوش رنگ شۆبہٕ وُن
خوئے او سے بالطافت روے نسرین یا رسولؐ

چھُے کلام حق کلاے چون بالفظ و بیان
در تلاوت پُر حلاوت خوب شیرین یا رسولؐ

عطر و عنبر مَنٛدِ چھیتھ روٗزِتھ چھُ صندوقن اندر
تِم کران بوئے خوشس چانٕس چھِ تحسین یا رسولؐ
عنبرِ سارا خجل مشکے ختن خود، در خطا
آہوئے ماچین توٗے روٗزِتھ چھُ در چین یا رسولؐ

آسماں چھُے پرارُون کرِ پھیر تو ہہ سیٖرک خیال
فرشہٕ کنہٕ دُھرادِہِیے تارکھ تہٕ بر دین یا رسولؐ
چھُکھ شفاعت دستگاہ برا اُمتاں بیشِ خُدا
رحمت و شفقت چھُ چونُے دین و آئین یا رسولؐ

اُمتس کیُت منگتہٕ حضرت خیرِ دارین از خدا
امر کرِ یارن کرن تِم واپہٕ آمیٖن یا رسولؐ

چھےُ ونان زآری ژنے کُن مقبولؔ، اے مقبولِ حق
آس لاران کاستمِ غم، چھُس بو غمگین یا رسولؐ

## مُولوی محمدؐ حضر مُقبل :- ولادت ۱۲۰۸ھ وفات ۱۲۸۱ھ
۱۷۹۴ء ۱۸۶۶ء

بابا نصیب الدین سُند خاص خلیفہ شیخ فتح الدین حاج بابا، اوس مُقبل سُند جد۔ مُقبل اوس اعلیٰ پایک شاعر تہٕ نثر نگار۔ اُمی سندی ساری تصنیفات نظم تہٕ نثر چھ فارسی زبانی منز۔ اُمی سنز تصنیف "زبدۃ الاذکار" چھ اُہ بلہ پانژن ساسن شعرن ہنز مثنوی۔ مقبلس اوس فارسی تہٕ عربی زبانی پیٹھ استادانہ مہادت تہٕ عبور حاصل۔ چستی، برجستگی، سلاست، فصاحت تہٕ بلاغت چھےٚ اُمی سنز فارسی شاعری ہنز اہم خصوصیات۔ عبدالاحد ناظم سُندس کُلیاتس کِس تمہیدس منز اوس مےٚ لیوکھمُت زِ مقبلس اُس احمد شاہ بابہ سِتہِ خط وکتابت۔ پوز امہ خط وکتابُک تفصیلی مطالعہ کرِتھ نیبوو زِ یہ مولوی احمد شاہ چھُ ژال ڈاڈسریک اوسمُت۔ مقبل اوس کاشر باگُم تہٕ شاعری کُن توجہ دِوان، اُمی سندی زٕ نعت شریف چھِ پیشِ خدمت۔

۱

| | |
|---|---|
| ژٕ نے چھےٚ شاہی تہٕ سُلطانی | مُسلّم یا رَسُولؐ اللّٰہ |
| ژٕ چھکھ از لُطفِ ربانی | مُکرم یا رَسُولؐ اللّٰہ |
| صفت چھےٚ واکنٕے روِیس | گژے قربان رٕ تس خویس |
| فدا چانس اُکس موِیس | زٕ عالم یا رَسُولؐ اللّٰہ |
| بہ قدرت خالقن پیدا | کورُن دُنیا وَمَا فِیہَا |
| چھُ چونے نور از مبدا | مقدّم یا رَسُولؐ اللّٰہ |
| کورُم بیداد بُیٹھ پانس | پھورُم ابلیس مےٚ نا دانس |
| نگاہ پانس کرِس جانس | گزٕ ھم کرم یا رَسُولؐ اللّٰہ |

رٕٹھم خوٚے ستی بیگانن — ژٕ ہُم ہے اہلِ ایمانن
سراسر نفسِ شیطانن — دیُتم بُرزم یا رسولؐ اللہ
منٛے کاس آینہٕ پانٛس مل — منٛے کرتم ساری مشکل حل
زنٛے گردن غفلتچ ہا نکل — مُژرتم یا رسولؐ اللہ
بہ صدیقؓ و عمرؓ، عثمانؓ — علیؓ صاحب شہٕ مردان
تمن پیٹھ رحمتک باران — دُما دم یا رسولؐ اللہ
مُنوّر کوٚر تمو عالم — گژھ کفرک کوٚرکھ برہم
برابر ژور دینکی تھم — چھ محکم یا رسولؐ اللہ
سُلیمان اکھ ثنا خواناہ — سکندر چون دربانا ہ
چھُناہ کاوُس نادانا ہ — چھُ کیاہ جم یا رسولؐ اللہ
ژٕ نورت پادٕ گوو عالم — نبی ین ہُند ژٕ چھکھ خاتم
بیانِ آب و گل آدم — بُدٕ آن دم یا رسولؐ اللہ
ژٕ چھکھ پیغمبرن ہُند سر — ژٕ چھکھ از انبیار بہتر
منٛے چانٛی آش در محشر — چھُنے ہمدم یا رسولؐ اللہ
ستونِ چرخ، بالایت — حریم لامکان جایت
سپُن عرش از کفِ پایت — معظم یا رسولؐ اللہ
گناہ گارن پھٕنے چانٛی تھٕر — شفاعت پیش داور کر
سیٹھاہ چھُس خار ٹیژ ابتر — عمل کم، یا رسولؐ اللہ
جوانی شُد بہ دل گیری — ندارم از طمع سیری
نظر در حالتِ پیری — بہ عالم یا رسولؐ اللہ
پمُن آسکھ ژٕ شاہن شاہ — تمن ژلہِ درد غم واللہ
مُلے زانکھ نہٕ زانتھ زاہ — جہنم یا رسولؐ اللہ
جمالِ نازنین ہا دُم — شرابِ معرفت چادُم
سراسر سیر حق بادُم — ژٕ لُم غم یا رسولؐ اللہ

وصلی اللہ فی الدارین | علیک غیر معدودِ
صلواۃً کاملاً نامےً | وسلم یا رسول اللہ
چھُ ابتر مقبلِ نادان | سبٹھاہ شرمندتے حیران
سنگے بس عاقبت ایمان | بخشتم یا رسول اللہ

۲

یارسولؐ چھکنا سردار سونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
دل وجان وندہے یکھنا سونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
شوق چانہ لوگمت زُ ٔنہ چھم گرونے | للّٰہ دیدار پننہ نے ہاو
زندگی چھُ بخشن دیدار چونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
طاہا، یاسین تعریف چونے | تھدِ شانہ بیٹھہ کانہہ نہ زیٹے ہیوآو
یادن وندہے قبیلہ کرُ وونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
عاشقن ییلہ کوَر اظہار چونے | محبوب پننہ نے کوَرنے ناو
خوَر آیہ کرنے زیٹے دایہ تونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
عرشن مرتبہ چون ییلہ زونے | فرشہ کنہ سپنے بوَرتمی چاو
وتہ چانہ دُکھرن پان ہونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
یارسولؐ یمی چون فرمان مونے | پزی پاٹھی سبز باگ جنتس ژاو
میہ عرفانک پیالاہ چونے | اُمتن عاشقن لول چون آو
آہ کوَت مقبل مشتاق چونے | ماہِ روخسارہ نبتہ پردہ مُژراو

اُسی چون جمال دیوہ ڈیشونے
اُمتن عاشقن لول چون آو

## مولوی غلام محی الدین مہدی (المعروف مہد شاہ بودہ)

مہدی صاب اوس پننہٕ وقتُک جان تہٕ زبردست عالم مانہٕ یوان۔ "تحفۂ مہدی" ناوٕ چھپے یہنز اکھ کتاب از بروٚنہہ زٕ ہتھو وری چھاپ گژھ۔ مے نش چھُ اَمیُک صرف سروق۔ مہدی صابن اَکس "قصص الانبیاء" ناوٕ اکھ بڈ مثنوی تہٕ لیچھمژ یُتھ ستزالہ پلہٕ ہینزاہ ساس شعر آسی۔ یوٚز یہ مثنوی چھپے رادس تل۔ اَنیک پئے تہٕ نیب چھُنہٕ ووٚنہ تہٕ بیلان۔ یُوچھُ "جنگِ خیبر" ناوٕچ اکھ رزمیہ مثنوی تہٕ تصنیف کرمژ۔ یہ چھپے کاشر پاٹھو۔ یم آسی پننہٕ کنٕ اُستاد۔ غلام مصطفےٰ شاہ مُصفّاؔ، مولوی عبد صاب بیتر آسی یہندکی شاگرد۔ مہدی صابُن کانہہ کاشر نعت گوو نہٕ دستیاب، تہند یہ فارسی نُعت چھُ تہنز استادی تہٕ فارسی زبانی پیٹھ جان عبور تھاوُنچ شہادت دِوان۔

| | |
|---|---|
| اے مُل ساغرِ خُم طاہٰ | قُلقل آب گینۂ اسریٰ |
| اے گُلِ روضۂ خدا دانی | بلبلِ خوشنوائے ما اوحیٰ |
| شاہِ شاہانِ عالمِ ملکوت | ماہ تابانِ مرکزِ غبرا |
| طوطیِ نازِ طارمِ علوی | غلغل اندازِ قبۂ مینا |
| مہمانِ اُبیتُ عند اللہ | میزبانِ شفاعتِ کبریٰ |
| قرۃ العینِ دیدۂ یاسین | درۃ التاجِ اوجِ ثُمّ دنیٰ |
| انجمن سوزِ طاغیانِ زمین | انجم افروزِ آسمانِ ھُدیٰ |
| گیسوئے تابدارِ تو واللیل | پرتوے از رُخِ تو شمسِ ضُحیٰ |
| انہ لعمرک عمامہ ات برسر | وز فتحنا بدوشِ تو طغرا |
| روحِ اقدس کمینہ چاکرِ تُست | نوح اندر فتوحِ نجیتنا |
| کاسہ لیسِ سماطِ تُست خلیل | مایدہ خوارِ خوانِ تو عیسیٰ |
| درس اندوزِ مدرستِ ادریس | شعلہ افروزِ مشعلتِ موسیٰ |
| محمل آرائے ناقاتِ صالح | فرق اندازِ مسجدتِ یحییٰ |

غرق درچاہ غبغبت یوسف
سر بہ تسلیم دادہ زکریا

نے نواز درِ تو اسرافیل
چرخ انداز گنبدِ خضرا

خم کمر بر درت جم و نودر
دم گرفتست قیصر و کسریٰ

چار یارت خلاصۂ کوثر
چار اسرار عالم بالا

روز و شب نعت خوان تو ہدی
نالہ زن مثل بلبل شیدا

دایم از ابر رحمت باری
آب تسلیم بر تو اے والا

## عزیز بابائے کانی

کانی صاب آسی دیجہ بیارکہ، ابتدائی لیکھ پڑ آبکھ حاصل۔ پننہ ذاتی مطالعہ ستی اوسکھ جان استعداد لوبمت۔ ہہدی کینہہ نعت، منقبت تہ غزل چھ منتشر صورتس منز میلان۔ وہ ذی گو و کانی صاب آسی نہ سیدی کینہہ تہ۔ یم آسی لکھی ہند کلامہ تہ پننہ تخلص واٹھ ورتاوان۔ اکچہ چھئے کینہہ مثالہ ہندی دست شریف ستی لیکھتھ مے نش موجود۔ کانی اوس تنگ بندی تہ کران۔ مثلن

ہتے ونیس کرتہ ہیئے ستی آشنائی
ختائی چائے چاذکھ باختائی
کانی ہندی نعت چھ شمولیت خاطر کانی رہ

1

اے صبح صادق روز تم
فریاد لوکھو بوز تم

پُر سوز چھس وہ ذی سوز تم
یا در مدینہ یا حرم

ونہ ہا پننہ غم سر ورس
وادس اکھے یا شیچھ کرس

چشمو برس تل خوں ہرس
ازلگ پزر ابدک سحر
بێنہِ کاتُنہ چھا تیُتھ ہیوٗ تھزر
میمس ادب سے درنسب
شاہِ عرب کاسم صعب
دۄل نفس ملعونن مٔتے زال
ورزُم تمی باطل خیال
ابلیس چھُم پھری پھری پھرن
زیاد چھُس ژیٚے کُن کرن
اُمید چھم لاتقنطُوٗ
دلِ مُردہ راکُن زندہ تو
اَذٕۍ وسیلہ ژور یار
از بہر رَب کردگار
یوٚد اُمّتی ! کرِ ہم ندا
کرِہے فِدا زُو چھُم مُدعا

ہر ساعتہ ہر وِزِ دمبدم
سر مُرسلن سۍ کر نظر
چھُنہٕ کانہہ اکھاہ تیُتھ محترم
میم از قرب دال از عجب
گیسو چوشب یس جیم خم
پۄز نہٕ اپُز لۄد نم و بال
ارزُم نہ کانہہ کرتم رحم
اَز راہِ دین چھُم راوِ رَن
ایمانِ محکم بخشتم
اکھ جلوِ ہاوِو روبرو
اکِہ نظرِ چھےٚ حقہٕ سُند قسم
اولادو اصحابے کبار
ہر جایہ راضی روزتم
لارانِ پیٚمے کانی گدا
تھَہ ژٕہے اجابت تھاوتم

# مُحمّد سُلطان میر

سُلطان صاٮ۪بُن زامژ چھُنہٕ معلوم۔ پوٚز سنہ ۱۹۱۴ء۔ سنہ ۱۹۱۵ء منز۔ اَسی یم حیات۔ تمہٕ دوہہ آسہن، بیاٚنس والدِ بزرگوار خواجہ عبدالرحمان ہندِ وتہٕ کتھِ، ۲۹۔ ۳۰ وہرٕ، اَمہِ کنِہ چھِ یم اندازاً سنہ ۱۸۸۶ء منز زامژ۔ میاٚنس وٲلدٕ صاٮ۪بنہٕ دنہٕ گےٚ یم سنہ ۱۹۴۸ء منز یمہِ عالمہٕ۔ یہند لیوٚکھمُت نعت چھُ بالکل منفرد بجرِ تہٕ رنگس منز۔

رٕنبہٕ دِنہٕ مُرسلہٕ کلہٕ وندِیو — دیدارِ چانہٕ بلہٕ کلہٕ وَندِیو

ابتدا کوٚر نکھ ژٕے پیدا! — ژٕیۓ کرٕن عالم گوو شیدا

ژٕے چھُکھ ابتدا تا انتہا — معشوق آزلہٕ کلہٕ وَندِیو

ملاٮ۪یک چاٲنی خدمت گار — ساٲری چاٲنی تابع دار

جبریلِ امین پچھے جلوٕ دار — پچھے کران مورِ چھلہٕ کلہٕ وندیو

خالقن بخشنے تاجِ لولاک — ژٕے کھوٚتکھ بیرس براَفلاک

کوتاہ عرشس اوس اشتیاق — لتہٕ ژٕوٚل زلزلہٕ کلہٕ وندیو

لول چون جنن تہٕ انسانن — بلکہٕ پچھے جنگلی حیوانن

محبت زمینن تہٕ آسمانن — کھوٚد پچھے ولولہٕ کلہٕ وندیو

کرٕ کیاہ ذرہٕ ما دٕوٚرِ ہ چون — ژٕیۓ سواکھ یوزِ حالِ دِل سون

یکھنا ساتاہ مہمان سون — ردے ہاو کنہٕ ژھلہٕ کلہٕ وندیو

وولن چاٲنی چھم گنڈِ مژ ترائے — سینس منز باگ چھم چاٲنی جائے

چشمن بیٹھ بوہمہٕ چاٲنی پائے — ماٲنزِ کنہٕ خوان ملہٕ کلہٕ وندیو

سلطانس چھُ ژٕیژ چون ارمان — دٕوٚرِ ہ چانہٕ چھُم دل گریان

قدمن کرٕ ہے سر قربان

بیمار اَدٕ بلہٕ کلہٕ وندیو

## امیر بابلے تے اعمٰی

اعمٰی اوس عبدالاحد ناظم سُند زیُٹھ بوے، لوکچارس منز اوس شُتلی بمارِ ستی اعمٰی گومُت، پۆرمُت لیوکھمُت اوس، نیتھ رۆس آسنہٕ کِنۍ گوو لاولدے یمہٕ عالمہٕ، اُمی سُند چھُ بِنتھی کم کلامہٕ دستیاب سپدان، اکھ نعت آو دار یہو اُتھ کیتھی تہۆ در قو بیٹھ بیٹھاہ دقت خرچیتھ تہٕ کوٹھ ژروٹ کرِتھ مشکلہ سان پرِتھ نقل کرنہٕ۔ یہ چھُ اعمٰی صابن ناظم بندِس مشہور نعت "چھس دۆر پیوست گژھِتھ رۆدم یار مدینس" خیالس منز تھۆوِتھ وۆنمُت۔ امیر بابہٕ اوس اعمٰی ہے تخلص تہٕ ورتاوان۔ بنیہ پریشانی چھُ امیر بابہ نعتِ شریفس منز تہٕ بیان کران۔ ۔ے

وۆتھ پانہٕ بُنتھ لار موت متانہٕ مدینس
تس راضی سے گوو پانہٕ یُس گوو پانہٕ مدینس

بے آش مہٕ گژھ روز خوش یۆد چھے پانہٕ پھن گاش
دوونی ہوشہٕ دِلہٕ کے رودشہ گژھ رندانہٕ مدینس

یاشوقہٕ بُنتھ گژھنہٕ سودا گارِ محبت
برعشقہٕ سودا ستی ہر دوکانہٕ مدینس

نہٕ لاگ گدا خرقہٕ لولُک پارتُل کشکول
خیرات لولُک ژھار بہ ہر خانہٕ مدینس

از دیدہٕ ہران خونِ جگر نعت پران نیر
اد کونہٕ داتکھ وُچھ تہٕ اکی آنہٕ مدینس

دل دراد کہی یا جانہٕ سکھر کرنہٕ پتے نیر
سرتن تہٕ مُدعا پانہٕ شہ جانانہٕ مدینس

بریاں جگریس گونُٹ از آتشِ ہجران
لاران بہ تھاران نیر سُہ گریانہ مدینس

از خاک دِتھ آواز تُلِن یتھ ہیتھ مجنون
دِتھ چاک جامن قبرہا دیوانہ مدینس

از آہِ سوزان روز و شب تِتہ زال قندیلا
کر سوز عشقکُ نون سپُن پروانہ مدینس

از عرشِ برین خاکِکن نتھ جایہ شرف دیُت
یُتھ جایہ ترأوِتھ ڈاپھ سُے شاہانہ مدینس

کوّر ذاتِ پاکن وصف تمُ سُند پانہ درقرآن
درارض و سما خوّد چھُ توے شانہ مدینس

ہر لحظ دماغس چھُ یوان زان طرف خوشبو
شاید نیمَ ستے پانہٗ سُہ جانانہ مدینس

چھُے زادِ سفر جان دلو یاد محُمّد
غم دور گژھی لار دل و جانہ مدینس

اعمیٰ سپُنمُت مضطرب از ہجر چون سیماب
پھیران چھُ سُے دِلہ بانٹھ بہر آنہ مدینس

## محمد یوسف ڈار زرگر تخلص یوسف المعروف مرید کاشمیری

(ولادت اندازاً ۱۹۱۴ء وفات بہ عمر ۷۰ سال ۴ دسمبر ۱۹۸۴ء)

محمد یوسف زرگر صاب آسی میانو بزرگ دوستو منز۔ یمو آس نہ کانہہ باقاعدہ تہ خاص سکول تعلیم حاصل کرمژ۔ محض پننہٕ ذاتی مطالعہ تہ خداداد ذہانتہ سٟتی اوس یمو کلاسیکی فارسی ادبہ منز سعدی شیرازی سٕنز گلستان، خصوصاً مولانا رومی سٕنز مثنوی تہ نو فارسی ادبہ منز علامہ اقبال سٕند سورُے فارسی کلامہ تہ ترجمہ ہُند سورُے اردو کلامہ پرنہ یاکھٕ پوٗرمُت تہ سوٗرمُت۔ مجلس آرائی منز اوس یمن کمال حاصل، یوسف صابنو دوستن منز آسی، مولوی محمد یوسف میرواعظ صاب، چوہدری غلام عباس، سردار عبدالرب نشتر، علامہ اقبال، ڈاکٹر جاوید اقبال، محمد امین تہ تہندی فرزند محمد شفیع قریشی گورنر بہار وغیرہ تہ شامل۔ حلقہ احباب اوسکھ اعلیٰ تہ وسیع۔ علمی تہ سیاسی مجلسن منز اوسکھ باوقار مقام حاصل۔ علامہ اقبال سٕند اوسکھ زبردست اثر۔ یمو چھُ سارِنے بروٗنہہ علامہ سٕنزن "شکوہ تہ جواب شکوہ" نظمن ہُند منظوم مگر آزاد کاشر ترجمہ از بروٗنہہ ۵۶ وری (اندازاً ۱۹۲۵ء منز) چھاپ کوٗرمُت۔ یمو چھے اقبال سٕنزن بیین تہ کینہہ نظمن ہُند کاشر منظوم ترجمہ کوٗرمُت۔ یہنز شاعری ہٕندی کینہہ مجموعہ چھِ چھاپ تہ گمتی یمن منز آہِ قلب، ہلالِ عید، شمع کاروان وغیرہ شامل چھِ، شمع کاروان چھُ اردو نثرس منز مگر کینہہ کینہہ نعت تہ غزل تہ چھِ اتھ منز درج۔ یہ نعت چھُ یوسف زرگر صابنِ یتھ مقالس منز شامل کرنہ یوان:

شوقہٕ یوٗد چھکھ ژٕ طالبے دیدار
پرژٕ صلوات بر نبی مختارؐ
صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلم علیک یا رسول اللہ

سرٕ پَننٕ خم کرِتھ دِلس رٹھ دم  پر درودہ نبی ژٕے کاسی غم

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

باادب روز دل ژٕ حاضر تھاو  رب دِیی تار لوٗ کھ ژٕے کھاری ناو

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

سوز حاصل کرِتھ ژٕ تس کن روز  چھس کرِتھ تس سلام ہر دم سوز

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

دید گریان سینہٕ بریان کر  صلّی اللہ علیک یارسول اپر

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

زاگ ہیتھ روز بر درِ سرور  لاگ عشقُن لباس ژٕے در بر

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

عرض کر یا نبی بو چھُس بدکار  آس دربار وونی مےٚ بوزُم زار

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

چھُس بو بدتر زاُمتت غافل  چھُکھ ژٕ رہبر بحق مےٚ کرو واصل

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

بارِ عصیان مےٚ گوٚب گوٚمت بسیار  کارِ شیطاں کوٚرُم مےٚ لیل و نہار

صلّی اللہ علیک یا رسول اللہ
وسلّم علیک یا رسول اللہ

کر شفاعت مےٚ پیش حق اے شاہ　　　رَبِّ اغْفِرْ لِاُمَّتِی در خواہ

صَلَّی اللہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

یا حبیب خدا بہٕ چھُس بے تاب　　　روےٚ پاکُک مےٚ جلوٕ دِم در خواب

صَلَّی اللہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

مُلکِ کشیر گوو سیٹھاہ پامال　　　اَسہٕ چھِ وولُمت ژٕ یارٕ کرِن زال

صَلَّی اللہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

اَسہٕ چھِ مظلوم بوزِ تو فریاد　　　کفرٕ کےٚ چنگہٕ نشہٕ کرِو آزاد

صَلَّی اللہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

کاشرِس اُمتس چھِ لاچاری　　　دستگیری کرِو، کرِو یاری

صَلَّی اللہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

چھےٚ ونان حال یوسف مسکین　　　بس ژٕ چھکھ راحتے دل غمگین

صَلَّی اللہ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

وَسَلَّمْ عَلَیْکَ یَا رَسُوْلَ اللہ

## لسم شاہ (ولادت ۱۸۶۳ء وفات ۱۹۴۳ء)

لسم شاہ اوس ونجہ بیارس نزدیک اُکس گامس منز روزان یتھ گرونان چھ لسم شاہ اوس باگہ بوٗزت صوفی شاعر۔ اُمی پندی چھ لگ بھگ زہتھ غزل بیٚیہ کینہہ نعت تہٕ منقبت مٲنے پٔتمین وُہن وٕرِین منز وقتہٕ وقتہٕ مختلف گبون مجلسن تہٕ شودٕ تکین منز گرٛشِتھ جمع کرٕی متہٕ۔ لسم شٲہنٕ خاص موضوع چھُ تصوف تہٕ وحدت الوجود۔ ونہٕ کنٕی آسی یم دہاب کھارصابنٕ مُرید تہٕ طالب۔ یم آسی بالکل اَن پڑھ (تفصیلہ خاطرٕ وُچھوا اننت ناگ کالج میگزین "ویرناگ"۔ گاشر حصہ شمارہ ۵ ۱۹۷۹ء) اُمی پندی زٕ نعت چھ اَتھ مقالس ستی شامل کرنہٕ یوان۔

۱

ماہِ عالم کیاہ چھُ تاباننے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

نور عجم تہٕ عربستانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

زِ ہنہٕ تھٕندیے بٕج پھلٕے پوشن
کیاہ چھِ زمین اسمان توشن

چھس وَنہٕ وان حور غلمانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

کور معراج تمی ستن فلکن
شوہر تمہٕ کے ملکن تہٕ خلقن

چھے مُنکرِ حالِ حاٲرلنے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

سوہر نبوت چھُس منز شانن
کیاہ بوزُن ننگہٕ غار زانن

اڈبرٕ ژٕزوٹ تنس سایہ بانے
سون محمدؐ شاہِ خوبانے

پانژھ وق نماز بیٚیہ ترٕہ روزٕے
ذاتِ پاکن اُمتس سوزٕے

بیٚیہ دِیت تس آیہ فرقانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

تنتہٕ پھیرتھ بوٗون یارن
کور انکار اُکی کفارن

یُے کاٗفر عقلہٕ نادانے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

ژور یار تس آسی محکم
تمی سِرس کرٕی تِم محرم

حضرت صدیقؓ عمرؓ عثمانؓ نے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوبانے

ژٲرِم یار تَس اَدس مرتضیٰؓ  شُری ہتھ گوڈ سُہ دینس فدا
تاوتَس بیٚیوٚد شاہِ مردانَے  سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانَے
شُبہِ درٗود رحمت نبیٚ یس  سایہ تَمی سُند چھُے شاہ تسمس
مایہ تہِنز سیے گوڈ سُہ مستانَے
سون محمدؐ چھُ شاہِ خوٗبانَے

۲

صُبحکہِ وقتے دژاو عرشک مہمانہ تَے
گاہ بیٚیوٚد عرشس شاہ چھُ پکان شاہانہ تَے
موٚستوٗرِ عرشچ حوٗرِ دژایس وَنہٕ وانہٕ تَے
کیاہ ردہٕ گنڈِتھ بیٚیہ شرہٕ نہٕ دار دامانہٕ تَے
صُبحکہِ وقتے دیوٗنتھ حوٗر و نوٗرانہ تَے
سرداریہ وولو سانہِ عرشکہِ دُردانہٕ تَے
صُبحکہِ وقتے کوٗرُن معراج شاہانہ تَے
حضرت جبریل اوس قاصد میانہ تَے
اڈن تمی بُراق خاصہ بیرتھ ساہانہ تَے
سنگر پرہزے یہِ کنگرن بیٚیوٚ نوٗرانہٕ تَے
محبوٗبہٕ سُندے لوٗب مےٚ چھُم ہر آنہٕ تَے
تی لایزالَن پاہٕ کوٗرُن بیانہٕ تَے
نوٗرانہٕ بے پَتھ نوٗرِ پیدٕ بوٚد دیوانہٕ تَے
مشکین مویس روے وُچھس تابانہٕ تَے
صُبحکہِ وقتے چشم شمع گریانہٕ تَے
گتھ کرِتھ عاشق بیٚیوٚد ہا دزِتھ پروانہٕ تَے

## محمود گامی

محمود گامی سندی ترے نایاب تہ اچھا پٲٹھ نعت شریف چھ تو برگ زانہ یتھ مقالس منز شامل کرنہ آمتی۔ اکھ نعت شریف میول اکہ کرم کھوردہ تہ خستہ جزو منز۔ دوٚیم نعت شریف چھ محمود گامی سندس پیٹھ بروٚنہہ منعقدہ کرنہ آمتس سیمنارس منز ذکر کرنہ آمت۔ از چھ یہ مکمل نعت پیش خدمت تہ حال حالے بدس آمژ اکہ بیاضہ کنہ چھے امہ نعتہ کس اکس آخری شعرس تبدیلی آمژ وو ذنہ چھے اکھ زیادہ صحیح صورت نیامژ۔ شعر اوس بروٚنہہ یتھ پاٹھو ؎

| | |
|---|---|
| قافلہ دور یوم کاروانہ دژاو | غافلہ پانو نیندرٕ مو تژاو |

وو ذنہ چھے اکھ صورت یہ ؎

| | |
|---|---|
| منز لہ میٚنے دۆر یوم قافلہ دژاو | غافلہ پانو غفلت تژاو |

محمود گامی سند ترے یم نعت شریف کوز میٚنہ سٹھاہ خستہ، کرم خوردہ تہ شکستہ ترین ورقو پیٹھ سٹھاہ بوڈ محدب شیشہ استعمال کرتھ وارہین دوہن سوچ سوچ نقل، تکیازِ یہ اوس صبر شکن آمیزی خطس منز لیکھنہ آمُت۔ یہ چھ زٕھو جہ بحرِ منز تھو بحرِ منز یتھ منز محمود ن قصہ شیخ صنعان لیوکھمُت چھُ۔

محمود گامی سند چھُ نو سر کینہہ کلامہ حال حالے میٚنے بدس آمُت، یہ چھُ منتشر ورقن پیٹھ آمیزی تہ رواں خطس منز تحریر سپدمُت۔ اَمیک پرُن چھُ بے حد مشکل صحت، لُن بُن تہ وانس ہے پوشہ یہ کام تہ پیہ وار وار کابہ انن۔ انشاء اللہ۔

### ١

| | |
|---|---|
| نور ظہورُک پرتو تژاو | یا رسول اللہ ﷺ دیدار ہاو |
| ژے چھُک رحمتُک بوڈ دریاو | ژیے چھے حضرت محمد ﷺ ناو |
| ژینے تشنہ سوزرے کاینات دژاو | یا رسول اللہ ﷺ دیدار ہاو |
| رس منز باگ روح پیلہ ژاو | ملکو تس کن سجدہ دژاو |
| رد کورن شیطان گوو بدناو | یا رسول اللہ ﷺ دیدار ہاو |

پھولہٕ وُن بہار مولہٕ ئے آو — باغن تہٕ چمنن پھیوٗر خوش ہواو
بیلہ آکھ تیلہٕ کرٕ گلہٕ نے کراو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

پوشہٕ کس باغس منز وتھراو — محمدؐ ژور یار ہتھ ہتھ آو
حورہٕ چھےٚ ژےٚ کیٛتہ کران پاراو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

سخ داد دی لدن چھےٚ آمہٕ تاو — شربت دیدارہٕ سنٛز شیٛہلاو
روضس پیٛہٕ نس بر مُژ راو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

کس ڈُنھہٕ زانو بُنتھ کیاہ آو — گژھِ منز سارنے گاشاہ ہاو
دین بینیہٕ ایمان سلامت تھاو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

اَسہٕ کرٕ غفلت بیش تی آو — گناہ گارن کُس ہینیہٕ ناو
اُمید چانی، اَسہٕ مہٕ مُشراو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

مُہر نبوت نشانہٕ آو — شانن منز باگ تھاونہٕ آو
منےٚ تہٕ چھم دردل وُچھنچ کراو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

کتھ چھےٚ کنٛی یے دردل تھاو — اُستاد ژھارُن آتش سرباد
ییٛمی تراو مُستی تسٕ اَتھِ آو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

محشرکہٕ میدانہٕ اَسہٕ موکہٕ لاو — بینہٕ کیو تنہٕ، بس چونے ناو
سنتھ چانی قطہ اَسہٕ گوہہن نراو — یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

مُنزلہٕ منےٚ دورِ یوم قافلہٕ دراو — غافل یانو غفلت تراو

محمود ژےٚ یے کُن اُمیدوار آو
یارسولؐ اللہ دیدار ہاو

۲

شب و روز ؤنی تو نبؠ یس زارؠ — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
دوہ شوٗنی عالمس تسٕی سرداری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
جبرئیل کرُنس خدمت گاری — ربہٕ بندی فرمان واتہٕ ناوِنس
اَبر ژٔرِ لٹ ہمیشہ کرُ سایہ داری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
کھور معراجس پاپہٕ جباری — سورُے ہاوِتھ سیر باوِنس
دوہ مانچھ اُنی ہس پیالہٕ بڑی باری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
دوٚپ نس اُمت زالی زمنہٕ ناری — ہمت وُچھِو تَو تس نبؠ یس
بخشنے اُمت دوٚپسہٕ غفاری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
پوٚز دوٚپ تمہٕ دوہہٕ تمی یارِ غاری — پسنز چھم محمدؐ بارہٕ پُشتس
گوہ پھ منز دِژ تس لٹو پھ شہاری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
وُچھتو کیاہ کوٚر شاہِ دُر داری — اُچھ کڈِن مُشت دِتھ شیطانس
عادِلن چھ تہنُدے استظہاری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
پاپہٕ بوڈ عثمانؓ لگہٕ ہس پاری — آیہٕ آیہٕ سوٚمبرِن قرآنس
حیا دِتی تمی لب کامگاری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
حض شاہِ مرتضیٰ شیر جباری — ماہ زن زوتان اسمانس
دُلدل تہنُدے برق رفتاری — ساری لگہٕ وَے پارؠ تس
فرمانِ حضرتؐ پیٚے وستہٕ جاری — آبہٕ کیہٕ غم زاہ محمودس

کاسہٕ پزی پانٕھ سُے آسہٕ بے چاری
ساری لگہٕ وَے پارؠ تس

۳

زار بوزتم یا مولا کرواتہٕ بہ سوئے بطحیٰ
کعبس ڈیکہ دِتھ پرٕ ہا سبحان ربی الاعلیٰ
لوبہٕ ستِ چھوٗتمُ سینہ کرواتہٕ مکہ مدینہ
سر تھاوٕہا برزمینہ ڈیشن عرفات مِنا
حضرتٕ بنزرن وُتن ڈیشتھ آبٕ ہا متن
یم چشمہٕ وتھرس وتن وُچھہن گنبدِ خضرا
وُچھہن برمُرزادِتھ کتھ شایہ چھُم ڈاپہٕ نزادُتھ
پاین تل سر ترٲوِتھ ودان کرہس عرضا
دیپہٕ ہس ہا تھدٕ پایے وٕڈہِ متۍ چھہ اسی چانہٕ مایے
کھٕتھ رودک ژھایے اُنتسے چھِنے گامژ پھلوا
تھود دوتھ سانہٕ سردارے احوال سون بوزوالے
بیکس چھی لاچارے افتادٕ پے متۍ از پا
اُسی مٲری نفسِ امارن ڈگمتۍ چھہ اُسی بدکارن
شیطان چھہ پتنے لارن افسوس چھُم واویلا
یادِنس دوٕنی پیوم تادن لوکہٕ چار یار گوم رادن
نوٗن چھُس چھوٗن اَتھ ہادن ژھارن دیدارٕ مولا
للہ کرتم مے یاری کاستم غفلت تہٕ خواری
محمودس پاسِ باری ایمان کرتم عطا

★




### کشیرِ ہُند اکھ گُمنام فارسی نعت گو شاعر

# مُولینا عبدالرّسُول خانقاہی

**غُلام نبی گوہر**

کُشیرِ اندر آو اسلام صُوفیائے کرامن ہندِ وساطتہٕ یمو اُسوہ حسنہٕ کس قالبس اندر پننہٕ زندگیہ بھرٕ مرٕ آسہٕ۔ یم خُدا دوست حضرات سادات تہٕ یا کاشُری رِیشی دوشونی ہند مشترکہ اثاثہٕ اوس فقط حبِ رسول صلی اللہ علیہ وسلم۔ حض امیرؒ تہٕ آے کُشیرِ تہٕ تہندِس یتھس ستہِ ستہِ آدلن نہٕ دِکاغن تمِہ کوثرک سرِ بہٕ آبیاری کران یُس تمن جہیل اسرار ناوِکہن ژتجہن نعتیہ غزلن ہُند اموب رٕوح چھُ۔ یمن ژتجہن راز گنجن از تام کاشُر مخصُوص طورٕ امارٕ پچ آش وندان آے۔ اَتہٕ پیٹھے رُود کاشُر ذہن، سوینچ تہٕ زبان درتعریف سرورِ دوعالمؐ وونُدن ہُند بور لوٚتُر راوان ۔ کاشرِ زبأنی منز کوٚر حض شیخنؒ عقیدتہٕ چہ ینٛزٕ ھہ تہٕ خلوٗصہ چہ پرِٛتھ ستہِ نعتک پھزٕوٗژ ذِسلابہٕ نہٕ تنہٕ رُود نعتیہ شاعرن ہندی کاروان پھبان تہٕ پھولان۔ اَتھ لرِ لوٚرٕ رُود کاشُر تر دِ باغ فارسی زبأنی ہندِس نعتیہ ادبس تہٕ بُرٕ زر کران۔ یمن فارسی نعت خوان شاعرن اندر چھِ حضرت شیخ یعقوب ایشان صرفیؒ، مرزا اکمل خان بدخشیؒ، خواجہ حبیب اللہ نوشہریؒ، مُلا فاخر، بہاءاللہ متو، عبدالغفار تائب، میرحسین قادری، غلام رسول شیدا، جید کشمیری بیترِ درجن داد اہم صاحبِ فن شاعر مگر یمو بٕنز رُود اکثر شاعرن ہُند شاعرانہٕ رتبہٕ سرِ گرٛتھ نے تکیازِ یمہ ہند خوٗن جگر رُود میلادِ چن محفلن، استانن ہنٛزن مولوٗد خانین تہٕ خانقاہن ہنٛزن شبینہ مجلسن تام محدُود۔ احتمال چھُ زِ فارسی خواندن

ہُند کاروان تہٕ گرٛدٕ ژھوکان نہٕ یمن گاشرٕ مُنارن ہُند گاہ نہٕ ییہِ گُمنامی ہٕندِس کالہٕ اڈٕرس دٕلنہٕ۔

بیٛتہ مضموٗنس اندر کرٕ بہٕ تُہنٛدِس اُکِس گُمنام مگر عظیم فارسی شاعرٕ سُند تذکرٕ یُس ہنٛدی درجہٕ واد نعت تُہنٛدِ زُرِ تہٕ معلوٗم چھنہٕ۔ حد چھُ گوڈٕ چھنہٕ یتہٕ معلوٗم زِ تٕس چھا زٕری شُری اُسیٛمتۍ تہٕ کُنہٕ نہٕ۔ اُمہٕ ہٕندِس اکھ نعت تہٕ اکھ منقبت چھُ مےٚ وُنیکتام صرف زِرارٕ شریف آستانہٕ شبینہٕ محفلن منٛز لوٚزمُت تہٕ تتہٕ تہٕ صرف حاجی غلام حسن مجید صابہٕ نِس خوش لحنس منٛز۔ بیٛیہ چھنہٕ اُمہٕ ہنٛد نعت کٔشیرِ منٛز کُنہٕ تہٕ پرنہٕ یوان۔ یہٕ عاشقِ رسوٗل چھُ مولانا عبدالرسوٗل خانقاہی یُس ہٕندِس نعتس منٛز مولانا جامی سُند عرفان، امیر خسرو سُند گداز تہٕ قُدسی سُند درد سوز ژھوہ ماران چھُ۔ چونکہ اُمہٕ سُند کلام چھُنہٕ خاص طبقس تام تہٕ ووت مُت تہٕ لہٰذا اُمِس متعلق کلامہٕ کرٕ نہٕ برونٛہہ کرن بہٕ پرن والین ہنٛدِ نظرن تشہجار دِنہٕ خاطرٕ تہٕ دوہندن سرہہ پھرنہٕ باپتھ بطورِ نموٗنہٕ اُمہٕ اکھ لوٚکٕٹ نعت پیش۔

| | |
|---|---|
| اے ترا مُلکِ دو عالم یک قلم زیرِ نگین | صد سلیمان ہمچو سلمان بر درت سایہ جبین |
| گرچہ کلکِ دو زبان دستِ تو یکرہ بر نداشت | نیست بیرون از خطِ فرمانِ تو دُنیا و دین |
| گر بصورت احمدی اما بمعنائی احد | اسمِ تو خیر الرسل جسم تو ختم المرسلین |
| روشن از روئے تو عالم گلشن از بوئے تو خاک | بُود آدم ما و طین تو مطا وہ و یا و سین |
| نوح از طوفان بدر گہت پناہ آور درست | ورنہ بے جودت وجودش کے شدی جودی نگین |
| از نسیم خلقت تو رفت بوئے بر خلیل | کاں ہمہ آتش بر و ریحان شگفت و یاسمین |
| سیم و زر لعل و جواہر قیمتِ یوسف نمود | قدرِ تو افزور از لولاک اے دُرِّ ثمین |
| پایۂ معراج موسیٰ زیں جہاں کوہ پارۂ | حجلۂ خلوت سرائے خاصِ تو عرشِ برین |
| عیسیٰ مریم برائے دستِ بیعت یک قدم | از زمین آمد بہ چرخ از چرخ آید بر زمین |
| ناقہ دارت صالح و ہارون بہار دنی دوال | غاشیہ ات بخشید فر شہپر روح الامین |
| در شب اسریٰ بعبدہٖ بر کمال سرعتت | از ملک طوبیٰ لک آمد از فلک صد آفرین |
| قاب قوسین پایۂ ادنیٰ بُود از قرب تو | در شب معراج چوں در لامکاں گشتی مکین |

والضحیٰ از مصحفِ وصفِ جمالت صفحہ — معنی والیل اشعارِ زشعرِ عنبرین

آیت انا فتحنا پرچمی از رایتت — چونتو برکس نیست منزل انجمن فتح مبین

صاف شستی چونتو بکشاد است تیر بے خطا — از کمان ما رمیت اذ رمیتہ در کمین

بہر اثباتِ کمال دستگاہ روشن است — رجعتِ خورشید یا شق القمر اند شاہدین

ناقصی چون بر کمالت پے برد این کس کہ گفت — ذات پاک اندر صفاتت رحمۃ للعالمین

صد درود و صد سلام از ما بیکی صبح و شام — بر تو و بر آل و صحب و اہلبیتِ طاہرین

در دو عالم وردِ جاں نام تو میساز د رسول

بر امید یک شفاعت یا شفیع المذنبین

مولوی عبدالرسول خانقاہی چھ زرارِ شریفک اوس مت تہ پٹھان دورک ظلم و جبر چھن دچھمت تہ اتھ پیٹھ چھن احتجاج تہ کورمت مگر پانس چھس عطا محمد خان صابنس گورنری عہدس اندر آسایش تہ واتمژ مگر تو تہ چھن نہ امہ کٹہ دقتکی بارو دِنی ترٲوی متہ۔ عطا محمد خانس ستی چھ امس محض تیژرے وابستگی امیمژ یژاہ اکس مخصوص ورتہ پیٹھ یکن والین دون ہمسفرن آسان چھیے۔ مولنا عبدالرسول اوس حضرتِ علیہ ارکشمیر سند عاشق، منقبت خوان بلکہ خادم دربار تہ عطا محمد خانن اوس اتھ دربارس ستی پننہ عقیدتک خاص اظہار کورمت۔ زرارِ شریفک خانقاہ، نقار خانہ، لنگر خانہ بیتر گے اتھی دورس اندر تعمیر تہ یمن عمارژن ہندِ تعمیر کی تکمیلک قطعاتِ تاریخ چھ امی تہ جید صابنی لیکھمتہ۔

مولانا صاب اسی پانس خانقاہی تخلص لیکھان تہ یتھ کنی اوس زرارہ کین اکثر فارسی خواندن یہ خیال زیم چھ شاید سرینگر کہ خانقاہِ معلی محلک روزن والی اسی متہ۔ سہ طبقہ او ژھوکان بلکہ تم ساری چھ دوہ نی رحمتِ حق گامتہ۔

میون مرحوم والد صاب اوسہ اتھ خیالس ستی اتفاق کران۔ تہند یہ خیال زِ مولانا عبدالرسول صاب آسہ ہا زرارکس خانقاہِ شریفس اندی یکی روزان تہ ادے امس خانقاہی دنان تہ چھنہ صحیح باسان۔ مطالعہ کرتھ بیٚد میے یہ تحقیق زِ چونکہ رسول صابس چھ ملا عطاء اللہ خانقاہی پیر تہ وہ ستاد اوسمت تمی

تناسبہٕ چھُ یِیوٚ پانس خانقاہی تخلص تھوو دُرِت ۔ یہ چھُ سرپرستی ہند خلوصُک کمال زِ مولٰنا رومی صابن تروونہٕ غزلن منٛز پیر حضرت شمس تبریزی سُند لکھت تہٕ مولٰنا رسول صابن کٔر پننۍ شناخت پننس اُستادٕ سٕندس پرزنس منز ضم ۔ امہٕ خلوصُک سرٕ ییہ چھُ یمن شعرن منز ٹاکارٕ ــ

منکہ بودستم ہلالِ روئے زرد — مہرِ اوستادم مہہ دو ہفتہ کرد

اب رُتبُ آمدو خیر الاباست — مَن تعلم شاہدِ غیر الاباست

حد چھُ زِ یہ تہٕ چھُنہٕ معلوٗم زِ رسول صاب کمہِ مولوی گھرُک چشم و چراغ اوس تہٕ نہ چھُ اُہندین زُرین ہُند کانہہ پے ۔ شاید چھُنہٕ تس پانس کانہہ اولاد اوسمُت ۔ مولانا صاب چھُ حضرت شیخس منقبتن اندر فریاد کران کران زرارِ شریف پنُن وطن آسنس پیٹھ یتھ کنۍ فخر کران ــ

دارم وطن در کوئے تو بازاست چشم سوئے تو
شاید کہ بینم روئے تو قربان مژگانت شوم

یا

بیکس منم در شہر تو افشاندہ ام از بہر تو
حب الوطن را آستین یا ہُورِ النور نور الدین
دارم رجائی آنکہ من در کوئے تو گیرم وطن
عزم گریبان شد ہمیں یا ہُورِ النور نور الدین

مولٰنا عبد الرسول صاب چھُ صاحب دیوان تہٕ اوسمُت تہٕ امہِ علاوٕ چھِ یِمَو اکھ مثنوی "نظم المناقب ثاقب" تہٕ تصنیف کٔرمٕژ یتھ منز ۲۲۲۴ ابیات چھِ ۔ اتھ مثنوی اندر چھُ یمو حضرت امیر کبیرن ہندی روحانی کارنامہٕ نظمٲوِمتۍ ییہ وٕہرس حض امیر سُند منٛز جد بزرگوار درخواب وُچھن تمن نش پے لبتھ محمود مزد فانی صابس نش واتن یتہٕ پسیر منز تابعدٲری تہٕ امہٕ پتہٕ امیر کبیر سُند سیاحت تہٕ تبلیغ بیتر چھُ امہٕ مثنوی ہُند موضوع ۔ امہٕ علاوٕ چھِ یہندۍ کٕرڈہ

پَنداہ نعت پانژھ پیٹھی مناقب درشان امیر کبیرٕ تہٕ لگ بھگ ژٕ درجن مناقب درمدحِ حضرت علمدار بدست آہتہٕ۔ یہ سورُے کلام مولوی عبدالرسول مرحوم اوس میانٕ بڈ بب مرحوم غلام محمد مُقیم صابن سومبراوِتھ پننہِ خوش خطہٕ ژٕ ژھراوِتھ تھوومُت مگر ۱۹۶۰ گوڈ نچہِ رآژٕ منز ییلہِ زرارِ شریفہِ نار ہیوتن اتہ گو وانہِ کلامہ ہنز اکھ حصہ نذرِ آتش ۔ افسوس چھُ زٕ "دیوان عبدالرسول" منز چھےٕ صرف ژٕ در پانژھ غزلے محفوظ روزمژٕ۔ یمہ ردیف جیم تہٕ دالس ستۍ واٹھ تھوان چھےٕ۔ مثنوی نظم المناقب ثاقب چھ شاید تُو لبٕت موجود مگر ورقن چھس پھیر کانُن ضروری۔ مے چھُنہٕ معلوم زٕ بیۍ کانٕہ نُسخ تہٕ چھا یُھند کینہہ کلامہ موجود مگر ژھارنچ کوشش میانٕ روزِ جآری۔

پیٹھ کنہٕ درج کورمُت نعت چھِ ٹاکارٕ باوتھ کران زِ مولٰنا عبد الرسول صابس چھُ عشقِ رسولکی دُرژھلِ جذبن کلامس سٕہ مُشکِ ادفر مولُمت یُس فارسی نعت صنفہٕ ہندِ امامن ہُند خاصہ چھُ۔ اُمی جذبُک وُلو ہار چھُ خاقانی صابہٕ نس پرِ یتھ نعتس منزٕ ۔

آبم نہ ماند در جگر از حرقت فراق
ای برق سوخت خشک و ترم قبلہ گاہ من
شُد آہ حسرتِ تو خزانِ بہارِ من
ای باد ریخت برگ و برم قبلہ گاہِ من

اُمہِ نعتہٕ شریفکی پنداہ وے شعر چھِ خونِ جگرٕ سگہِ دِتھ عشق نبہ کس بیمارٕ ہنزٕ آہ و زآری ہُند طومار بنیمتۍ ۔ ژھوژس ، ثرٕھس ، چھنٕس تہٕ ہندِ اُرس کیاہ ہنکہِ یمہ کھوتہٕ سرمایہ آستھ ۔

مُشتی ز خاکِ مقدمِ تو در لحد برم
زادِ سفرم ای قدرم قبلہ گاہ من

اُمی اتھانہٕ چھُ یُھند پنژہن ابیاتن پیٹھ بیاکھ نعت فنا فی الرسولؐ

کہن اوٚلین مگر طرحدار تہٕ شوٗبدار میہلوٗدن پیٹھ مشتمل ۔ کینہہ شعر نموٗنہٕ زنگی پیش کرِتھ کرِ یہٕ نعت پلنے پننٕز باوتھ ۔ ؎

سینہ ریش خوٗنبارو داغدار ۔ برمثالِ لالہٕ زارم یا رسولؐ

نونہالم از خزان ہجر توٗ ۔ ریختہ شُد برگ و بارم یا رسولؐ

خانقاہی صاٮ۪ب تہٕ چھُ باقین شاعرن ہندی پاٹھۍ مقامِ محمدؐ بیان کرنس منز عاجزتہٕ تہٕ قاصرتہٕ ؎

شب معراج توٗ روشن بہ سبحان الّذی اسرٰی

براق برق تگ راندی زمکہ جانب اقصٰی

باقصی الغایت الاوحٰی دویدی بلکہ ما اوحٰی

مقامِ قاب قوسین را رسیدی بلکہ اودنٰی

اغثنا یا رسول اللہ ارحنا یا حبیب اللہ

بشانِ توشدہ نازل یکے یاسین دگر طاہا

بہ وحیٔ توشدہ قایل یکے آہو دگر حربا

بخدامِ تو میبازد یکے غلمان دِگر حُورا

بغنامِ توٗ میبازد یکے آدم دگر حوّا

اغثنا یا رسول اللہ ارحنا یا حبیب اللہ

کاشرِس قوٗمس پیٹھ گوڈٕ پیٹھے ظلم و جبر وُچھتھ چھُ شاعر توٗبہٕ زبوٗ منہ بدربارِ رسالت عرضی نرادان ؎

من آن مظلومِ دلگیرم کہ از سر رفتہ تشویرم

زِ ظلم آبادِ کشیرم بافغان یا رسول اللہؐ

زحد شُد دورِ افغاناں فغان از جورِ افغانان

تو دست زورِ افغاناں بہ ہیجان یا رسول اللہؐ

کشیر "ظلم آباد" ناو کرِتھ چھُ خانقاہی صاٮ۪ب پننہ جدت طرازی کام ہیتھ پننہ تواریخی شعوٗرک باس دِوان ۔

خانقاہی صاب چھ رسولِ اکرمؐ سندین معجزاتن عالمانہ خیالہ سان تہ شاعرانہ نزاکژ ہندِس پیٲراوس منز تذکرہ کران ؎

شقِ قمر و رجعتِ خورشید گواہ است
بہ قدرتِ دستِ قدر امکانِ محمدؐ

سید المرسلین محمد عربی ہنز ذاتِ پاک چھنہ تمن سارنی عظمتن ہنز سوٗمبرن یم بجر تہ گوٗن ربِ جلیلن بینین پیغمبرن تہ مُرسلن بخشمتی اَسی۔ عیسیٰ مسیحؑ اَسی قم باذن اللہ پران تہ موردن زندہ کران۔ مگر آنحضورؐن ہند نگاہ انقلاب آفرینک اوس یہ معجزٕ زِ ہتہ واد ذٕریوٗ پیٹھ گمتی موردٕ دل تہ رُوح تہ پسماندٕ گامتی قوم ہا قوم گیہٕ اجتماعی طورٕ زندٕ۔ حضرت موسیٰؑ ہٕس گوٗ نوٗرِچ زٕرٕ وُچھتھ غش مگر حضرت محمد عربیؐ صاٮ٘بن للہ نوٗرُک آگُر لوٗلہٕ۔ سرورِ کایناتن ہندین یمن منفرد عظمتن دُیت پرتھ کانٕہ نعت گو شاعرن پننہ پننہ اندازٕ تہ انداہ بھیُر تہ خانقاہی صاٮ٘ب تہ چھ یتھ کُنی اَکھ بجرس وَنہ وان ؎

عیسیٰؑ کہ گرفت است زیر دفترِ حکمت    کم نسخہ نویسی است بدیوانِ محمدؐ
موسیٰ کہ کلیم اللہ کہ گستاخ زبان بود    یک طفل نو آموزِ دبستانِ محمدؐ
دیوانہ شدہ ہمچو پری دیدہ سلیمان    میدید اگر حشمتِ سلمانِ محمدؐ

خانقاہی صاٮ٘بن نعتن ہند اسلوٗب چھ بدوٗن ؎

یا شفیع الوریٰ دمے بگذر    بر سرِ کشتگانِ تیغِ فراق
جان و دل بے سخن نثار کنند    سخنے بشنوی گر از عشاق
ز آتشِ شوقِ تو زنم ہر دم    سر بسنگِ فراق چوں چقماق

ژوٗرن یارن ستی پننہ خلوص برٕ تہ عقیدت تُک چھ یمہ آیہ اظہار کران ؎

از جملہ اصحاب صفا گوئے صداقت    صدیق ربود است بہ چوگانِ محمدؐ
عمرؓ کہ میانِ حق و باطل شدہ فاروق    عادل ترازو نیست بہ میزانِ محمدؐ
بر بامِ فلک نعرہ زنانند ملائک    احیائے حیا آمدہ عثمانِ محمدؐ
در مکتبِ علمِ ازلی حیدرِ کرار    گویند کہ بود است زبان دانِ محمدؐ

## نعتیہ ادب

یہ مضمون اند واتناوِنہ برونہہ کہ پیہندِ مناجاتن تہٕ منقبتن ہُند نمونہ پیش سہ

کن کرم پروردگارم انت خیر الاکرمین — فتح بابِ کار و بارم اَنت خیر الفاتحین
چشم آں دارم کہ در ہر طرفۃ العین انگنی — صد نظر بر حالِ زارم انت خیر الناظرین ،

یا

اے اسیرانِ نواز دارین عتیق — عاشقانت مست بر جوشِ رحیق
من گرفتارم بصد بند مفیق — خود ندارم جزٗ تو در عالم رفیق
نجنیؔ مِن کلِّ ضیقٍ یا شفیق

ہر کسے نازانِ کردارِ خود است — اعتبارِ ہر کس از کارِ خود است
بندۂ مسکین گرفتارِ خود است — شہر بندِ چار دیوارِ خود است
نجنیؔ من کلّ ضیق یا شفیق

حضرت علمدارِ کشمیر ہندس تعریفس منز چھ درجن واد مناقب خانقاہی صاءبن تصنیف کرِ متی سہ

اے شیخ فخر المتقین یا ہور انورہ نورالدین
دے مرشدِ حق الیقین یا ہورِ النور نورالدین
کشمیر را آباد کُن ایں خطہ را آزاد کُن
از جنگِ ظلم ظالمین یا ہور النور نورالدین
شیخ نورُالدین کہ گردوں جُبہٕ سا بر خاک اوست
شاہ انجم خاکبوسِ بندۂ چالاک اوُست
منبع علم لدُنی سینۂ بے کینہ اش
معدن اسرار عرفان معدۂ کاواک اوُست
معنیٔ الفقرُ فخری را نہ کس چوں او شنید
فقر و فاقہ افتخارِ خاطرِ دراک اوُست

ادار چھُ یِتہٕ لِس حضرت بل درگاہ کِس سابقہ امامِ حی تہٕ خطیبِ درگاہ مرحوم غلام احمد فاروقی صابُن اکھ مو مختصر انتخاب کلام شامل کران ۔ موصوف اسی فارسی علاوٕ کاشُر زبانۍ منز تہٕ نعت گوئی کران تہٕ عام پاٹھۍ اسی عاصم تخلص کران۔ موجودہ امام وخطیب مولانا بشیر احمد فاروقی چھِ لیکھان زِ یہُند تاریخِ وفات چھُ ۷، ماہ جمید الثانی ۱۴۱۲ھ مطابق ۱۴، ماہ دسمبر ۱۹۹۱ء بروزِ شنبہ بعدِ نماز عصر۔ یہند کلامُک نمونہٕ چھُ پیش۔

فدائے خاکِ نعلینت دل و جان یا رسول اللہؐ
صدائے ما غریباں است گریان یا رسول اللہؐ

یہٕ اُمت بے سر و سامان غریب و ناتوان گاٗمژ
علم دیِنج پتھر پیمژ زِ الوان یا رسول اللہؐ

زروضہ وونی ہنبراہتو خبر ہیٔ تو بمحتاجاں
بعاصم اکھ نظر کرٕی توٗ زِ احسان یا رسول اللہؐ

---

اے شاہ اقلیمِ قدم
مکہ مدینکُ محترم
چھُکھ گنجِ لُطف و رحمت
والّیل چھُے مویکُ صفت
اندر ازل نوٗن دژاکھ ژے
شاہنشہِ لولاک ژے
عاصم چھُ اُمت زیرِ در
لُطفہٕ کریُس نا اکھ نظر

چھُکھ خاصِ معشوقِ خدا
عربُک تہٕ عجمُک پیشوا
چھُکھ اُمتس پیٹھ مغفرت
رویکُ صفت چھُے والضحیٰ
آخر زمانس آکھ ژے
چھُے مرحبا چھُے مرحبا
براندس سُہ جانُس دِتھ چھُ سر
یا سیّدا یا سیّدا

★

# کاشرِ مرثی منز نعتک حصہ

نشاط انصاری

بلغ العلیٰ بکمالہٖ　　کشف الدجیٰ بجمالہٖ
حسنت جمیع خصالہٖ　　صلوا علیہ وآلہٖ

نعت لفظ کنن گژھو تِھ چھِ یِمہ کاینات پیٹھ سو عظیم المرتبت اعلیٰ ترین تہ بشری شخصیت اچھن برونہہ کُن یوان، یُہند اسم مبارک احمد مجتبیٰ محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم چھُ یمن سرخیل رسالتِ الٰہیہ، خاتم النبیین تہ رحمۃ للعالمین آسنہ علاوٕ اکس لچھس تہ ژوٕوہن ساسن نبی ین، پیغمبرن تہ مرسلن اندر مرسلِ اعظم آسنہٕ نُک شرف تہ حاصل چھُ۔

یہ نعت چھُ تِہندی سے ذاتِ بابرکتس سٟتی تتھے کٕنہ مخصوص یِتھ پاٹھی گولاب پوشہ خاطرٕ تمیُک لوٚبہٕ وُن تہ پڑیہ وُن رنگ تہ سٟتی شمامۃ العنبر خوشبوے چھِ۔ یِنہ لغوی تہ اصطلاحی معنہ مطابق ہیکہ نہ یہ نعت محبوب کبریا صلعم ہِنٛدِ ذاتِ اقدسہ ورٲے بیٚیہ کانسہ تہ نبی لیس یا اہل اللہ ہس سٟتی منسوب آستھ۔

سارنے شعرٕ زانٛژن تہ صنفن ہِنٛدِس کُنہ تہ فارس منز یوسہ کانہہ منظوم تخلیق جناب سید المرسلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم ہِنٛدِس شانس منز پیش یِیہ کرنہ، تتھ چھ نعت وَنان۔ نعت لفظُک لغوی معنہ چھُ تعریف، توصیف محامد تہ خاص کٔرتھ سو تعریف یُمیُک سیدِ سیوٚد تعلق دانائے سُبلُ محمد عربی صلعم ہِنٛدِس ذاتِ مقدسس سٟتی آسہ، سو توصیف یتھ اندر فقط تِہنٛدِ نظارہ سوز حسن وجمالُک منظوم ذکر یِیہ کرنہ تہ سو مدح سرائی یتھ منز تِہنٛدِ روحانی تہ بشری وصفن ہِنٛز بادٕتھ آسہ۔ اکھ خاص تناظرس منز دوٚنو نعت، بائے سہ کُنہ تہ

فارسس منز آسن تمہٕ کلامس یتھ اندر اشرف الانبیاءؐ صلعم ہُند سراپا، شکل وشمایل، قدِ زیبا، حسنِ ملیح، جلالِ نبوّت، سیرتِ طیبّہ، اُسوۂ حسنہ، اوصافِ ربّانی، اقدارِ مُطلقہ، بشری کمالات، معجزٕ، صفات حمیدہ سیٹھاہ سلیقہ مندی سان حفظِ مراتبہ سان بیان ین کرنہٕ۔

رسولِ ثقلین صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سنز لوبہ گو ڈنیُک تعریف وتوصیف تہٕ مدح خوانی کرنہٕ چھے آمژ، سو چھے صحیفہ ہدایت قرآنِ حکیم یُس اکہ وُہمہ تہٕ زٕ وٕہہ سپارٕ اندر سورۃ احزاب کِس آیت ۵۶ ہس منز صبح قیامتس تام محفوظ تہٕ موجود۔ اتھ آیہ مُبارکس منز چھُ باری تعالیٰ ارشاد کران "اِنَّ اللّٰہَ وَمَلٰئِکَتَہٗ یُصَلُّوْنَ عَلَی النَّبِیِّ یٰا اَیُّھَا الَّذِیْنَ آمَنُوْ صَلُّوْ عَلَیْہِ وَسَلِّمُوْ تَسْلِیْمًا" یعنی ذاتِ باری تہٕ تہندی فرشتہٕ چھِ ہینس ٹاٹھس نبی یس پیٹھ درود سوزان۔ اے ایمان دارو تُہۍ تہٕ رٹو زٕ لو تمن درود تہٕ صلوات سوزان تہٕ برابر سلام کران۔

اتھ درود تہٕ صلوات مرکب لفظکس معنہٕ مطلبس ییٚمہٕ وزٕ سوٗ، سام ہیموٚ تہٕ اتھ پیٹھ غور کرو، یہ خاص نوقطہ ییہ مجسم بنتھ برونہہ کُن زِ نعتُک صحیح مطلب چھُ اشرف الانبیاء صلی اللہ علیہ وآلہٖ واصحابہٖ وسلم سندین وصفن، جلال وجمالُک تہٕ سیرتِ طیبہٕ ہُک تذکرٕ شعرٕ قالبس منز ترآوِتھ تیتھ پاٹھۍ کرُن، یُتھ تہُند سراپا، شکل وشمایل تہٕ خدوخال اچھن برونہہ کُن ییتھ سانہٕ رحمتُک تہٕ سعادت مندی ہُند باعث ہیکہ بنتھ۔ نعتُک یہ خاص مفہوم زیرِ نظر تھاوِتھ ہرگاہ اکھ نعت نگار نعتہ کِس یمن مخصوص لوآزماتن اندرٕ ہنانہٕ انحراف کرِ، تیٚسنز تخلیق ہیکہ کیہنہ تہٕ بنتھ، اما نعت نہٕ کیہنہ تہٕ۔ یوہے مفہوم نظرِ تل تھاوِتھ چھُ فارسی زبانۍ ہُند ناماور شاعر جمال الدین عُرفی ونان ؎

عرفی رہِ نعت است دریں بادیہ مشتاب
ہُش دار کہ سر بر سرِ تیغ است قلم را

مرزا غالبس ہیوٚ قادر الکلام شاعر تہٕ چھُ نعت لیکھنس اندر بے بسی ظاہر کرِتھ یہ سیٹھاہ نوزُک تہٕ حساس پاک کام پروردگارس پیٹھ ترآوِتھ ونان ؎

"غالب ثنائے خواجہ بہ یزداں گذاشتیم

کاں ذاتِ پاک مرتبہ دانِ محمد است"

عرفی تہٕ غالب ہنز مبنی بر حقیقت باوُژ نَلہٕ چھُ واضح ہیدان زِ عالم ناسوتہٕ پیٹھٕ عالم جبروتس تانی ہرگاہ کأنسہِ تہٕ بشری شخصیژ قربِ الٰہی آسنُک شرف تہٕ سعادت حاصل چھےٚ سو چھےٚ فقط فخرِ موجودات محمد مصطفےٰ صلعم ہنزے عظیم ترذات۔ عبدالرحمان جامیؒ چھ پیغمبرِ اسلام صلعم بندٕ اَمہِ عظمتچ پیکر تراشی یمنہٕ یِتھ رباعی منز تمہِ لاجواب اندازٕ کران زِ بہلہِ پایہٕ کین نعت نگارن ہندِ ن قلمن ہنز میلے چھےٚ خوشک ہیدان تہ

یاصاحب الجمال ویاسید البشر

من وجہک المنیر لقد نورُ القمر

لایمکن الثناء کما کان حقہٗ

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

یہ "بعد از خدا بزرگ توئی" وَنہٕ نُک مطلب چھُ بلکل واضح زِ نعت نبیؐ وَنُن تہٕ اَتھ موضوعس پیٹھٕ دسگاہ تھاوُنک دعوی کرُن چھُنہٕ پرتھ کأنسہِ شاعرُ سند ہنرُ۔ تہٕ کیازِ ے "باخدا دیوانہ باش و با محمدؐ ہوشیار باش" کہ تعلقہٕ نعت تخلیق کرُن چھُ پرٛزی کنی اکھ مشکل ترین مرحلہ تہٕ اَتہٕ چھےٚ کِنہٕ کِنہٕ بہلہِ پایہ تہٕ نمائندہ شاعرن تہٕ لغزش گرٛژھان۔ اَمہِ لحاظہٕ یہ کینژھا تہٕ کأشرِ زبأنی اندر گوڈٕ دورٕ پیٹھٕ برابر از تانی نعتہٕ کِس حاس موضوعس پیٹھٕ لیکھنہٕ تہٕ وَنہٕ چھ آمُت، تمہِ اُندرِ نیر وارِیاہ کم حصہ نعتُک، اَمیُک خاص وجہ چھُ یہ زِ کأشرِن نعتن اندر چھُ شاعر غیر شعوری طور نعتُک صحیح مفہوم اوُک طرف ترأوِتھ اتھ اندر پننُ ذأتی بنٕ گُدرُن، ناداری، مفلسی، بے بسی، تنگ دستی تہٕ بیکسی بیان کران، یُس نعتُک کانہہ حصے چھُنہٕ۔

رُوُد سوال کأشرِ مرثی منز نعتُک حصہ کیاہ تہٕ کوتاہ چھُ؟ اَتھ متعلق کینہہ وَنہٕ برونہہ چھُ یِتھ ڈینجہ پَنُن ضروری زِ کأشرِ زبأنی اندر چھُ شاعری ہُند دسلابہ مذہبی تہٕ دینیأیی شاعری منز پیدٕ مُت، یِتھ اندر حمدِ باری تعالیٰ،

نعت، منقبت، مدح تہٕ لیلایہٕ اُمہٕ شاعری مُنٛد موضوع مرکزی حیثیت آسو تھاوان۔ چنانچہ یمہٕ ہتھ شتھ فارسی رزمیہ تہٕ بزمیہ مثنوی یہ کأشرِ زبأنی منٛز بھرنہٕ چھےٚ آمٕژ، تِمن مُنٛد آغاز اوس حمد باری تعالیٰ، جناب آنحضورؐ ہنٛز مدح سرائی تہٕ مشائخن تہٕ اہل اللہ ہن ہند لو منقبتو ستۍ کرنہٕ یوان۔ مثالہٕ رٚنگۍ نمو امیر شاہ کریری ہنٛز "سام نامہٕ" مثنوی ہُندٕ یہ نعت:۔

محمدؐ چھُ پیغمبر ذوالکرام
چھُ شاہنشہِ انبیائے عظام

تتھےٚ پادشاہا چھُ عالی نشان
بہر سو چھ تس اوٚبرٕ ٹنگی سایبان

خدایُن سُہ کوٚر رحمت اللعالمین
غلاما چھُ تس جبرئیلِ امین

سرن منٛد چھُ سرورٕ سہٕ والشمس روے
ہرن تس چھُ عنبرٕ وانیل موۓ

سہٕ ذاتِ مبارک تسُند چون بہار
توۓ چار حدیے گژھن مُشکدار

ردائے مُدثرٕ ڈلتھ مرحبا
کرٕتھ خاصہٕ در مزمل قبا

تسُند نوٗر بو آدس در جبین
فرشتو توۓ سجد دیت بر زمین

خلیلس ڈیکس منٛز سہٕ انوار بو
توۓ تس پیٹھن نار گلزار گو

حالانکہ نعت چھنہٕ مثنوی ین ہُند کانہہ جزٕ مانہٕ یوان، اما کأشرِ زبأنی ہندِس رثائی ادبس منٛز یمن کلاسیکی مرثیین ہند وافر سرمایہ کأشرِس ادبس منٛز موجود چھُ تہٕ یمن ہنٛز ہیت تہٕ فارم بیٚین زبأنین، خاصکر تہٕ اردو تہٕ فارسی ہنٛز مرثیو نِشہٕ بلکل بدٕلِتھ تہٕ چھرا کأشرُ چھُ تہٕ بقولِ محمد امین کامل کأشرِن مرثیین ہُند فارم چھُ سے، یُس کلام مجید کین سورن ہُند چھُ۔ کأشرِ زبأنی ہنٛز یمہٕ کلاسیکی مرثی چھےٚ شہیری دور پیٹھٕ ڈوگرہ دورٕکس مہاراجہ پرتاپ سنگھ نس عہدس تام باقاعدگی سان لیکھنہٕ آمژٕ تہٕ یمن ہندی اجزائے ترکیبی فارسی تہٕ اردو زبأنی ہنٛز مرثی یو نِشہٕ بلکل وکھر چھ۔ یم اجزائے ترکیبی چھ دٕہن یا نشرن پانژن قسمن ہندی یمو منٛز اکھ حصہٕ حمدٗ، نعت، مدح، معجز تہٕ درد اُکس مرثی اندر گوڈٕ پیٹھٕ تہِرس تام برابر قایم چھ روزان۔ یعنی اکہِ مرثیُک گوڈنیُک بند گوٚو حمد، دویم بند نعت، ترٛیم مدح، ژٕورِم معجز تہٕ پٔنژم درد۔ گوڈنکۍ ژور

حصہ چھ گرٕ سنز منز اکے اکے آسان، اما درد حصہ چھُ وارِہن بندن پیٹھ مشتمل آسان۔ اجزائے ترکیبی ین ہند بیاکھ حصہ چھُ برخاست، دُبالہ گتھ، کریچھ تہٕ نشست تہٕ ایمیک تعلق چھُ اکس بندس یتھ مرثی اصطلاحس منز چھیر چھ ونان، یتہٕ روزان یعنی پرتھ مرثی چھیر منز چھ برخاست، دبالہ، گتھ، کریچھ تہٕ نشست اجزائے ترکیبی لازم ملزوم۔ گوڈنکہ قسمہ کین اجزائے ترکیبی ین اندر چھُ دوٚیم خاص جزٕ نعت تہٕ امہ ورأے پھٔے اکھ مرثی ناکمل تصور یوان کرنہٕ۔ مرثی ین اندر نعتُک یہ حصہ چھُ دراصل اصول اسلام کیو پانژو رُکنو توحید، نبوت، امامت، عدل تہٕ معاد منز دوٚیم رُکنُن یمیک مطلب نبوتُک دلی اقرار تہٕ ایمیک تبلیغ کرُن چھُ۔ کأشر شاعری ہندس رثائی ادبس منز چھے بیاکھ نثر جدت یوسہ کنہٕ زبانی ہنزن مرثین منز چھے نٕی نہ، اما یہ چھے حأرانی ہنز کتھ زِ یتھ ہیو کأشُر شعر سرمایہ چھُنہ وُنہ تہٕ عام لکن تام واتنا دِنہ آمُت۔

سانہ زبانی ہندیو یمو مُصنفو تہٕ شاعرو کلاسیکی مرثیہ وِنہ چھے، تمو چھُ نعتُک صحیح مفہوم زیرِ نظر تھاوتھ اکھ خاص موضوعس پتہٕ پورٕ انصاف کوٚرمُت۔ مثالے پھٔے جبہ کدلہ کس منشی حکیم عظیم سنز۔ اکھ مرثی "کتاب" عنوانہ، یتھ اندر مصنف حمد چھیر انداوِتہٕ ناوتھ پیغمبرِ آخرالزمان جناب محمد مصطفیٰ صلی اللہ علیہ وآلہ واصحابہ وسلم ہنز مدح سرائی یتھ پأٹھی کران ؎

کوٚرتھ خاتم "رسالہٕ رسالت" مرسلن انتخاب (برخواست)

"کتاب خانہٕ قدرت" تس بوتسلیما ″

سُہ نبی ین ہند مُقدم تہٕ موٚخر یانی دِیہ درشن (دُبالہ)

گوٚو صحیح دین، ہتم ساری ملت منٛن

تہند مدارج نبوتُک "معراج" اکھ باب (برخواست)

تس قدسی شاگرد دٕزن استادس کراں تعظیما

ہوٚون معجز پھِرن "درقِ شمس" حجت ساطع صاحب بینش (دبالہ)

"شق القمر" برہانِ قاطع اہلِ دانشن (دُنبالہ)

دِین مُدعی تہٕ یانٛہ سہٕ اُمیؐ اُم الکتاب" مُژرے (گنٛتھ)
چھُنہٕ درپیے نہٕ در سینہ' بُس علما تس گُذرے "

تہندِ لوحِ صدرُک شرح" الم نشرح" تہنز نورِ پیشانی سورہ رحمٰنؔ آتے (کریچھ)

"معلمِ ناطق" چھُ حیرانو' بہٕ دِتہٕ کیاہ تعریف تس (گنٛتھ)
چھُ مجموعہٕ قرانُو تفسیر "

گو ونہندِ رے باعثہٕ آدمؑ وخلیل پیدا، سہٕ غایتِ ایجادِ اب وجدا ۔ (نشست)

یتھ نعتہٕ چھیر منز چھُ ملا حکیم عظیم یزِ دکنہٕ سمندر قطرس منز ژومراوِتھ رسولِ خدایہ ہندِ عظمتُک نشان دِہی کرِتھ بادشہٕ کران زِ باری تعالیٰ ہن کوٗر سارِنے نبی ین تہٕ مرسلن اندر عالمِ بشریت کِس نجات دِہندہ جنابِ محمد صلی اللہ علیہ وآلہٖ وسلم سُند انتخاب کرِتھ تمن پننہٕ قدرتُک کتاب خانے حوالہ تہٕ پنُن رازدان بناوِتھ کوٗر تمہٕ پننہٕ کُتب خانہٕ کِہو سارِ دیو مخطوطاتو تہٕ صحیفو منز سیٹھہٕ موٗلُک ، لاجواب تہٕ عظمتہٕ وول صحیفہ ام الکتاب یعنی قرآن حکیم عطا ۔ یہ اُس اللہ تعالیٰ ہندِ طرفہٕ اکھ تِرتھ موہٕ لج ڈالۍ ، یوٚسہٕ عاشقن پننِس محبوبس یِژتھ تہٕ پرتھ پیش کرٕ ۔
شاعر چھُ ونان زِ پیغمبرِ اسلامؐ سُند نورِ مبین اوس یہٕ کاینات وجوٗدس منز ینہٕ برونہہ لچھ واد ڈری تخلیق آمُت کرنہٕ جنابِ محمدؐ آیہٕ سارِنے نبی ین، پیغمبرن تہٕ ہادی ین ہندی سردار تہٕ آخری برگزیدہ رسول بناوِتھ مبعوث کرنہٕ ۔ یتھ عالمِ ناسوتس اندر جلوہ افروز پیدنہٕ پیتہٕ آو تہندُ دینِ مبین مکمل کرنہٕ

شاعر چھُ اکھ نعتس منز یہ کتھ وِرژھناوان زِ معراجُک واقعہ چھُ جنابِ آنحضورن صلعم ہندِ نبوتُک تہٕ تہندِ صحیفُک اکھ حصہ ۔ جنابِ رسولِ خدایہ ہنز وِیہمو بلند درجہٕ کِنہٕ آسی باری تعالیٰ ہندی فرشتہ تمن پنُن معلم زانتھ شاگردن ہندی پاٹھۍ تہند تعظیم رچھان تہٕ ادب کران ۔ جنابِ رسول اللہؐ

اَسی تمہ مرتبکی معجز نماز مہر عالم تاب چھ کتابہٕ ہند ورق پھرتھ، یتھ اصطلاحس منز ردِ شمس چھ ونان، کرِ کھ اہلِ بصیرتن بروٚنہہ کنہٕ پننہٕ رسالتچ تہٕ ہادیٔ برحق آسنچ اکھ روشن ترین دلیل پیش۔ بیتھٕ نہٕ بلٚکہ کرِکھ معجزہٕ شق القمر ہاوِتھ یِمہٕ دنیا کین گاہ بین تہٕ بینا دارن ہندین ذہنن پیٹھ پننہٕ بجرکی تہٕ مشہود حق آبہٕ نکی نقوش تہٕ ثبت۔ رسول انقلاب محمد مصطفیٰ صلعم، یمن کانہہ رسمی یا غیر رسمی لکھٕ پرٕ آسن نہٕ، یِمہٕ وزٕ اُم الکتاب کین آیاتن ہند معنہٕ تہٕ سورۃ ہائے قرآن بیان آسی کران، مختلف علومن ہندی دعویٰ دار اَسی کلہٕ نوٚمراوِتھ یہ حقیقت تسلیم کران زِ بڑی کنہٕ چھ ابنِ عبداللہ جناب محمد عربی صلعمن دُنیاہکی ساری علوٗم کلہم پاٹھو معلوٗم۔

مُلّا حکیم عظیم چھ اَتھ نعتس منز آنحضورؐ ہنز تعریف و توصیف کرِتھ ونان زِ قرآن مجیدک سورۃ الم نشرح چھ سرورِ کائنات پننہٕ دلِ مبارکچہ مشقہٕ ہنز تشریح تہٕ وضاحت۔ سورۂ رحمان نکی آیات چھ تہنز پرٕزل وُنہٕ پیشانی ہندی اَیینہٕ دار۔ تاجدارِ انبیا سُند بجر چھ تیوٚتاہ مُسلّم زِ جبرئیل امینؑ تانی چھ تہندی بیشمار وصف تہٕ سیر بیان کرنہٕ نِش عاجز تہٕ قاصر۔ محبوب کبریا سند بجر چھ پچھے یہے دلیل زِ خالقِ کائناتن کوٚر یہندی دَمہٕ ابوالبشر حضرت آدم علیہ السلام تہٕ حضرت حواؑ بینہٕ حضرت ابراہیم علیہ السلام مبعوث بہ دنیا تہٕ یہندہے لولس منز آیہٕ یہ کائنات وجوٗدس۔ اَتھ پرٕزس چھ "لولاک لما خلقت الافلاک" حدیثِ قدسی گواہ۔

یِیمہٕ مرثیک ناو "کتاب" آسنہٕ کہٕ تو سٕلہٕ چھ کتابہٕ سٟتی تعلق تھاون والیو تجنیسی متعلقاتو، اصطلاحو، اشارو، تشبیہہ تہٕ استعاراتو علاوہ صنائع بدائع تہٕ دوٚیمن ادبی نوٚقطن ہند خیال تھاوُن لازم ملزوم تہٕ یمو ادبی صنایو منز چھ صفتِ ایہام ژوٚرُے یہن ورتاونہٕ یوان۔ یہ خیال چھنہٕ مرثی کیو اجزائے ترکیبو منز کُنہٕ اکی جزٕ باپتھ لازمی بلکہ سارِنی اجزائے ترکیب ین منز چھ یمن ہند استعمال سیٹھے ضروری۔ چونکہِ چھ وُنی کینس موضوع تہٕ نعت پیش آد کرنہٕ یتھ اندر چھ کتابہٕ ہندیو متعلقاتو منز رسالہ، کتاب خانہ، تسلیم، مقدم، موخر یعنی کتابہٕ ہند گوڈ تہٕ پتھٕ، باب، مشق،

شاگرد، استاد، تعظیم، ورق، اہلِ دانش یعنی تم لکھ یم کتابن ہُند مطالعہ کرُتھ گاڈ جارچھ پراوان، اُمی، اُم الکتاب یعنی کتابن ہنز موج تہٕ زن گوو قرآن مجید، درس علم، لوح یعنی مشق یا دوُج، یُتھ ہیٚتھ تاڈ شُرس اُتھ درنہ باپتھ اصلاح چھُ دِنہٕ یِوان، سورہ، آیہ، معلم، قرآن، تفسیر، تشریح، غایت بیترِ۔

کلاسکی مرثین اندر حمد، نعت، مدح، معجزٕ تہٕ درد پانژھ اجزائے ترکیبین ہنزن مختلف چھیرن منز چھنے نعتہٕ چھیرے ترٛٲوِتھ، یُتھ منز زیادٕ تر عربی تہٕ فارسی زبانن ہندی مفرد تہٕ مرکب لفظ، اصطلاح، تلمیح، تشبیہ، استعارٕ تہٕ صنائع لفظی تہٕ صنائع معنوی بسلہٕ پاُٹھی ورتاونہٕ چھِ یِوان۔ اَمہ باپتھ گژھ مرثیہ نگارس مذہبی کتابن، فقہ، حدیث تہٕ قرآن شریفُک گہر مطالعہ آسُن تہٕ عصری دورس منز کلاسکی فارمچہ مرثی نہٕ لیکھنُک خاص وجہ چھُ مذہبی کتابن تہٕ صحیفہٕ ہدایت کہ مطالعہ نشہٕ سون دوٗر رٔوُن تہٕ لاتعلقی تہٕ کاشرِس شعرادبس منز چھُ اَتھ طرزس ہیٚتھ مرثی تخلیق کرُن وۄن علمی طور بند سپدمُت تہٕ زیرِ بحث مرثی چہ نعتہٕ چھیر منز چھِ رسالہٕ رسالت، کتاب خانہٕ قدرت، مقدم و مؤخر، ورقِ شمس، حجتِ ساطع، شق القمر، برہانِ قاطع، اُم الکتاب معلمِ ناطق تہٕ اب وجدا ہِوی متعلقات تجنیسی تہٕ اصطلاحی لفظ ییلان تہٕ یِمہ ہٕکن صنعت ایہام کِس زُمرس منز تہٕ یِتھ۔ یعنی یوزن ڈالمُت مقصد آسہِ لفظکِس قریبی معنیس سٕتی، امام متکلم یا دٔپن والمُت مراد آسہِ اَمہ کِس بعید معنیس سٕتی تعلق تھاوان۔

مثلاً اب وجدا اَمیُک قریبی معنہِ چھُ مول تہٕ بُڈِ ب، مگر بعیدُک معنہِ چھُس حضرت آدمؑ تہٕ حضرت ابراہیم خلیل اللہ، معلمِ ناطق یعنی قریبی معنہِ چھُ اَمیُک کتھ کرُن عالم، اما دوٚیمہِ اندہ چھُ اَمیُک مطلب جبرئیل امینؑ، اُم الکتاب، تہٕ زن گوو کتابن ہنز موج، ییلہِ زن اَمہِ نش قرآن شریف مراد چھُ۔ ورق شمس، اتھ چھُ قریبی معنہِ آفتابچ کتابہ ہند ورق، اما بعید معنہِ چھُس ردِ شمس تہٕ یہ چھُ تتھ معجزس کُن اشارٕ، ییلہِ جناب حضورؐ لوبہ دُن آفتاب واپس پھیرُ۔ مقدم و مؤخر لفظُک اکھ معنہِ چھُ گوڈٕ تہٕ پتہٕ بیاکھ چھُ سرورِ کونین صلعم سُند افضل الانبیا، تہٕ خاتم الانبیا، آسُن کتاب خانہٕ قدرت، اَمیُک قریبی معنہِ چھُ خدایہ سُند کتب خانہٕ، اما بیاکھ مطلب چھُ خدایہ قدوس

سُند ینن لوٗکھ محبوب رسولِ لولاک صلعم ینٕ سِر اوج بناوُن ، یتھ یک واضح ثبوت معراج چھُ تہٕ رسالۂ رسالتُک قریبی معنہٕ چھُ پیغمبری ہنز کتاب یا دستاویز ، مگر بعید معنہٕ چھُس تمام پیغمبرن تہٕ ہادین ہُند پیشوا تہٕ سردارِ حُجّت ساطع لفظُک معنی قریبی چھُ پزٕ زٕل دٔنی دلیل پیش کرن وول اما معنی بعید چھُس رسولِ خدایہ سُند آفتاب صورت روئے زیبا۔

اکہِ مرثیکہِ یمہٕ اہم علمی تہٕ ادبی زاوٕجارٕ چھِ مرثی نگارٕ سِندِ علمی بجرٕچ ، تمی سِندِ وسیع مطالیچ ، مذہب ، حدیث ، فقہ تہٕ باقی مذہبی امورٕ تٕن ہنزٕ واقفیت ، فصاحت و بلاغت ، تسُند لفظِ اسلوٗب ، تبحرِ علم ، مخصوص اندازِ فکر ، جدّتِ ادا ، معنی آفرینی تہٕ تَسندِ تخلیقی قوتچ پوٗر ٹریٕنٕ دِن دِوان ۔ نعتُک یُس حصہ کاشرِن کلاسیکی مرثیَن اندر اکہِ لازمی جُزٕچ حیثیت چھُ تھاوان ، تتھ منز چھِ جناب رسالت پناہ صلی اللہ علیہ وآلہٕ وسلم سِندی صفاتِ حمیدہ تہٕ تِہنز مدح سرائی کُنہٕ ملاوٹہٕ ورأے بیان یوان کرنہٕ تہٕ تہندی یم تہٕ محامد تہٕ سیرت پیش چھےٚ یوان کرنہٕ ، تمیُک ماخذ گژھِ قرآن ، حدیث تہٕ معتبر تہٕ مُستند روایات آسٕنۍ۔

اُمی ہِسے ملا حکیم عظیم سِنز بیٚیِس اُکس مرثی یُک نادچھُ " خالق الکلام " یمیچ بہٕ نعتہٕ چھِ تَسندِ تبحرِ علمُک تہٕ قادر الکلامی ہُند ٹاکارٕ ثبوت چھُ ۔

ٕ سوٗزٕتھا افصح الفصحاء حضرت صؐ فصیح زبانے
فصاحت و بلاغت کرٕ تمی اُمّی تمام
بیٚلہٕ وَنہٕ حدیث اَنَا اَفصحُ مَن نَطَقَ والا گوہرو
لبہٕ گوٗش معانی زیورو
شہٕ مدعای وَمَا یَنطِقُ عَنِ الھَویٰ امرِ خدا ملنے
کرہٕ سن نہٕ نطق وا زانہہ بے وحی دالہام
سٕے سخن سنج گنج معانی سخنورو
ساری سر باوِتس دادرو
اُسی ملک اتھ داران تس کتھن ، وندان زٕو دِتن جبرئیلو




زلو اذ نبی ین تہندی کلمن اوآئیلو
کرِ ہیلہِ کلیم سُے ناو وردِ زبان
زبس لکنت، سپہ نُس حق سبحان کتھن گوش گزارو
کوز حلقہِ داؤودس تہِ اثرو، تہندی شیرین مقال
دم عیسیٰؑ روح پرورو چھُ زندہ تہندے خیال
سبُن نوحؑ نبی سُے ناو ہتھ، تس تہِ ہیچھ ناوِ بکہِ ناوُن سفینا۔"

کاشرِ زبانی اندر تخلیق کرنہٕ آمژن تمام کلاسکی مرثین ہنز نعتک حصہ چھُ شاعری ہندِ امرِ موضوعک سُہ اہم جز، یُس پننہ معنہ مفہومہ مُطابق نعتس سٍتؠ مطابقت تھاونس ہنز پنژ مثال پانہ چھُ تہ اتھ حساس تہ نوزک موضوعس پیٹھ طبع آزمائی کرِتھ، یُس صحیح حق کلاسکی مرثی نگارو ادا چھُ کورمُت، تمِچ مثال ہیکہ نہ سون مابانی نعتیہ کلام پیش کرِتھ، تکیاز نعت نہ چھُ پننہ لغوی معنہ مفہومہ کنہٕ رسولِ مقبول صلعم سنز عظمت، بجر، مدح سرائی تہ تعریف توصیفہ ورائے بنیین فروعی کتھن ہند متحمل بناوُن زیبا تہ نہ مُناسب۔

---

اُمتکہِ غمخوارہ بڈِ سرکارِ دل آوارِ چھمُ
آرزو چھمُ چانہِ دیدارک، یہِ دِل چھمُ بیقرار

عالمکہِ سردارِ بخشنہارِ غم کاسُم تمام
بُلبُلا زن اِنتظارس نوبہارس صُبح وشام

(غلام احمد مہجور)

---

ژھُک نورِ الُور تہ شمعِ ہدایت
یتھ پیمتن کر تہ نظرِ عنایت

شفیع چون آسُن چھُ بخشان راحت
یتھ پیمتن کر تہ نظرِ عنایت۔

ژنے ڈیشتھ نبس تارکن نُو چھلے لج
ژبے ڈیشتھ جہانس زمینس وُنل ژج

وُچھس میج پرتھ ڈُدوُنس نُو طراوت
یتھ پیمتن کرتہ نظرِ عنایت

چھُ بعد از خدا روتبہ چونے مُسلم
ژھُک شش جہانس نبی مُکرم

بلاشک ژھُک آفتابِ سعادت
یتھ پیمتن کر تہ نظرِ عنایت

(معراج ژکوی)






# مولوی صدیق اللہ حاجنی

## سنز نعت گونی

پروفیسر مشعل سلطانپوری

کاشرِ شاعری ہندِس تواریخس منز مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند مقام تہٕ کاشرِ دینی شاعری تُہند دیُت نظرتل آسنہٕ کنۍ چھےٚ اکھ غلط فہمی عام پیمنز مِژ زِ تِموچھُ نعتگ ماداں تھتھے پاٹھۍ پننہِ بائیتھ مخصوص کورمُت یتھہٕ پاٹھۍ عبدالاحد نادم صابن یا تھوے بانفے شاعر کورمُت چھُ۔ مولوی صابس سائل تخلص تُہند آسنہٕ چھِ، سائل صابنز ساری نعت تِہندے پتھ کھانس نزدیک آمِتہِ۔ اُتھ غلط فہمی تُل تحریری حسابہٕ رشید نازکی صابن دس، یمو عبدالاحد نادم صابنٕز کلیات ترتیب دِنہٕ وِزِ گوڈنکہٕ لیکھان سائل سندی وُنی متہ نعت یمن کُن منسوب کرِی تہٕ وونُکھ زِ حضرت سائلن چھِ بےٚ شمار نعت تہٕ شمائل نبوی تہٕ لیوکھمُت۔[1] یموچھِ پتہٕ اکھ بیانس نظر ثانی تہٕ کرِ ہِژ تہٕ لیوکھمُت سائل چھُ اَمی دورک بیاکھ شاعر، اُمس چھُ صدیق اللہ ناو۔ مےٚ چھِ بزونٹھ کنہٕ تام یہ صدیق اللہ حاجنی گنز رودمُت، مگر تحقیق در تحقیق تلہٕ چھِ نتان زِ اَمہِ ناوُک چھِ بیاکھ شاعر تہٕ ادسمُت' یہ گوو صدیق اللہ شاہ ساز، یمہٕ خدیجہ نامہ لیوکھمُت چھِ تہٕ ہنا برونٹھ پہن یکتھ چھِ۔ تِم لیکھان زِ مےٚ چھُ باسان یوتام تہٕ یہ شابتھ گژھہ زِ یہ کلام چھُ مولوی صدیق اللہ حاجنی سُند توتام پزِ اَمہِ سہٕ مشہور نعت ییمک مطلع چھُ سہ

نورُک گاہ بیوٚد سنگر مالن
دوٚپ لا یزالن جبرئیلس[3]

صدیق اللہ سائیلنےٚ مانُن تکیاز تِمۍ چھُ خدیجہ[4] نامس منز اکثر جاین سائل تہٕ تخلص لیوکھمُت[5]

---

[1] کلیات نادم۔ ص ۴۴ [2،3] کاشری نعت تہٕ مذہبی ادب رشید نازکی 'کاشر زبان تہٕ ادب نمبر'، سون ادب ۱۹۷۶ء



اَمہِ بیانہٕ سٟتۍ سپیٚز بیاکھ غلط فہمی یہِ زِ سائل تخلص کرن وٲلس شاعرس چھُ صدیق اللہ ناو۔ میے لوٚب نہٕ کُنہِ تِرُہ شہادتھ یَمہِ سٟتۍ اَتھ تصدیق سپدِ ہا۔ کیٛوٚنکہ کالاگرُ ہتھ آیہِ بیاکھ معتبر کتاب بوٚنہٕ کُنُ، یہ گیہِ مرزا عارف تہٕ بشیر اختر صابنٕ ترتیب دِژمٕژ کتاب "نوٗرٕ آگُر"۔ یوٚسہ پنداہم صدی ہجری تقریبات مناونہٕ کِس سِلسِلس منز جموں وکشمیر کلچرل اکادمی ۱۹۸۷ءیس منز چھاپ کٔر۔ اَمہِ کِس فہرستس منز چھُ ے "نوٗرُک گاہ بیوٚد سنگرمالن۔ دوٚپ لایزالن جبریلس" مطلع ہُک نعت مولوی صدیق اللہ سائل سُند مانہٕ آمُت تہٕ اَمہِ کتابہِ ہندِس ۲۷۲ صفس پیٹھ اَتھ نعت شریفس پیٹھ کنہِ مولوی صدیق اللہ حاجنی سائل درج۔ ظاہر چھُ زِ کاشرِس ادبس منز کِمہِ میچھنٕ سان چھِ تحقیقی کام کرنہٕ یوان۔

"خدیجہ نامہ" چھُ صدیق اللہ شاہنہٕ سازن وَونمُت تہٕ سُہ چھُ پانہٕ تہٕ نعت گو اوسمُت یہ زن گلشن نعت[1] کتابہِ منز شامل تٔہندِ ناو درج یَمہِ نعتہِ کنی نَنان چھُ ے

لول چونے آم وارے یا شفیع المذنبینؐ
واہ بوزُم زاہ پارے یا شفیع المذنبینؐ

لیکھتِس منز چھِ وَنان ے

از صدیقس بوز زارے یا شفیع المذنبینؐ[1]

صاف چھُ ظاہر زِ سُہ چھُ صدیق تخلص وَرتاوان نہٕ زِ سائل۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی ہنز کتھ کران چھِ یہ وَنُن تہٕ مُناسب زِ مولوی صدیق اللہ ناوی چھُ بیاکھ شاعر تہٕ (ترال) ژارِ شریفُک روزن وول یَم نفہ حاتم طے ووٗنمُت چھُ۔ یہ چھُ کُنوہمہ صدی اندر زامُت۔ سائل تخلص ورتاون وٲلی چھِ مے زِ شاعر وُنہٕ آمتۍ۔ اکھ پنڈت وی ناتھ سائل تہٕ۔ بیاکھ غلام قادر سائل یُس سرینگرکہِ لال چوٗک محلُک روزن وول اوس۔ یہ زاو ۱۸۸۹ءیس منز تہٕ ۱۹۵۴ءیس منز گوو یہِ عالمہٕ۔

مولوی صدیق اللہ حاجنی صابنس سائل آسنس یا نہٕ آسنس متعلق اسپیٚز

---

[1] گلشن نعت کلان حصہ سوئم، غلام محمد نور محمد چھاپ ۱۹۶۶ء ص ۱۵

تمام قیاس آرائیہ تمہٕ وز نختم بیٚلہٕ پروفیسر محی الدین حاجنی صابنہٕ ترتیب دِتھٕ کلیات مولوی صدیق اللہ چھاپ سپدِتھ بروٚنٹھ کُن آیہ ۔ اتھ منٛز ہ چھنے تہندِس سائل تخلص ورناونس متعلق کینٛہہ شہادتھ میلان تہٕ نہٕ چھ تم نعت اتھ منٛز شامل یم سائل صابنہٕ چھ ۔ یہٕ کلیات پرٕتھ چھُ نناں زِ اگر نعت اکہٕ شارہٕ ذاترٕ زٕنگی مدِ نظر تھاوٕ وٕنیلہٕ ہیٚکہٕ مولوی صدیق اللہ اہم نعت گو شاعرن منز گنزراونے یتھ کلیاتس منز چھ کُرتامے نعت میلان ، تمہ تہٕ حمد پیٚتہٕ کتابن ہندِ گوڈتہٕ زٕنگی ، بیٚین مثنوی گو شاعرن ہندی پاٹھی وننہٕ آمتی ۔ اگر نعت موضوٗع لحاظہٕ نموٗن تیٚلہٕ چھُ یہٕند دیُت پھرُن لایق ۔ مثالہٕ پاٹھی شکل و شمائل آنحضرتؐ ، تہندی معجزات ، مغازی النبیؐ یک گوڈنیُک حصہ بیترٕ ۔

مولوی صابن لیُس مادان پنٛنی ہونر ہاونہٕ باپتھ مخصوٗص کورمُت چھُ ، اتھ منٛز چھُ وارِیاہن موقعن پیٹھ قلمس واش کڈنس وار اوسمُت ، یتھین موقعن پیٹھ ہیٚکہ شاعرانہٕ کمال ہاونہٕ یتھ ، پوٚز یمن موقعن ہُند چھنہٕ فایدٕ تُلنہٕ آمُت ، شاید اوکنٕ زِ تم اُسی شاعر آسنس ستی ستی مولوی تہٕ تہٕ تہند اندرِم مولوی اوس شاعرس لاگم دِتھ ۔ تہٕ ماوکنی زِ تم اُسی صرف واقعات نظماوٕنی یژھان ، یتھ یم لکن جل جل یاد گژھن ۔ بدائع منظوم کتابہٕ منٛز چھ تم اتھ مقصدس کُن پانہٕ تہٕ اشارٕ کران ۔ ونان چھ

یاد تھاوُن چھُ سہل باتو پاٹھی
کاشری باتھ کاشرن چھی ٹاٹھی

اتھ کتھ چھنے خاص کر اُہنز کتاب مغازی النبیؐ تائید کران ۔ یتھ منٛز ذکرِ رسولؐ یک پونزٕ گوب چھُ ، وصفِ رسوٗلکؐ تہٕ ۔ حضورنؐ ہندی غزوات نظماوان چھ سیٚدِ سیوٚد واقعات بیان کرنہٕ آمتی تہٕ تہنز ملکوٗتی سیرت ہاونس کُن کُمے پہن توجہ دِنہٕ آمُت ۔ اتھ کُن چھ تہنز کلیاتکی ترتیب کار پروفیسر حاجنی صابن تہٕ اشارٕ کران ۔ تم چھ لیکھان " اتھ اندر چھ اکثر رسول کریمؐ بحیثیت عظیم فاتح پیش کرنہٕ آمتی حالانکہ یہٕ چھنے اکھ مسلمہ حقیقت زِ تم روٗدی سارنٕے غزوٕن اندر سراسر رحمۃ اللعالمین تہٕ فاتحانہٕ شان و شوکتہٕ نِشہٕ دوٗر" [1]

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ ص ۲۲

کشیر منز چھےٚ مغازی النبیؐ حضرت شیخ یعقوب صرفیؒ صابن فارسی پاٹھی لیچھمٕژ۔ مولوی صابن چھُنہٕ یہ دوٚنیمتےُ زِ یہ چھا تہٕمن طبع زاد کوشش کِنہٕ بنیہ کُنہٕ زبانی منز لیچھمٕژ کتابہٕ ہُند ترجمہٕ۔ واقعات چھہٕ موختصر پاٹھی بیان کرنہٕ آمتی یتھ کُن تِم پانہٕ تہٕ اشارٕ کران چھِ ؎

اگرچہ چھُ در غایت اختصار
بہٕ وُچھ صوٗرتس کُن چھُ مٕعنے بکار
چھُ مطلب بدل شوق ذکرِ رسولؐ
زبانی در الفاظ کیا دیُن چھُ طول

اتھ مثنوی دس تلان چھُ مولوی صابن خلق نور نبیؐ، پیدائش حضور تہٕ تہٕنز ابتدائی زندگی ہندی کینہہ واقعات تہٕ بیان کرٕمتی، یموسٕتی حضورنؐ ہنز عظمت تہٕ فضیلت ظاہر سپدان چھےٚ۔ لہٰذا چھِ یم موضوع کِنہٕ نعتس ستیٚ واٹھ تھوان معجزات النبیؐ بیان کرنکۍ مقصد تہٕ یوٚدوے یوٚہے باسان چھُ زِ معجزات گرٕژھی کاشرِ ن باتن منز ونہٕ یِنۍ، تہٕ کرٕتھ چھِ یم معجزات حضورنؐ ہندس تھزرس، بجرس تہٕ کمالس کُن اشارٕ کران تہٕ امہِ لحاظ نعتہٕ کِس دٲرس منز یوان مولوی صابن چھُ ژٕ دہ یہ ترٕہ معجز منظوم کرٕمتی۔ انداز بیان چھُ وضاحتی تہٕ بیانیہ، کُنہٕ شاعرانہٕ پارٕ وٕ رٕوٗستےٚ۔ مثالہٕ پاٹھ حُدیبیہ گرژھان گرژھان یہ معجزٕ ؎

گے بہٕ حُدیبیہ پیٚلے مصطفےٰؐ
فوج سیٚتھ تشنہٕ کھوٗتکھ بوٚڑ تیٚھا
پیالہٕ ہیوٗ آبہٕ ہنا تیٚتھ اندر
اوٗنکھ کرکھ ذہی دہ وے اوٗنگجہ تر
دہ کولہٕ جاری گیٚہ آبِ طہوٗر
سیر بِنداہ شیٚتھ ٹکھ گے بے قصوٗر

یا خیبر کِس جنگس دوران یہ معجزٕ ؎

خیبرٕ کے جنگہٕ چھوکھا اکوغس      آو سیٚٹھاہ سخ دپان خلق تس

اَتھ چھو کہِ پسے کیہنہ نہٕ بظاہر دوا　　کرچھُ کرُن اَتھ وُں علاجا روا

پیش نبیؐ آو مونٛتھکھ تس لعاب　　چھو کھ تہٕ بلبو گو زِ شفا کامیاب

پروفیسر حاجنی صاب چھِ کلیات مولوی صدیق اللہ ترتیب دِنس دوران عالمانہٕ اندازس منز وارِہن جاین فٹ نوٹ لیکھان۔ معجزُ لفظس وضاحت کرن وِزِ چھِ لیکھان زِ معجزٕ گوٚو سُہ واقعہٕ یتھ تجزیہ کرن وِزِ عقل عاجز سپدِ، قرآن کریمس اندر چھُنہٕ یہِ لفظ آمُت، اَمہِ بدل چھُ آیة (نشانی) یا بُرہان (دلیل) زِ لفظ آمُتۍ۔ محدثین چھِ معجزن "علامات" یا دلائل لیکھان[1]۔ معجزٕ لفظ کتھ پاٹھۍ تہٕ کرِ پیٹھ سپُن مروج تہٕ چھُکنہٕ وونٛمُت۔ مولوی صدیق اللہ چھِ وَنان زِ حضورؐ سندِ ین معجزن چھُنہٕ آنتھے۔ مےٚ چھِ گرُشنا مے بیان کرِ متۍ تکیاز ؎

معجزٕ پیغمبرنے ہندی تمام
بخش حقن ساری بہٕ خیر الانامؐ

تِم چھِ یتھ پاٹھۍ ینُن عجزٕ ظاہر کران ؎

حد کھوتہٕ زیاد چھِ یِم معجزات
اَتھ دولرس کانسہِ نہٕ ینہٕ لوبنہٕ آنتھ
اَتھ دولرس ژھانڈِ بہٕ گوٚنت کوٚنت ترٕ
آب رِ کھالوٚچ بہٕ جاری کرٕ
ترلیشہٕ ہوٚتا دلو کرے تر زبان
وُڈ وُژرے بہر دُعا نا کھان

مولوی صاب چھِ یِم معجزٕ بیان کران ینٛز مبلغانہٕ ذمہٕ داری تہٕ پوٗرہٕ کران تہٕ وعظ خانہٕ سُند فرض تہٕ انجام دِوان۔ یِلہِ کانہہ شخص معجزٕ ہاونک شرط تھاوِ نہٕ ینہٕ، معجزٕ وُچھتھ تہٕ ایمان اَنہٕ ہانہٕ، تَسندِ بابتھ چھِ مولوی صاب یہِ کتھ وَنان ؎

کیا کرے تیٚس آسہِ شقی در ازل　　معجزٕ ترآوِتھ کرے جادس عمل

---

[1] کلیات مولوی صدیق اللہ۔ ص ۳۲۷

یمن منظوم معجزاتن ہُند مطالعہ کرِتھ چھُ یرن وول پزی پاٹھۍ اتھ نتیجس پیٹھ واتان زِ

خط سبز و لب لعل و رخ زیبا داری
حسن یوسفؑ دم عیسیٰ ید بیضا داری
چہرہ و شکل و شمائل حرکات و سکنات
آنچہ خوبان ہمہ دارند تو تنہا داری

کتابہ ہندس اندس پیٹھ چھُ مولوی صاب ونان زِ اصل مطلبس تہٕ مقصدس کُن گژھ کل گژھنۍ، یتھ منز پزِ پہٕ فنکاری تہٕ ہنرمندی تلاش کرنۍ، ظاہر چھُ زِ تہُند مدعا کیا اوس۔ تہُند شعر چھُ سہ

قعرِ یمی بحرِ محیطک پہٕ ژھانڈ    شعر مہٕ وُچھ، آس ڈُنگل کاس زانڈ

توصیف رسولؐ کِس سلسلس منز چھِ تہند لیوکھمُت "شکل و شمائل آنحضرتؐ" قابلِ ذکر۔ اتھ اندر چھُ رسولؐ نازنین سُند سراپا تہٕ تہندی عادات و اطوار بیان کرِتھ آمتۍ مولوی صابن چھےٚ پننۍ شاعرانہ مہارت تہٕ فنکاری ورتاوس منز اَنِنہٕ بِچ پور پور کوشش کرمٕژ تہٕ کرِتھ تہٕ چھِنہٕ اُہندِس ہنس منز تمہٕ عشقہٕ الاوچ گرمی محسوس گژھان یمہٕ سنۍ عبدالاحد نادمُن دل وگہ لیوٗمُت تہٕ فکر روشن پھیرِ مژ آس۔ بہٕ دِمہٕ کینہہ مثالہ سہ مولوی صابن چھُ عرق پاکس متعلق یہٕ شعر وونمُت سہ

تنِ نبی یس اوس عرق مشکدار
آب دہن توشہ کھوتہٕ خوشگوار

تہٕ نادم صاب چھُ یہٕ شعر ونان سہ

گہٕ روٗیک تمن باآب و تاب
باجلا آئینس ژھکِتھ سیماب

موے شریفکۍ تعریف چھِ مولوی صابن یمہٕ آیہٕ کرِمٕژ سہ

موے شریف اوسہٕ تیژ پیچدار
یژنہٕ سیوٗدے تہٕ وُسٹے فکر تار

اوس پھیکیمن تام گاہ آسان زلوٗتھ
ڈلیشہٕ وُنو گاہ کنہ نے تام ڈیوٗتھ

یہ نادم صاب یتھ پاٹھۍ بیان کران ؎

موۓ خوشبوۓ گوٗن سرک اوسکھ
عنبر و مشک انبر سس اوسکھ
ژھوٚٹ تھوٗوکھ سوۓ تابندہ گوش
ییلہ تھوٗوکھ زلوٗتھ بیوکھ تا سر دوش

تہنز پیشانی ہنز تصویرکشی چھنے مولوی صابنہٕ قلمہ یہ ؎
ڈیکہ ڈوسٹ اوس رسول کریم
کانہ تمن وچھنہٕ ڈیکس گینٛز قدیم

یہ عبدالاحد نادمنہٕ قلمہ یہ ؎
رُت کُشادہ جبین نورانی
سورۂ نور چھ سہ پیشانی
اسنکو پاٹھۍ گینٛز بوچھ نہ ڈیکس
سہ تہند ہیو ڈیکے بجر نہ چھکس

قدِ مبارکُک بیان چھُ مولوی صابنہٕ زیٚو یتھ پاٹھۍ ؎
قدمبارک نبی یُس مے سرو ناز
بوتھر یہ سان نہ ژھوٚٹ نے دراز

یہ نادم صاب چھ یتھ پاٹھۍ بیان کران ؎
تھر رس کُن میانہ قد مائل
اوس لولاک خلعتس قایل
مارکن ننز سہ سرورِ والا
قدمیانے تھدبن گرژھان بالا

یہ چھ سہ موضوع یتھ مبالغہ آرائی پد تھے ہیکہ نہ، آداب رچھنچہ بیڑ چھنہ

قلمسے یوت ہیوان بلکہ خیالس تہٕ۔ یِوٚدوے دوشوے شاعر اَتھ امتحانس منز کامیاب پیدی منتو چھ، تاہم چھُ نادم صابن ینہٕ قلمک اعجاز مولوی صابنہ کھوتہٕ زیادٕے پہن ہووُمت۔ سراپا نگاری منز یے پہٕ شمائل بیان کرنس منز تہٕ چھنےٚ پرٕ پھے فرق درینٹھ گژھان۔ ودن گوو اکھ گتہٕ چھنےٚ ضرور، مولوی صابن چھنے سیرت تفصیلہٕ سان بیان کرٕمژٕ تہٕ نادم صابن موخصر پاٹھۍ تہٕ بیتیبا صفات مولوی صابن گنز رٲدی منتو چھ نتیو چھنہٕ نادم صاب برونٹھ کُن انان۔ مولوی صابنُ بیان چھُ اَتہٕ زیاد پہن فنکارانہٕ۔ یِم مثالہٕ وُچھو

ادس تبسم کرٕوُن شاہ دین
شاد گژھان ییٚیہ سُہ وُچھتھ دلحزین
بو اسہٕ وُن زنتہٕ کھسہٕ وُن آفتاب
غم کرٕوُن دوٗر سُہ نورک جُباب

تہٕ اتھ نسبت چھُ نادم صاب دنان

چھکھنہٕ اُوسمت بزور قہقہہ زاہ
رٕتی تبسم کرٕکھ گہہ و بیگاہ

تہُند کتھ کرنک انداز چھُ مولوی صابس نش یہ

میوٗٹھ تہٕ ژھوٗٹ اوس کلام رسولؐ
معنیہ کنۍ زیوٗٹھ دلن منز قبوٗل
پرتھ کتھہٕ ژھین حرف تہٕ آواز یوٗن
سیر گژھان اوسنہٕ زاہنہٕ بوز ڈُن
بوز دمِن قول نبیؐ سو غنہٕ زن
نیٚرٕ نچھ نہٕ دوٗر پہیے گوو کنن
کتھ کرنکہٕ دقتہٕ سُہ جان جہان
شعلۂ نور اوس ہران از دہان

تہٕ نادم صابس نش یہ

در فصاحت تہٕ در بلاغت تمام

بے نظیر آو یٖشر ملیح کلام

ناٛدم صاٛبن چھُ اَکِس ہٕتس تہٕ پٕنژٕہَن شعرن منز سراپا دۄنمُت تہٕ مولوی صاٛبن کُنہٕ ہاٛٹھن شعرن منز۔ بیلہٕ زن سیرتُس متعلق ناٛدم صاٛبن پنٕنژ ونزہ شعر دٕلی ہتی چھِ تہٕ مولوی صاٛبن دۄن زٕ ئے ہتھ شعرن منز اخلاق، عادات، اطوار لباس، کھیٚن چیٚن بیتر واریاہ کیہنہٕ لیوان چھُ۔

مروجہ نعت چھِ بہندِس کلیاتس منز ژے ژورے۔ سکندر نامہ کِس دُسلابس منز اکھ، مغازی النبیؐ کتابہِ منز اکھ، بدائع منظوم کتابہِ منز ترجمہ کرنے فارسی نعت تہٕ معجزات النبیؐ کس [illegible] س بیٚٹھ اکھ۔ یمن نعتن منز چھِ مدح رسولؐ علاوٕ التجا، فریاد تہٕ استغاثہ تہٕ میلان تہٕ ژٕدن یارن ہندی تعریف تہٕ۔ مدحتکُ انداز چھُ کُنہِ عام قسمکُ تہٕ کُنہٕ منفرد۔ مثلن سکندر نامس منز ــ

شہٕ چھےٚ از ہمہ آفرینش گزین
حبیبِ خدا خاتم المرسلینؐ
ز لولاک بر سر دِتھکھ تاج تس
قبا در شبِ خاصِ معراج تس

مغازی النبیؐ کتابہ منز ــ

شہٕ شاہ رُسلؐ سرورِ انبیا
مزمّل قبا تس مدثر ردا
چھُ پیغمبرن منز رفیعت مآب
تِتھے یُتھ ستارن اندر آفتاب




# نعتیہ شاعری
## تجربہ تہٕ امکان

شفیع شوق

تمۍ پیٚھند بابتھ شاعری شایانِ شان زانٕنہٕ آیہٕ نہٕ { وَمَا عَلَّمْنٰهُ الشِّعْرَ وَمَا یَنْۢبَغِیْ لَهٗ (یٰسٓ) } تہنزِ ذاتِ بابرکات بنیہٕ عالمہٕ چین بسیار زبانن منز بیشمار خوبصورت نغمن ہند ناگہٕ راد۔ یِنہٕ مدینہٕ پاک چۆ کورٕ ووٚلسنہٕ یتھ پنٕنۍ روٗنہٕ ہٹہٕ ہرِ وکھناوی "طَلَعَ الْبَدْرُ عَلَیْنَا مِنْ ثَنِیَّاتِ الْوَدَاعِ" تہٕ پتہٕ ازتام رٕوٗدی دنیاہکی ابہلی ذہن پنٕنۍ سارے لسانی صلاحیت کامہِ لاگتھ تہندی صفت گنٕنہٕ راوان تہٕ انتھ رٕوٗسی انسان رٕوٗدی تمۍ وٚوندِ پھوٗل ہتی نغمہٕ گیوٚتھ تہٕ گنگراوتھ پنٕنۍ زندگی رتھ کھاران۔ یہٕ ازھبن سلسلہ چھُ یتھ دوہس تام جاری تہٕ بروٚنٹھ کُن تہٕ روزِ۔ اتھ حقیقتس پیٹھ ہیکہٕ نہٕ بحث سپدتھ۔ بحث ہیکہٕ یتھ مسٔلس پیٹھ سپدتھ زِ امہِ قسمچہِ شاعری ہندی تخلیقی مسٔلہ کیاہ چھِ تہٕ بروٚنٹھ کُن کیاہ امکان چھِ اتھ منز۔

نعت ہیکہٕ نثرس منز تہٕ آسِتھ تہٕ نظمہِ منز تہٕ۔ دلایل الخیرات تہٕ کبریت احمر ہوی نثری شاہکار چھِ تتھے پاٹھۍ نعت یتھ پاٹھۍ اکس سیوٚد سادٕ کاشرِ ژنٔدیٚتے پھرِ یک لکہٕ باتھ چھُ:

| | |
|---|---|
| محمدؐ صابن ترِ نتے یے | لوٗہتے یے پوشس |
| تہٕ دیدار کرِ نتے یے | لوٗہتے یے پوشس |

یا

| | |
|---|---|
| نبیؐ صابن کیاہ گیالیس | زن گیالیس مالِنۍ |



جذبہ چھُ کُنۍ۔ تجربہ چھُ کُنۍ تہٕ مدعا چھُ کُنۍ۔ پھیر چھُ یتہِ ژکُس کوٚت تام واتُھ ہیوٚک یا کُس کیتھ توٚگ۔ گوو اظہارٕ ژگ تہٕ صنفہٕ ژنگ چھُنہٕ نعتہ باپتھ کانہہ قاد۔ نعت نگار چھُ ہیت، اسلوب، بحر، وزن، آہنگ، قافیہ، ردلیف بتیرٕ وزناوس منز مکمل پاٹھی آزاد۔ مگر یہ کرِتھ تہٕ چھِ نعت نگاری ہندی کینہہ مقرر حد یمو نیبر اکھ سوٚتھ تہٕ ہیکو نہٕ نیرتھ۔ یم حد چھِ موضوعکۍ۔ شاعرس یا نثر نگارس چھِ نعت لیکھنہٕ برونٹھے یم حدود تسلیم کرٕنۍ تہٕ یمہند احترام کرِتھ چھُس پننۍ ذات ترک کرِتھ مُقدس جذبس منز ییر گژھُن۔ یہ چھُ نعت نگارس کیُت لازمی۔ یتہِ اَتھ منزلس پیٹھ واتہٕ پزاو یانۍ اَتھۍ قادس منز آزادی پننۍ حدن منز وسعت۔ تکیازِ حُبِ نبیؐ چھُ حُبِ ایزدی۔ قُلْ اِنْ كُنْتُمْ تُحِبُّونَ اللّٰهَ فَاتَّبِعُونِي يُحْبِبْكُمُ اللّٰهُ۔ تہٕ بقول اقبالؒ "از خدا محبوب تر گردد نبیؐ" یا

مسلمان را ہمیں عرفان و ادراک

کہ از خود فاش بیند سرِ لولاک

خدا اندر قیاس ما نگنجد

شناس او را کہ گوید ما عرفناک

تہٕ لہذا چھُ مقام رسول سرنۍ خدا سرٕن تہٕ بقول حضرتِ شیخؒ

عقل تہٕ فکر تور کوٚت سوزکھ

کمۍ مالہِ چیتھ ہیٚوک سہ ذری یاد

مگر اَتھ کیاہ کرِو زِ پننۍ سرٕن باوہٕ خاطر چھُ اَمہِ لش باوژ ہند اکوے وسیلہ تہٕ اکھ محدود وسیلہ یعنی زبان۔ شاعر چھُ یوٚہے محدود وسیلہ ہیتھ لامحدودس کوم کرٕنۍ پژھان۔ پیٹھ یلہ حبِ نبیؐ تہٕ حبِ ایزدی کُنۍ تجربہ آسہٕ، تخیلس تہٕ چھِ بقولِ رحمان ڈار "چشمو کھور پہوان کڈٕنۍ" تہٕ احتیاطس چھُ دامن گیر پہوان روزمن۔ تخیلچ یہ کوتاہی چھےٚ نعتیہ شاعری ہند سارِوے کھوتہٕ بوڈ مسلہ بنان تکیازِ شاعری ہیکہ نہٕ احتیاطس اندر اندر روزِتھ جہاتن وحاطہ کرِتھ۔ شاعری چھےٚ رکھہ ماننڈی تھےٚ حیات لبان تہٕ اَمکۍ سرچشمہ چھِ ظلماتہٕ وزان۔ شاعری چھےٚ سائنس

یتھو سیاہ کارن ہندس سیاہ دماغ دنیاہس منز ممکن تکیاز شاعر چھ کلام اللہ کہ ارشاد
"سیاہ وادین ہندی وتہ گتھ۔"

یتھ کیاہ سناہ کرِ نعت گو؟ تس چھُ بروتھ کنہِ جلالک تہ جمالک آہنگ
تہ تس چھنے اَمہِ چے برٖونفظن منز ساممہ تہ اتھ دشوار کامہ منز چھُ صرف کلام اللہ
مکمل پاٹھی کامیاب یلہِ مردِ کاملؐ سند مکمل لسانی شبیہہ نازل سپد : اِنَّآ اَرۡسَلۡنٰكَ
شَاهِدًا وَّمُبَشِّرًا وَّنَذِيۡرًا وَّدَاعِيًا اِلَى اللّٰهِ بِاِذۡنِهٖ وَسِرَاجًا مُّنِيۡرًا
(الاحزاب) تتہ پتہٖ از تام یم کرور بدی نعت وتہ آے تمن سارنے منز چھُ بیانک
یُہے تکمیل پراونک مدعا رُدمُت تہ سارنے چھے کم زیادٕ کامیابی میجمژ۔ جلال تہ
جمال نعتس منز ہاوُنہ باپتھ چھُ شاعر معرض شناسی ڈُنی دِنہ باپتھ پنن تخیل وُپھناوان
تہ پھری پھری چھُ ہوی جساوی تفصیل ہنتھ دالیس لوان : وُچھون تہ وُچھون تابناک
آفتاب ہیو، زانیون تہ زانیون گلاب ہیو، ژہنیون تہ ژہنیون مشک ادفر ہیو۔
انسانہٕ سند اوالی تخیل PRIMARY IMAGINATION ہیکہ تہ اَمہ نیبر نیبر تھ۔ نعتن ہندی
بہترین کھو تہ بہترین شعر چھ یمنے بصری شبیہن اَندی پکھی گردش کران :-

گو جہاں تازٕ بر رُخسارِ رسولِ عربیؐ
روٗٹ گلو مشک زِ گفتارِ رسولِ عربیؐ
روز و شب درائے پھٹتھ پردٕ ژٹتھ شمس وقمر
ذرہ چیس آے بہ انوارِ رسولِ عربیؐ (حقانی)

یتھن سارنے شعرن ہند بافت چھُ کُنے تہ شاعر سند کمال چھُ صرف
تمی ہنز قادر الکلامی منز نان زِ سُہ کُہ مہارتہ سان ہیکہ زبانی تھود ژلتھ، لفظن
ہنزن آوازن ہندی کرشمہ وحہ تلاوتھ تہ باوژ ہند اجمال پاد کرِتھ۔ مگر کیاہ شاعر
روزِ ناہ صرف یتے کران؟ اُما اکھ پُرِ گو نعتیہ شاعر تہ کرِ شعر ہیکہ اَمہ ترایہ ہندی
تخلیق کرِتھ؟ اکھ، زِ ترے کیہ ژور؟ تہ باقے نعتیہ شاعری متعلق کیاہ تنقیدی
رائے ہیکہ دِنہ یتھ؟۔

سانی مقبول ترین نعت چھ جذبکہ تقدسہ کنہِ عظیم نعت یمن ہند تخلیقی

نوبہ تہٕ حسن ہیکہٕ نہٕ زیرِ بحث پیٚتھ تہٕ تنقیدُک موضوع بنٕتھ ـ یم نعت چھا سہ سارٕی ہوش سنبالہٕ پیٹھے خوبصورت آوازو سٕتہٕ ونٕنہٕ ییِن منز لوزان آمٕتۍ ـ اگر شاعری ہنز پرٕنتھ اَکھ جذباتی شدت تہٕ اَکھ ڈٔہتھ پننہٕ صلاحیت چھے، تیلہٕ چھر یم نعت لازمن اعلیٰ شاعری مانٕنۍ:

○ عربی شاہا، مدنی ماہا
اَسہٕ گوزٕتھ گٔژھ منز گاہا چون ـ (نادم)

○ تٕرے چھکھ ازلہٕ تہٕ تٕرے چھکھ آدن
یا نبی پادن وندہوے سر (نادم)

○ حضرت نبی یس لگہٕ وٕے ناوس
واوس اَتھ وٕتہٕ ناوس زار (نادم)

○ ہا واہ واکھنا تونۍ بیٚتہٕ ڈٲکھ ترٲوِتھ مصطفیٰؐ
احوال میانی تس ونکھ سُہ ہو کریم دادِن دوا (ثناء اللہ)

○ عربکہٕ سردارٕ بیمہٕ ہوے پادن
عاشقن گوش زیادن کھاو (ناظم)

یہٕ چھُ نغماتی شاعریہٕ ہُند معراج یتھ منز جذبُک خلوص اَکھ شدت تہٕ صوتی آہنگ میلتھ لوزن واَلس وولسنس چھُ انان ـ مگر سو شاعری یتھ منز متضاد جذبن میل کرنٕچ کوشش چھے آسان نہٕ تمہٕ باپتھ حقیقتُک ہنز تہہ بہ تہہ آگاہی چھے آسان ـ سو شاعری چھے نغماتی ترایہ نٕشہٕ مختلف ـ نعتس منز چھ شاعرس زندگیہ ہندی اکثر پاس مُنٕژنی تہٕ صرف چھُس اَکی سے جذبس تابع روزُن ـ اَتھ منز چھُ تمۍ سُند شعوری انتخاب کام کران ـ اَتھ برعکس چھنہٕ باقی شاعریہ منز انتخابچ یہ بندِش ـ تتھ منز چھُنہٕ رُت تہٕ کرُت جذبہٕ شاعرانہٕ تہٕ غامر شاعرانہٕ معیارن ہنز بنیاد بنان ـ نعتیہ شاعری ہنز یہ بندِش چھے تشبیہہ تہٕ استعارٕ تھارنس پیٹھ تہٕ حاوی پیدان ـ

پُر کمال شاعر چھُ سیُس بندشن منز روزِتھ تہٕ پننہٕ آزادی ہنز

سبیل کرٕ۔ شہ چھُ مرُوجہٕ استعارٕ ترٛاوِتھ غار متوقع ہشر ژھارِتھ نوٕ استعارٕ گران۔ یہ چھُ نیلی ممکن پیٚلہِ شاعر آنحضورؐ ہندِس جمالس منز شامل تجسُّسُ محسوس کرِتھ ہیکہِ تہٕ تمہِ پتہٕ اندی نِکھ ویوٚدُ معروضی دنیا ترٛاوِتھ ماوراہس تہٕ ژھارِ ہیکہِ دِتھ۔ یہ کمال چھُ سری شاعری منزٕ ممکن۔

٥ الفس تہٕ میمس آس مِلونے<br>
آنس مل پیوٚدِ گوحاران<br>
د ذ ر ز ص اوس سینے<br>
ونے دردِ نیستان (محمود گامی)

پوچھرکُ پردہٕ ژھٹہٕ اژ منز حجابس<br>
پادشاہ ڈیشہٕ ہن نوابس مٔتی<br>
برونٛٹھ پکھ کھوژٕ مہ قہرِ دعابس<br>
رِندہٕ چھکھ زِندہٕ کتھ آبس مٔتی<br>
آب منز ناو تہٕ ناو منز آبس<br>
یُتھ چھے حق آنجنابسؐ مٔتی<br>
آنجناب میلتھ پرٛسُتھ اصحابس<br>
رِندہٕ چھکھ زِندہٕ کتھ آبس مٔتی<br>
صوٗرتس معنی تعبیرِ خوابس<br>
مشک زٕن میلتھ گلابس مٔتی<br>
واصلس نِشہٕ ژھائے چھنہٕ کانہہ نقابس<br>
رِندہٕ چھکھ زِندہٕ کتھ آبس مٔتی (محمود گامی)

رحمت بخشنے چشمو پرٕ زناولوان کونہٕ چھے ونیے<br>
احاطہٕ کرِتھ چھُ حیات النبیؐ تٔس زانن عارفان

آنچھ رٗوسٕ وپھے نمہٕ وٕتہٕ لاران سےزانہٕ یس حال بنے
کرکھے زیارتِ سرکارؐ ہردم ثابت روز شانکنے
چیشو کھور کڈ نمہٕ وٕتہٕ بروہہ پچھ پچھ آسی زنہٕ پھیران

(رحمان ڈار)

لا بُتہٕ میم گرٕژھ پرأونے
دل گرٕژھ کلمہ پرناونے
شاہ چھُے بُتِھ پننے گرے
(حورے منے نیٚوٚنم ژوٚرِ دل) (لسمہ صاب)

نعت نگارن کیُت چھُ بیاکھ اہم حدیہ زِ آنحضورؐ ہنز ذاتِ مُبارک ہیکہ نہٕ اساطیرن سٍتی وابستہ سپدتھے تہٕ نہٕ ہیکہِ اتھ متعلق نوٚوکانہہ اسطور بنتھ۔ حیات النبیؐ چھُ عقل تہٕ استدلال تہٕ عقل تہٕ استدلال چھُنہٕ اصل صوٗرژ منز۔ شاعریہ منز انُ ممکن۔ یم سارٕے دشوار یہِ نظرِ تل تھٔوتھ چھُ باسان زِ یاہٕ تہٕ چھُ نعت نگارن آنحضورؐ ہندِس جمالس تہٕ جلالس متعلق صرف قرآنی ارشادس نوٚن نوٚن لیٚن تہٕ آہنگن منز تشریح کرٕنی تہٕ چھکھ سراجاً منیراً اکھ حُسن پتہٕ پننہٕ انفرادی اندازِ سٍرکن تہٕ باوُن۔

حسنُک کمال چھُ تحیرُ پادٕ کرنٕچ صلاحیت۔ یعنی یہ گرٕژھ نٕچھن واکس پانہٕ منز منتقل کرِتھ اندیشہِ ہائے دوٗر درازن منز آوراوُن۔ مگر حسن نبیؐ چھُ یہ صلاحیت تھاوتہٕ علاوٕ اکھ کھوتہٕ اہم صلاحیت تھاوان یعنی تغیرٕ پادٕ کرنٕچ صلاحیت۔ مسلمانس چھ اکھ لاثانی جمالک تصوُر ذہنس منز انُن تہٕ تمی ہند نفسہِ کیٚن سٍرن منز گرٕژھ انقلاب وُزُن۔ یوٚہے بوٚسر وٕتہٕ تلیوٗمُت انقلاب گرٕژھ کُنہٕ جبر ورأی خارجی دنیاہس پیٹھ پأنی پانے حاوی تہٕ یوٚہے انقلاب چھُ پوٚشہ وُن انقلاب اِنَّ اللّٰہَ لَا یُغَیِّرُ مَا بِقَوْمٍ حَتّٰی یُغَیِّرُوْا مَا بِاَنْفُسِھِمْ۔




ڈاکٹر شاد رمضان

خضر ملک صفائی ہٕندِ نعتکُ یہ طرح چھُ اکھ نوٚو تہٕ منفرد لہجہ ہیتھ کأشرِس نعتیہ ادبکِس نوأریکِس منز اکِہ نوٚ تہٕ توجہ طلب بابُک اضافہٕ کران۔ ہرگاہ پروفیسر رشید نازکی صابن "کلیات نادم" ترتیب دِنہٕ وز صفائی سُند نعت برونٹہہ کنہِ آسہے تہ ہیٚیہ ہے نہ فقط کلیات کِس تنقیدی تبصرس منز صفائی سُند ناو عزتہٕ سان بلکہ ما بدلاوِ ہے ضرور کینژن کأشرین نعت گو شاعرن متعلق پننٕز رائے تہٕ کلچرل اکادمی کرِ ہے پننِس ترتیب دِتمتِس نعت نمبرس "نورٕ آگر" منز صفائی یِس کأشرِ زبأنِ ہندین صفِ اول کین نعت گو شاعرن منز شمار۔ بہرحال وونٕ ییلہِ صفائی سُند نعت عوامس برونٹہہ کُن واتہٕ، نقاد تہٕ محقق کرن صفائی سُند مقام مشخص یمیک دِس ییتھ موختصر مقالس منز صفائی ہٕندِ نعتکُ کم کاسہ جأیزٕ ہینہٕ ینٕز دِتھ۔

نعت چھُ بُنیأدی اکھ موضوعی شعر ذات یمیک بجر اَمِہ کِس عظیم تہٕ لاثأنی موضوعس منز ژھینیتھ چھُ۔ یعنی آنحضورؐن ہُند سیرت پاک تہٕ شکل و شمایل تہٕ بعضے تہُند جمال تہٕ جلال۔ بوڈ فنکار چھُ دوشوٚنی صوٗرژن منز موضوعی عظمت رٹِھ رادنس ستی فنی تقاضن تہٕ رچھان۔ نعتکُ اکھ حصہ چھُ ییتھ منز پیغمبرِ خدا حضرت محمد مصطفےٰ صلی اللہ علیہ وسلمن ہُند خولہٕ خط بیان چھُ

سپدان۔ صفائی چھُ یژھن جاین لفظن اکہِ آولہِ موٗقلیٖ کاٗم ہیتھ نبی کریمؐ ہندِ نوٗرانی شبیہُک دیدار کرناوان۔ سُہ چھُ نعت ونان لول، عقیدت تہٕ احترام زٕژھران زٕژھران آنحضورؐن ہند پیغمبرانہٕ مرتبُک تہٕ شبیہُک ماری موٗند اظہار ہاوِنہٕ موکھ لطیف تہٕ فنکارانہٕ اندازس منز قرآن مجیدٕکۍ حوالہٕ پیش کران۔ یِتھو شعرو تلہٕ چھُ صفائی ہنز شخصیژ ہند اکھ قابلِ توجہ پاس نظرِ تل یوان زِ سُہ اوس نہٕ فقط قرآن مجیدُک حافظے یوت بلکہ قرآنی نوکتن واتن وول تہٕ۔

آیہ لولاک تاج سَر وُچھے
آیہ فاستقم کمر وُچھے
طاءِ طٰہٰ ژٕسے طرح دستارس
میم حامیم طوقِ زر وُچھے
زلف واللیل چھے المنشرح
سینہٕ بے کینہٕ سیمبر وُچھے

مدح حامیم زٕنیے زلف چھی جیم
سوٗ بنلکھ زار یا رسول اللہؐ
مدا ابروٗ چھ سورہٕ نون
مثل نزوار یا رسول اللہؐ

شبیہہ چھُ عام فنکار تہٕ وہ تلاوان اما پوز تمن مناسب تہٕ موافق ماحولِ دین چھُ آبڈین فنکارن ہند کمال۔ خضر ملک صفائی چھُ بعضے آنحضورؐن ہنز نوٗرانی شخصیتھ پرزنتھ قایم کرِتھ باپتھ تہندین یارِ غارن ہندین صفاتن تہٕ القابن ہند تذکرٕ کران تہٕ بعضے اصحابن تہٕ تابعینن ہنز سیرت تہٕ عظمت بیان کرِتھ حضوٗرن ہندِ عظیم وجوٗدکۍ بیار پاسل اظہار گاشراوان۔ یتھ کنۍ چھُ صفائی اکھ ندلوکھ گاشرٲوِتھ تمنزیُم مقام پرزناوِنچ فنکارانہٕ کوشش

کران ۔ یاوتۄ یتھ کُنہِ زٕ دٲیرٕ کہِ مرکزٕ پیٹھ یم زٕ ژ کلھم محیطس پرٕژ لادان چھے، تھے کُنہِ چھُ محیطکۍ مختلف لۄکٕتہ پننہٕ وجودکہِ اظہارٕ ستیٖ مرکزٕچ اہمیتھ ٹاکارٕ بناوان ۔

| | |
|---|---|
| چاٲنۍ اصحاب دینٕہ کس باغس | ژور دیوار یار رسول اللہؐ |
| ثانی اثنین در شبِ ہجرت | چھے جلوٕ دار یار رسول اللہؐ |
| شاہ فاروق دینٕہ کس باغس | چرخ سیار یار رسول اللہؐ |
| سُبرہن گوونرٕ جامع القرآن | گنج اسرار یار رسول اللہؐ |
| اسداللہ حیدرؓ یزدان | شیرِ جبار یار رسول اللہؐ |

| | |
|---|---|
| شاہ عثمانؓ جامع القرآن | خاص کاتب بفتح وجرو چھے |
| شیرِ جبار حیدرؓ کرار | شہر علمس دریچہ و دروٗ چھے |
| آل اصحاب ہمقدم چاٲنۍ | سیر کُس صوٗرتس ہشر وٗچھے |
| نخل پربار دینکس باغس | ہی تہٕ گلزار تازو ترٕ وٗ چھے |

صفاٲی ہُند لسانی ورتاو چھُ خاص پاٹھۍ قابلِ توجہ ۔ سُہ چھُ بعضے تخلیقی تقاضہٕ نظرٕ تل تھٲوِتھ لفظن ہُند لغوی معنے برقرار تھٲوِتھ لوٗن معنین ہُند تلاش کران ۔ نعت چھُ عقیدتی ادب تہٕ اتھ منز چھُ جذباتن ہُند آدریرا کھے، اما پوٗز ظاہر کہٕ ستوٗ درٕ منز باطنک موخنہٕ کھالُن تہٕ پرن واٲلس رٕ موخنہٕ پرزٕناونک تہٕ موٗلہٕ ناونُک قوت تھ عطا کرُن چھُ کمال رفنکاری گیہ بےٗ زوٗ چیز جاندار ہندی پاٹھۍ بولہٕ ناوتی ۔ اکأیل کتھن کھوٗس کاے بخشُن ۔ صفاٲی چھُ اَمہِ اعتبارٕ تہٕ ہوٗنرمندی ہُند ثبوت دِوان ۔ صفاٲی ہُند لفظ ورتاو چھُ پننہٕ موضوعی بجر علاوٕ ہیتی وِلقارٕ کنہِ تہٕ اہم ۔ یمہٕ حابہٕ سٕہ لفظن ترتیب دِوان چھُ موضوعُک جلال چھُ ہُران تہٕ جلال پرٕ بنان ۔ سٕہ جمال یُس نعتیہ صنفہٕ ہندس مزاجس تہٕ اَمہِ کس شانس شایان چھُ تہٕ سٕہ جلال

یُس عقیدٕ ژٕ پتہ عاجزی ہُند وصف چھُ خاصکرِتھ چھُ عقیدتی ادبس منز۔ لفظ ورتاوک احتیاط لازمی، اما پوز بوڈ فنکار چھُ اَکھ دوران تہٕ لفظس موضوعک زینتھ تہٕ معنیک سمندر بناوان۔

| | |
|---|---|
| ہاو دستار یا رسول اللہؐ | تھاو بر سر عمامہٕ کوفور |
| مثلِ سوفار یا رسول اللہؐ | کوٚنڈ فراقک دِوان چھُ زخمن نیش |
| درج طومار یا رسول اللہؐ | لوحِ محفوظ چھُ چون دفترِ کلُ |
| گُل پتہ گلزار یا رسول اللہؐ | چشمِ مازاغ کر نظر پھوٚلہ باغ |
| تراو خمار یا رسول اللہؐ | کوٚت کالا یُمبرزلن چھُ خاب |

کاشرِس منز چھُ نعت تِتھے کنٕ ژ نہجہ ہیتھ یِتھ پاٹھۍ فارسیس منز چھُ۔ اَکھ پایہ تھاوی توٚکھ فارسی زبانۍ ہندی خاقانی تہٕ جامی تہٕ بییہ پایہ تھاوی توٚکھ کاشرِ زبانۍ ہندی صفائی تہٕ نادم۔ یِتھٕ کنۍ خاقانی ہندین نعتن منز باوژ ہُند اوبر گو ببر بیانک شان تہٕ اشارن ہُند مانہٕ سود ابہام نظرِ گژھان چھُ تِتھے کنۍ چھُ صفائی ہندین نعتن منز تِہ لبنہٕ یوان۔ صفائی چھُ آنحضورن ہندی معجز۔ تمہٕ شاندار انداز بیان کران زِ فارسیک خاقانی چھُ ژٕھتس ییوان، یِتھ پاٹھۍ چھُ کاشرِ نعتک باوۍ تہٕ وجود برونہہ کُن یتھ کاشرِ زبانۍ ہنز پرژنتھ تہٕ عظمت بییہ ہن ٹاکارٕ سپدان۔

| | |
|---|---|
| حال باوان ژٕنے جانور وُ چھے | استغاثس چرند وحشی آے |
| سجد دِواں شجر و حجر وُ چھے | دین دنیا ژٕنے جُملہ زیرِ نگین |
| سرکرِتھ خم ژٕنے کُن شجر وُ چھے | سار وے کوٚر ژٕنے نقشِ سلام وکلام |
| نجم انوار جلوٕ گر دُ چھے | خیل عشاق یم ژٕنے کُن مشتاق |
| مقتدی پایہ بوالبشر وُ چھے | نوحؑ موسیٰؑ خلیلؑ بییہ عیسیٰؑ |
| ژٕنے کران چھی طواف لیل النہار | ماہِ خورشید کواکب سیار |

چھکھ ولی نعمت عرب تا عجم — غم تہٕ وسواس کاستم یکدم
آسہکھ نے تہٕ آسہی نہٕ وجوٗد — جملہٕ چانے طفیل گوو موجوٗد
ژٕ بے سوا اوس در حجاب عدم — غم نہٕ وسواس کاستم یکدم

یوٗہے مارٕ موٗند اہہار چھُ اُہندین منقبتن منز تہٕ در ینٹھی یوان کیہنہ مثالہٕ چھٕنے پیش۔

ذالولا بو حنیفہٗ نعمانؒ — بُلوفا بو حنیفہٗ نعمانؒ
چھُس سراج الامم لقب کھارن — مصطفٰی بو حنیفہ نعمانؒ
در شریعت طریقت وعرفان — پیشوا بو حنیفہٗ نعمانؒ
مقتدی ہوٕ چھِ عالمکی عُلماء — مقتدا بو حنیفہٗ نعمانؒ

چھکھ ژٕ گردوں جناب یارِ ریشیؒ — چھکھ برٕزن آفتاب یارِ ریشی[1]ؒ
کوٗت کالا بتہٕ حرفن منز — اَسہ پھر وۄنی کتاب یارِ ریشیؒ
چاٗنہ اطوار عادتہٕ آثار — سُنّتِ آنجنابؐ یارِ ریشیؒ
سلسلہٕ چھُن سہروردی اوس — چھےٚ کمند و طناب یارِ ریشیؒ

---

[1] بابا ہردے ریشی یمِس کاٗشرِ "ریشی مول" ونان چھِ تہٕ یہُند آستانہ عالیہ چھُ اسلام آبادٕ۔

# رُسُل میر تہٕ ناظم

## بحیثیت نعت گو شاعر

ڈاکٹر مجروح رشید

ہم کال آسٕنس ستۍ ستۍ آسۍ رُسُل میر تہٕ ناظم بنیادی طور رومانی مزازٕک شاعر۔ دوشوے چھ بیٚنز پاٹھۍ انسانٕ لوٚکۍ نغمہٕ خوان تہٕ اُتھۍ چھ پننہٕ شاعری ہُند وُرُن وُتھرُن بناوان۔ ناظم چھُ نعت، غزل، مرثیہ، ہزل تہٕ مثنوی لیکھان بیٚلہٕ زن رُسُل میر اَتھ مقابلہٕ صرف غزل (وژن) لیکھنس پیٹھ اکتفا چھ کران۔ ناظم چھُ رُسُل میرس مقابلہٕ زنگار رنگ مگر رُسُل میر چھُ یک رنگی سٕنزے سُہ مقام حاصل کران یُس نہٕ ناظمس نصیب یُد۔

ناظم تہٕ رُسُل میر دونوے آسۍ مذہبس واقف۔ مگر ناظمس مقابلہٕ اوس میر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن پابند۔ ناظم اوس وعظ خوان تہٕ وعظ خوانی ہندِ منصبس پیٹھ آسنہٕ کنۍ آسہٕ ہے تمس سیرتِ پاکس پیٹھ تہٕ جان نظر۔ تمس اوس نہٕ صرف حضورٕنٛ ہندِس ذاتِ اقدسس ستۍ یوت والہانہٕ عشق بلکہ اوس اولیاء کرامن ہُند احترام تہٕ عقیدت تہٕ ۔ اَمیک ثبوت چھ تمۍ سٕندۍ نعت کیو منقبت۔ رُسُل میر چھُ مذہبس واقف آسنہٕ تہٕ زِ کہٕ مجازی رشتن ہندی نغمہٕ گیوان بیٚلہٕ زن ناظم مجازی رشتن آے کانٛچھان روحانی حقیقژن ہُند احترام تہٕ زُژھران چھُ۔ مگر اَمیک مطلب چھُنہٕ ہرگز زِ رُسُل میرن کیاہ اَمہٕ قسمکۍ تجربہ سٕری ہتۍ بلکہ چھُ پزر یہ زِ تمۍ سٕندین گینژن وژن منز چھ نعتیہ شعرن تہٕ نظر گژھان۔ اَمہٕ علاوٕ چھُ رُسُل میرن اَکھ نعت تما غزل تہٕ

وفات نامہ آنسر وِرٛتہ لیکھ مژٕ۔ تمۍ سندِ بن مختلف وزنن منز چھ ییٚمہ آکی نعتیہ شعر نظرِ گژھان ۔

کھوت حضرت سونے معراجس
تس وُنہ وان سور گجہِ حوٗر لولو

ذاتس تعشوق سالہ نیوٗن معشوق
وُنہ وان حوٗر غلمانے تہٕ لولو
ژھونجہ اکہ یکھنا درشن دِھنا
عشکُ چھکھ وعظ خوانے تہٕ لولو

ییمو شعرو ستۍ چھ پانے واضح سپدان زِ تیتھو ہوی شعر چھ پھرا عقیدت مندی تہٕ اسلامی تواریخی واقعات ۔ رُسُل میرنس کلیاتس منز چھُ اکھ باتھ "از آم دلبر الحمد للہ" یہ نعتیہ ہیچ نظم پٔرتھ چھُ مانُن پیوان زِ رُسُل میر ہیکہ ہے جان نعت لیکھتۍ اگر تمۍ سُند شوق پرتھ ساعتہ اَمہ بابتھ آماد روزِہے ۔ زیرِ بحث نظم چھےٚ یِرٛتھ شعوری آمادگی ہند باس دِوان تہٕ رُسُل میرنی یہ نظم چھےٚ نعت آنس ستۍ اکھ فن پارٕ بنان ۔ اَتھ نظمہِ چھُ اکھ لاہوتی آہنگ دوٚ تلان ییمہ کہ ذریعہ حضورنہٕ ہند مکمل پیکر نظرن بروٚنہہ کُن چھُ یوان ۔

مہروے موٗلے نوٗر تجلے ۔ اللہ اکبر الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

چھےٚ تیتھ قد تس نی شوبہ سوٚرگس ۔ طوبےٰ تہٕ کوثر الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

محمد یوسف ٹینگ چھُ اَتھ باتس متعلق لیکھان ۔

" رسول میرنین کینژن گارن والین ہُند دُنُ چھُ زِ یہ اُس میرنین مجازی خیالن پیٹھ تُہندین صوٗفیانہ تجربن ہنز فتح ۔ دٕ زانہ یہ زِ مگر رُسُل

میرنہِ کلامہٕ ستیٖ چھُنہٕ تَسُند صوٗفیانہٕ لیہٕ ہُند گَنٛزرِک انداز گژھان۔ اوٚ یہ چھُ
پوٚز زِ تمیٚ چھِ کینہہ جان نعت لیٚکھمٕتۍ[1]

ٹینگ صابُن وَنُن چھُ پوٚزُے باسان۔ یہ نظم چھِنہٕ کُنہِ صوٗفیانہٕ
تجرُبچ بازیافت بلکہ اکھ غزل نما نعت۔ اَتھ منز چھِ اکثر شعر تِتھۍ تمن منز
حضورنٛ ہُند جمال تہٕ روٗحانی رتبہٕ نوٗن چھُ نیران۔ یہ جلال تہٕ رتبہٕ چھُ شاعر
ہُندِس دِلس منز حرارتھ تہٕ خوشی ہُندِکۍ وٚٹہٕ جذبہٕ ووٚتلاوِتھ اکھ تخلیقی تہٕ تخیلی صوٗرت
لبان۔ اَمہِ نظمِ ہُند آہنگ تہٕ لفظیُت تہٕ چھِ یمہِ کتھہِ ہنز شہادت فراہم کران
زِ یہ چھِنہٕ کانٛہہ صوٗفیانہٕ تجربہٕ۔ یہ آہنگ تہٕ لفظیُت چھُ کاشُر صوٗفی شاعری ہنٛدِ
آہنگہٕ تہٕ لفظیتہٕ نِشہٕ مختلف۔ اَتھ نظمہِ منز چھُ عقیدت تہٕ تہٕ فن تہٕ تہٕ یم زِ ہِکوٚ
نہٕ الگ کٔرِتھ۔ کینٛژن شعرن منز چھِ تغزل حاوی مگر نعتِچ رِوایت وُچھتھ
چھُ مانُن پیوان زِ اَمہِ قسمکۍ نعتیہ شعر چھِ عربی تہٕ فارسی زبانۍ ہُندۍ نمائندٕ نعت
گو شاعرو تہٕ تخلیق کٔرِمتۍ تہٕ اُکِس روٗحانی ہستی تہٕ محبوبس متعلق یِتھۍ ہِوۍ شعر
لیکھنہٕ ستیٖ چھُ لاشعوٗری تہٕ (ARCHETYPAL) حقیقتن ہنز اہمیتھ ظٲہر سپدان۔

وُچھتن شہ قائل کٔرِنس بسمل — تس آلوے سر الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

وُچھتن شہ پُر نور تھٔپس چشمہ مخمور — ہم چشمہٕ خاور الحمد للہ

از آم دلبر الحمد للہ

وفات نامہٕ آنسرورؐ نظمِ چھِ "از آم دلبر" نظمہِ مقابلہٕ واریاہ کمزور۔
اَتھ منز چھُنہٕ کانٛہہ پُر تاثیر شعر تہٕ نہٕ چھِ کلیم پاٹھۍ اَتھ منز جذبچ کانٛہہ
شدت تہٕ نہٕ کانٛہہ حرارتھ محسوٗس سپدان۔ بیٚیہِ زُو شعرن ہنز یہ سۄمبرن
چھِنہٕ کُنہٕ تہٕ طریقہٕ کُنہٕ قسمک جمالیٲتی تسکین فراہم کران۔ مگر عقیدت چھُ یِنہٕ
جایہٕ مسلم تہٕ اَتھ ہیکوٚ نہٕ سوال کٔرِتھ۔

---

[1] محمد یوسف ٹینگ کلیات رُسُل میر۔ صفہ ۲۱




دون عالمن چھُ سایبانے　　　سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے
نوٗرٕ برٛتس حوٗرٕ وَنہٕ وانے　　　سون محمدؐ نوٗرِ نوٗرانے

ناظمؔ چھُ یہ زن گوڈے وننہٕ آو رُسُل میرس مقابلہٕ ژوٗر مذہبی تہٕ شرعی معاملاتن ہُند واقف آسنس ستی ستی تمن ہُند قایل تہٕ پابند تہٕ اوسمُت۔ تمی ہٕندِس کلیاتس منز چھِ شہ نعت نظر گژھان۔ یم نعت پرٛتھ چھُ باسان زِ یہ چھُ نعتہٕ کِہن تقاضن، رلوایتہٕ تہٕ لہجس واتنہٕ اوسمُت. تمی ہٕندین نعتن منز چھِ حضورنؐ ہُند جلال تہٕ جمال علاوٕ تمی ہٕندی ذاتی دوکھ، دادی تہٕ محرومیہ تہٕ باوُتھ لبان۔ داریاہ لوٗکھ چھِ یہ سوال تہٕ تُلان زِ کاشرِس نعتس منز چھِ حضورنؐ ہُند مرتبہ گاشراونہٕ بجایہ اکثر و بیشتر شاعر پننی ذاتی گدرُن باوان تہٕ یہ چھُ پزر تہٕ۔ مگر یہ کتھ ہیکہ نا پننہٕ جایہ صحیح اُتھ زِ اگر اکس عظیم تہٕ مثالی (IDEAL) محبوبس ستی مخاطب سپدان سپدان یا تس متعلق کُنہ جذبچ باوتھ کران کران شاعر پننین ذاتی دوکھن تہٕ دادین اکھ آفاقی ہیتھ دِتھ ہیکہ اتھ منز کیاز ہیکہ کانہہ اعتراض آسِتھ۔ میانہٕ ونُک مطلب چھُ یہ زِ نعت ہیکہ نا شاعر ہٕندین جذبن ہنز باوُژ خاطرٕ بطورِ اکھ ٹیکنک ورتاونہٕ یتھ۔ منے چھُ باسان زِ اگر شاعر حضورنؐ متعلق ذہنس منز کانہہ تصور تھاوِتھ انسانی معاملاتن (چاہے تم نفسیاتی فلسفیانہٕ یا کُنہ تہٕ قسمکی آسن) متعلق تہٕ اشارٕ کرِ (TANGENT) یہ ہیکہ تخلیقی طورٕ نعتہٕ خاطرٕ کارآمد ثابت سپدِتھ۔ یتھ رٕوٗد سوال حضورنؐ ہُند مرتبہ گاشراوُن تتھ متعلق چھُ جامی ین صحیح اشارٕ کوٗرمُت۔

بعد از خدا بزرگ توئی قصہ مختصر

مگر تہٕ کرِتھ تہٕ گژھِ شاعرس ہمیشہ ییمہٕ کتھِ ہُند خیال روزُن زِ تمہٕ جذبہٕ گژھن نہٕ حضورنؐ ہٕندِس جمالس تہٕ جلالس پیٹھ اثرانداز سپدٕنی۔ خارٕ یہ وژھایہ منزٕ کتھ۔ کتھ اُمس ناظمس متعلق چلان تہٕ مدعا



اوس یہ زٕ ناظم سندین نعتن منز چھ کینہہ شعر شاعر سندین ذاتی دوکھن تہٕ غمن ہندی غماز تہٕ یہ دوکھ تہٕ غم چھنہٕ شعر کٔلس منز وسِتھ ذاتی گدرُن روزان بلکہ چھُ اجتماعی رنگ رٹان۔

ناظمنیٚ نعت پٔرِتھ چھُ مانُن پیوان زِ تس چھ فارسی تہٕ عربی زبانی ہنز جان پٲری زان اسمٕژ۔ تس چھ یمہٕ کنہٕ تہنٛد تہٕ احساس اوسمُت زِ نعتکۍ اشعار کمہٕ (NATURE) خاصیژ ہنٛد گرزھِ آسُن۔ اُمی سندین نعتن منز چھ عربی تہٕ فارسی لفظ جایہ جایہ نظر گژھان مگر یمہٕ ورتاو چھُ کٲشرِس مزاجس عین مطابق تہٕ پرن والس یا بوزن والس چھنہٕ یہ ورتاو غار فطری باسان۔ کینژن لوکن ہنٛد چھُ یہ ونُن تہٕ زِ فارسی تہٕ عربی لفظو ورٲے چھُ نعتکۍ تصورے نامکمل۔

ناظم چھُ قرآنی آیاتن تہٕ ترکیبن ہندِ ورتاوٕ سۭتۍ نعتن پُر اثر تہٕ پُر تأثیر بناوان۔ اَمہِ قسمکین شعرن منز چھُ ناظم حضورنٛ ہند حسن و جمال خُسنِ ابدی کھوجہِ کھٲلِتھ تہنٛد سراپا پیش کران۔ یہ سراپا نگاری چھےٚ علامتی رنگ رُٹِتھ باایمان تہٕ باذوق پرن والین چشمن طراوتھ بخشان تہٕ ذوقِ جمالس تہٕ مطمئن کران۔

وٕاللیل مویکہ بوے ستہِن مست زٕ عالم
وٕالشمس تہنٛدے جلوے روہ خسارِ مدینس
مازاغ چشمن چھکھ نہٕ نیندر از غمِ اُمت
یہ تہٕ سوز گژھتھ روزہا بیدار مدینس

روے پاک تو والضحےٰ — موے واللیل اِذا سجےٰ
وصف چشمے تو ماطغےٰ — اِنَّ علَیكَ صلوات اللہ

لولاکک برس چھےٚ تاج
دین دنیا ژےٚ نیٚے کٔر محتاج



قاب قوسین چونے معراج
اِنَّ علَیكَ صلوات اللّٰہ

ناظم ہندی کینہہ نعتیہ شعر چھ بصری پیکرن ہندس صوٗرتس منز پرن والیس محفوٗظ کران تہٕ کینہہ چھ موٗسیقی ہندس اثرس تحت انبساط فراہم کران ۔ یم شعر پرنکی چیز باسان چھ یمن منز چھ تمی سُند بلند آہنگ وول لہجہ تہٕ مختلف تخلیقی ول پننہٕ اہمیژ ہند پانے اعلان کران ۔ کینہہ شعر چھ تتھی تہٕ یم شاعر سُند غمہٕ ہتہ لہجہ تہٕ سوز گداز ہتی تخلیقی وجود براونٹھ چھ ہیکان ۔ تمی سُندین نعتن منز یوسہٕ نغمگی وُچھتلان چھے سو چھے موٗسیقی غمہٕ ہتس لہجس تہٕ تہندس سوز گدازس تابع ۔

آمہٕ تاو عشقنہٕ دوٗد میے جگر باوکُس حال
مُنزرِ تھ بہٕ گژھہ ہا سینہٕ یے افگار مدینس

عشقہٕ تیر جگرس یس چون سوٗنے ہوشہٕ زاہنہ پیہ نہٕ تس سینہٕ افگار
روشہٕ پتہٕ کرہے پوشہٕ وتھرُنے لول آم چونے ہاو دیدار

بادام چشمو حال وُچھ میونے داد چانہٕ راتھ دوہ چھس بیمار
بلہٕ کتھ امہٕ دادِ کیا چھم لونے لول آم چونے ہاو دیدار

ناظم سُندین نعتن منز تہٕ چھ تتھی شعر نظر گژھان یمو شاعر ہنز ولاشعوری مجبوری یوکنی مجازی رنگ ہیو چھ روٗزمُت مگر کتھ چھے بنیادی طور حقیقتس کُن اشارہ ۔

زلف خمن کاتیاہ ماری لولہٕ تب بُچھ اُدی شہاری
پاری لگے چھم بے قراری ان علیكَ صلوات اللّٰہ






ناظمؔ چھُ اکھ تۄت عاشقِ رسولؐ اوسمُت تہٕ امیُک ثبوت چھُ یِمہِ قسمکی

شعر۔

سوے جاے بہتر بیش حق از کعبہ و از عرش
یتھ جایہِ بہتھ پانہٕ شہٕ سردارِ مدینس

یا رسولؐ عشقہٕ نار دٕزمیاٗز تن تےٚ
کٔنہٕ بُوزٕ للّٰہ وٕنہٕ ہے زار
بہٕ منٔے کوٗر نم چاٗنی عشقن تےٚ
کٔنہٕ بوز للّٰہ وٕنہٕ ہے زار

ناظمنی نعت پرٕتھ چھُ انسان یہِ کتھ تہٕ محسوس کران زِ سُہ اوس حضورنؐ اکہ مکمل نظامِ حیاتچ علامت تہٕ عملی پیکر زآنتھ فدا تہٕ بیٹھ کتھ بیٹھ اوسُس محکم یقین زِ تمام دادٕن تہٕ سلن ہُند دوا تہٕ حل چھِ فقط رسولِ اکرمؐ۔

چھنہٕ عشقہٕ تیچ زان کینہہ نادان طبیبس
نیٚلہِ بلہِ یہٕ تنب یِلہِ واتہٕ سُہ تبدار مدینس



University Research Journal

# ANHAAR

1992

# N'ATIYA ADAB

Supervision :
Prof. Margoob Banihali

Editor
QAZI ZAHOOR

Post-Graduate Department of Kashmiri,
Faculty of Arts,
The University of Kashmir,
Hazratbal, Srinagar-190006, Kashmir.

Printed at : Shalimar Art Press